

عادتِ کس نه پذیرفته‌ام
آنچه دلم گفت بگو، گفته‌ام
شعبده‌ای تازه برانگیختم
هیکلی از قالبِ نو ریختم

نظامی

کلچرل اکیڈمی ہندٕ کم کاسہٕ مٲلی امدادٕ
خاطرٕ تمہٕ ادارُک شکریہ۔ سہٕ ادارٕ
چھُنہٕ کتابہٕ اندر بآوی متین خیالاتن ہُند
کُنہٕ تہِ ذمہ دار۔

# قلمہ کش،،



## ** قلمہ کش

— (۱) —

کرٛفیو سپُد۔ سوٚ پٕنٛجُم پگاہ تُلن پانے۔ پگاہ نے کاآلۍ وۄتھی۔ مگر دوہ گیہ زیٖٹھان۔ اَتھی منز گوم شامہٕ ژھمبرِن ہیوٚ حض ماتفی یِردِہہ کُن پٲچِ تہٕ دوٚ بنٛم، کیا چھکھ نرِمرِہ وُٹھ دنیا جہالسَ روٗشتھ بہتھ۔ ووتھ تُل قلم تہٕ ہاو وٕنہٕ چھکھ زندے۔

حالیا غلغلہ در گنبد افلاک انداخت

رٕژھِ اکِس ژٕتھ دِتھ ہیوٚ تُم خدایہ سُند ناو تہٕ یاتھ کٔرتھ نیوٚم لیکتھ "کاشرافانہٕ تہٕ وارِکھاو" اَدہ بیوٚ وِ تہٕ قلم توٚت تام ٹھٹھِی، یوٚت تام نہٕ کرٛفیو تُلکھ۔ یِم مضمون چھ بذاتی تمی قلمہ کشکِ نتیجہ

دوٚتھی تہٕ کھوٚت تی برٕ قلم

ظاہراچھ یِمن مضموٗنن اندر تحقیقی تہٕ ادبی تُلہٕ تاج کنی وار بار طرح آری۔

کرفیو: ۱۹۹۰ء — (۲) —

یِم مضموٗن لیکھنہٕ پتہٕ کتا بنس تام چھ ترٛیشے وری گژھان۔ اَتھ وقتس درمیان ہرگاہ کانہہ مزید حوالہ نظرِ گوم، تتھ تہٕ ہیٚژم کاٚم

بیہ آو مضمون نظرِ ثانی بَنِتھ ہنا راد ژھوٹراونہ نہٕ عہ ستی بَنِتھ ۔ بَنِتھ
بنٕد بڈٕ نبز پہن اوسکھ، سُہ آکھ میٹھراونہٕ۔

یُلہٕ ڈاکٹر اقبال مرحومن "اسرارِ خودی" شایع کٔر، لوٕکھ ووٚدۍ حضرات
تٔل تس خلاف قلم ۔ حسن نظامی مرحومن دِتُس لغو کتاب نام فتوا۔
سید سلیمان ندوی مرحومن وۄنس "شگون نحس" تہٕ علّامہ مرحومس
لوٚگ نہ چارہ اخبار وکیل امرتسر ۱۹۱۶ء اندر مضمون لیکھتھ تمام
حضراتن جواب عرض کرُن۔

کأنسہ تہٕ قلم کارس چھُ گأنسہِ تہٕ متلق قلم تُلنُک حق، مگر یمس متلق قلم
تُلنہٕ ییہ، تس تہٕ چھُ جواب دِنُک حق دانان[1]۔ میٚنے ورتاوٕ دوستن
ہندین تحریرن پیٹھ یژ کال ژٕنڈ، تم ہرگاہ تہٕ تژھ ژٕنڈ ہاوَن،
توٚہ تبصرِہ تہٕ مہٕ تُلِن، تکیازہ دانَس چھَ ہرٕ تمہٕ دِے لاگُمژ۔

امین کامل
۵ اکتوبر ۱۹۹۳ء



---

[1] مضمون اتہٕ ۹ چھ پدٕون بشال ل۔ [2] یہ چھُ کتابُک تاریخ

# ** کأشر افسانہٕ تہٕ وارِ کھاو

—( ۱ )—

شیرازٕ، جلد ۲۴ شمارٕ ۳، ۴ (۱۹۸۸ء) چہٕ گوڈٕ کتھہٕ اندر چھُ دینا ناتھ نادم پنٕدِس گُذرنس پیٹھ افسوس کران لیکھنہٕ آمُت:

"نادم صأبنٕ شخصیت آس بسیار پاسل بیٚلہِ کأشرِ افسانک تواریخ لیکھو، نادِم صأبُن ناو آسہِ گوڈٕ نیٚتھے نَنہٕ تہٕ ۔ نموٗلیٚوکھ گوڈنیُک افسانہٕ جوآبی کارڈ۔" (ص۔۸)

اَمہِ برٛونٛہہ کہٕہ وُری ۱۹۷۶ء اندر ذوٗ پتہٕ انہارٕ جلد ۵ شمارہٕ ۸، ۱۹۸۱ء) چھُ ہردے کول بھارتی پننٕہ ذاتی رائے یتھہٕ پأٹھی دِوان:

"گوڈنیُک افسانہٕ یُس چھاپ سپدنہٕ برونٛہہ کُن آو، اوس شری دینا ناتھ نادِم سُند "جوآبی کارڈ"۔ اُتھی سیتی سپُد سومناتھ زتشی سُند افسانہٕ "یٚلہِ پھوٚل گاش" تہٕ شایع۔ بلکہ چھہٕ یتھہٕ متعلق متضاد رایہِ کأشرِ افسانس لوٚگہٕ جوابی کارڈ سیتی کَن کینہٕ یٚلہِ پھوٚل گاش سیتی۔ کینٛژن بُزرگ ادیبن ہُند وَنُن چھُہ زِ گوڈٕ آو یٚلہِ پھوٚل گاش لیکھنہٕ مگر چھاپ سپُد گوڈٕ جوآبی کارڈ[1]

[1] بھارتی صأبُن یہِ لیکھُن زِ چھاپ سپُد گوڈٕ جوآبی کارڈ، چھُہ داوان زِ تِمن چھنہٕ خبر باقی ص ۱۲

یمَن دوٚن برٛونٛہہ ہٕہن چھُہ جیالال کول پننِہ انگریزی کتابہِ سٹڈیزاِن کٲشُری ۱۹۶۸ء اندر لیکھان تہٕ خیال چھُم یوہے چھُہ بھارتی صاحبُن بُزرگ ادیب تہٕ اُمہٕ سے چھُہ یوٚ چارٕدی کرمژ۔

"ینٛہ کینٛہہ ہیکو نہٕ اِنکار کٔرِتھ یِ ؤسی پانہٕ زاہنٛہ تہِ قبالی حملہٕ کِبن دوٚہن گیٚنٛز وأدیبوٚ خاص کٔرِتھ نادمن، روشنن تہٕ زتشی ین نثرٕ تہٕ افسانہٕ لیکھنچ لیماندلا کوشش۔ اَتھ منز اوس نادم ایجاد کار۔ اگرچہ تمی زون یَل زِ افسانہٕ نویسی چھُنہٕ تمٕسند مادان تہٕ تراوِن اپُر کل" (انگریزی پیٹھہٕ ترجمہٕ[۲])

یِہنٛدِ کیاہ لیوٚکھ تہٕ کیاہ تہٕ لیوٚکھ تِہندِس لیکھنَس ہیکو تِہند انانبرٕ ونِتھ۔ پوٚز ییلہٕ تمہ دِنادِم صاحب کاشُر افسانکہِ اَمہِ تواریخی بجروٚک دِنادیہ پانس کَلَس گنڈِ، اِنسانس چھُہ اَتھ غلط بیانی پیٹھ لازمن تھٔچھُن ووٚتھان۔

نادم صاحب اوس پانس تھُر کھالنہٕ خاطرٕ (بے ضرورت) وارِیاہ ژھلی ژھوٚمبہٕ ونٛاوانٛ ییٚنہٕ پاٹھی اَزنہٕ اَسہِ منز اکھ ادیب تمٕس ہے ژھد راٚزکران چھُہ، مگر اکھ وَق چھُہ وانان بیلہٕ کاتِہہ نتہٕ کاتِہہ بَہی کھانہٕ پھِران، لکھہ جوٗران تہٕ ہیوٚت دُین نوٚن کڈان چھُہ۔ نادم صابُن اکھ انٹرویو چھُہ جَمہِ کِس انگریزی روزنامہٕ کشمیر ٹائمز آتھوار، ۱۰ اپریل

---

یِم دۆشوٕ افسانہٕ گیہِ بکوٚٹہٕ چھاپ۔ یِمی کاتِبہٕ تمٕس ووٚنمُت چھُہ زِ اکھ آوگوڈ لیکھنہٕ تہٕ پاکھ گوٚدگوڈ چھاپ ماسہ چھُہ محض وَتہٕ راوُل۔

[۲] امہٕ برونٛہہ چھُن سون ادب ۶۳ء (ٹائٹل کوٚرِس غلطی کِنہٕ ۶۴ چھُپیتھ) اندر "ییلہٕ پھوٚل گاش" کِس عکس اندر لے دِژمژ۔

۱۹۸۸ء، (ص ۱۲) کِس شُمارس اندر شایع سپُدمُت۔ اڈیٹرن چھہ انہٕ پننہٕ طرفہٕ کھ نوٹ لیٖوکھمُت زِ یہ انٹرویو اوس وادیاہ کال برونٹھہ ہینہٕ آمُت، امیُک ناز نام گوٚو دیتھ پتھ روٗزِتھ۔ دوہ ژھیِن اُسی یہ نادم صابنہٕ مرنہٕ، پتہٕ تہنز گوڈن گمبوے پٔتر شایع کران۔ نادم صاب چھہ انٹرویو ہینہٕ وأنس کِس تال روینؔدر کولہٕ نس اکِس سوالس جواب دوان ونان

"I WROTE THE 1ST STORY IN KASHMIRI — JAWABI CARD"

یعنی میٚے چھُہ کأشرس اندر گوڈنیُک افسانہ "جوابی کارڈ لیٖوکھمُت"

شیٖرازہٕ اگست ۱۹٦۷ء کِس "اڈیک کأشر افسانہٕ" نمبرس منٛز اَس میٚے گوڈنکہٕ کأشر افسانچ بیتھہٕ پاٹھٕ نٔو نشاندہی کٔرمٕژ:

"قومی کلچرل کانفرنس کِس ۲۵، فروری ۱۹۵۰ء کِس ادبی جلسس منٛز آو گوڈنیُک کأشر افسانہٕ پرنہٕ تہٕ ناو اوسُس "یٚلہٕ پھوٚل گاش" تہٕ افسانہٕ نگار اوس سومناتھ زُتشی ۔ ۔ ۔ ۔ گویا سومناتھ زُتشی چھُہ اظہارکٕ نوٚو وسیلہٕ کأشرس ادبس دِوان تہٕ اختر محی الدین چھُ انہٕ وسیلس کأشرِ ہُنز عام زِندگی نزدیک انان۔ اکس چھُہ ایجادکاری مُنٛد تہٕ بیٚیس چھُ یہ ایجاد صحیح ونہٕ لاگنُک سہرٕ۔"

اَمہِ افسانہٕ نمبر پتہٕ آیہِ کأشرِ افسانن مُتعلق گوڈنچہٕ لٹہٕ کینٛہہ تنقیدی مضمون لیٖکھنہٕ۔ یِمن منٛز گوڈنکہٕ کأشر افسانچ ذکر چھہ سپٕدمُت۔ مثلن ہری کرشن کولن "کأشر افسانہٕ کتہٕ چھُہ" (شیٖرازہٕ، مارچ ۱۹۷۴) بشیر اخترُن "کأشر افسانہٕ تہٕ افسانہٕ نگار" (سون ادب کشمیر نمبر ۱۹۷۷ء) اَمِس تہٕ چھےٚ سوے غلطی یوسہٕ بھارتی صابس چھےٚ گژھمٕژ۔ مرحوم جی۔ ایم آزاد سُنٛد "اڈیک کأشر افسانہٕ" (شیٖرازہٕ، نوجوان نمبر ۱۹۸۲ء) یمو مضمونٕ نِگارو

چھُہ کنِہ حدس تام شیرازٕ اگست ۱۹۶۷ء کُے دیباچہِ پٔنُن وَنہٕ ہاوُک بنوومُت۔

سومناتھ زُتشی اوس کلچرل کانگریسس سیتی اَندٕ وَندکلہِ نلہِ وابستہٕ۔

امہِ برونٛہہ اوس یہِ "پروگریسو رایٹرس لیگ"[3] ناوچہِ انجمنِ ہُند اکھ پُرجوش رُکن۔

یہِ انجمن آس بھارتس منٛز لیکھارین پانہٕ وٕنی اکس مرکزس پیٹھ سمُٹ کرناوان۔

کٲشرِ اندر نیہِ گیہِ یہِ انجمن ۱۹۴۲ء اندر قایم۔ زُتشی اوس اردوٗ پٲٹھۍ افسانہ لیکھان

تہٕ امیٖ حوالہٕ آسس ناتان تہٕ کلچرل کانفرنسس منٛز اوس ہرکانسہِ ادیبس

تہٕ شاعرس زانِتھ ماننہٕ کٲشرِس گژھنُے لمنہٕ پیوان۔ زُتشی تہٕ پھیوٗر کٲشرِس کُن[4]۔ شاعر

اوس ہٕ نہٕ شعر وَنہٕ ہے، تہٕ اوس افسانہ لِگار۔ چنانچہ ژُندنہٕ بیٛدر نوٚ ژُس تہٕ

لیوکھُن کٲشرِ پٲٹھۍ افسانہٕ 'ٹیٛلہِ پھوٚل گاش' یُس اکھ تواریخی مقام لوٚب۔

دینا ناتھ نادم گذریوو توجہِ وَنہٕ۔ مگر زُتشی صاب چھُہ دُنہِ حیات۔

اوٚکنیٛہ ہیٚکہِ کاتھہ تہٕ شایانہِ بیٚتھ واتساگی متعلق تس پٮ۪ر ژھش کرِتھ۔

—( ۲ )—

ٹیٛلہِ پھوٚل گاش آو اصلی جنوری ۱۹۵۰ء اندر لیکھنہٕ تہٕ ۲۵ فروری آو

کانفرنسہِ چہِ ادبی محفلہِ منٛز پرنہٕ۔ یہِ گوو گونگ پوش ژٕ نفر ۲۰۰۶ ( اپریل ۱۹۵۰ء) کِس شمارس

اندر شایع۔ افسانہ لیکھتھ ترتیبہِ رٕٹیٛتھ اوٚکنیٛہ زِ ستمبر ۱۹۴۹ء پیٹھہ اپریل ۱۹۵۰ء "تام

گونہٕ کونگ پوشُک کانہہ شمارہٕ چھاپ یتھ منٛز یہِ نیرِہے۔ امیُک اظہار چھُہ "نینٛز کتھہِ"

اندر بیتھہ پٲٹھۍ سپدمُت:

---

[3] ۔ یہِ پیٚیہٕ پتہٕ 'انجمنِ اربابِ ذوق' ہس اندر تبدیل۔ سیکرٹری اوس زُتشی۔

[4] ۔ اکوے افسانہ لِگارٕ ہُیُس ہٕ چِھنہٕ کرٕ کرٕ تہٕ کٲشرِس کُن پھیوٗر چھُہ تیمے بہادر بھان۔"

"تفریٖن گیہٕ پانژھ ریٚتھ ییٚلہِ کونٕگ پوٗشنُک پرچہٕ اسہِ توٚہہ برونٛہہ کُن پیش کوٚر مگر اسہِ چھِ سیٹھاہ شرمندٕ زِ اسہِ ہیٚوک نہٕ ؤنِیکُ "نام دوٚیِم پرچہ پیش کٔرِتھ"۔

امہِ افسانُک پوٚت منظر چھُ ییہِ ـــــ ۲۶ جنوری یومِ جمہوریہ مناونہٕ خٲطرٕ آسہٕ سرکٲری سطحس پیٹھ کالہٕ پیٹھے نوٚو شوٗرسان نیٛاٲری سپدان۔ چلِے کلان آسنہٕ کِنہ اوس نیٛرِنہٕ سینٛتی یہِ گرٛٹھان۔ شین اوس رزٕ و رزٕ وسان تہٕ تِتھرِس پیٹھ تہٕ اوس بیداد پاٹھۍ سمیٛوٗمُت۔ امہِ وزِ چھُ زُتشی صاب کیلاش ریسٹورنٹ امیراکدلس نِشہ اکہ تماشُد واقعہٕ وُچھان۔ ییمیُک ذکر افسانس اندر ییتھہٕ کنہ چھُ سپدمُت۔ (TRAGIC)

"روٗسُل توٚر کدلہٕ تہٕ وُچھن یِہ گوٚرٕ ہن شینس پیٹھ بہتھ اکس دکانِ کِس وٕرج اینٛس تَل۔ ہلم اوسُس وٕہرِ اوٚنتھ۔ تمہِ تہٕ اوس بوزمُت زِ پگاہ نیر جلوٗسہٕ بیٚیہِ اوسُن ییتہٕ بوزمُت زِ پگاہ گژھن سارۍ آزاد پوٚرٕ پاٹھۍ۔ امہِ کوٚرِ وُذن روٗسلس کُن "نبی کریمؐ کرِی ژبیے نہٕ آزاد" تہٕ چانس اکِس اولادس تہٕ آزاد۔ اکھ پوٚنسا دِنہٕ"۔ روٗسُل اوس اَمِس کُن وُچھانی زِ اوٚرِ تُر اکھ فوجی ٹرک تِھپنک سینہٕ چیران کُدلس تہٕ بوٗزِن اَمِس کوٚرٕ تُنہِ دوٕہرِ اوٚنتھ ہلم شینہٕ سیتۍ"۔

زُتشی صابنہٕ دِلن کھیٛیہٕ گمانے تہٕ اُمی سوٗرچ زِ مُلک تہٕ گو آزاد مگر یہِ مفلسی کو نہٕ چھِے ژلان، یہِ کمٕ ژلہِ۔ نتیجہ دراو یہِ افسانہٕ ییوٚ لیکھنہٕ۔

افسانہٕ لیکھنہٕ گو زُتشی صاب وادرٕ ٹہنہٕ کِرِ ماہنامہِ، ملس ٹیکہٕ مُشی دِ "نام، نادم صابس ہاوُنہٕ۔ تمۍ پوٚز تہٕ وُذن تَس اَتھ پیٹھ والنۍ محفلہ منزٕ اَدچھہِ۔ اَدچھہِ والن آکِ

آسۍ نقاد بُجھنہٕ کینٛہہ اشتراکی پاسکدر۔ اکہِ دوہہ (۲۵ فروری) ییٚلہٕ تمم پاسکدر کۍتہٕ "نامٕ آو ورۍ آسۍ زُتشی صابن ییٚو ' یاشا کرِتھ" محفلِہ اندر افسانہٕ پرٛتھ۔ امیُک رپورٹ تہٕ چھُہ "ساڈ کلچرل تحریک" عنوانہٕ اَتھۍ کوہٕ نگ پوشس (اپریل ۵۰) اندر موجود۔

پُتھ مس رتنس منز سپدۍ حسبِ معمول زٕ جلسہٕ۔ اکھ سپُد ۱۱ فروری تہٕ بیاکھ سپُد ۲۵ فروری۔ یمن منز آیہٕ نوٕ کینٛہہ تہٕ تریے نظمہٕ پرنہٕ۔ اکھ کتھ "ہل چل" پرٕ حبیب کامران صابن۔ یہٕ آس اردوہس منز۔ بیاکھ پرٕ سومناتھ زُتشی یَن۔ یہٕ آس کاشرِ زبانہِ منز "ییٚلہٕ پھول گاش"۔

محفلِہ اندر آسۍ لکھاری یوٚت۔ افسانس میوٚل ییٚلہٕ پاٹھۍ داد۔ ساری آسۍ یکرائے زٕ کاشرٕ زبان سپدِ اَمہٕ نوٚوہ وسیلہٕ کنہٕ مالامال۔ یہٕ چھُہ زُتشی صابُن اکھ بوٚڈ بوگدان۔

ییٚلہٕ کوہٕ نگ پوش اپریل ۵۰ شمارہٕ چھپنہٕ آو، اتھ منز اوس زُتشی صابنس اَتھ افسانس لرٕ لوٚر نادم صابُن جوابی کارڈ' تہٕ چھپیوٚمُت۔ یہٕ نہٕ اوس اوٚتنا م زٕ نٛہہ پرٕنے آمُت تہٕ نہٕ آس اِمِچ کُنہِ وزہ کانٛہہ ذِکرے سپنمُت۔ نادم صابنٕ بنہِ دوٗراندیشی پٕترِ داد دیُن زٕ یہٕ افسانہٕ لیکھتھ روٗد زُتشی صابس کتھۍ لرٕ —
دانشس آید بکار آید۵

—( ۳ )—

زُتشی صابنٕ افسانہ تہٕ چھپیوو، مگر نادم صابنٕ اوس اَتھ پننہِ طرفہٕ اکھ بِہ[۱۲] سطری پیرگراف ہُرِ ووٚمُت۔ تکیازِ ییٚمہِ آیہٕ زُتشی صابنٕ افسانہٕ ختم اوس کوٚرمُت

۵۔ یہٕ افسانہٕ دِتاو زُتشی صابس پھِرتھ۔ پننہٕ لیکھنہٕ تمی کاشرِ پاٹھۍ افسانہٕ۔ وَجہ چکاونک چھُنہٕ یہٕ موقہٕ۔

سُہ اوس کیٚشرِ ہِندِس سیاسی پوٚت منظرس منز بھارتی حکوٗمژ ہِندین مفادن تہٕ کیٚشرِ اندراشرٛاکی پالیسی خلاف گژھان۔ نادم صابن آسہٕ س ظٲہرا بےٚ چیٖز سیٚزٕ راوٕنہٕ موکھ نَس ژھرٕ مژ۔ یہ رٲچھِ راوٹ آسی مین محفلن اندر سپدان تہٕ مےٚ گو آہی اُتھی ساٚنی کلچرل تحریک اندر میلان چھُہ۔

ساٚنین یمین جلسن منز یم چیز پَرنہٕ چھہِ یوان تِمن ہیٚتھ چھُہ پوٚز بحث سپدان تہٕ آیا یِم چھا فنی لحاظہٕ مکمّل بنیہ ما چھہِ ترقی پسند نقطہٕ نظرہٕ نشہٕ ڈلان[۶] (ص ۲۲)

نٲشی صابُن افسانہ اوس "انگریز تہٕ وَل شین کو نہٕ گوٚل" لفظو ہیٚتھہٕ سیوٚدُے "بجن سٔرکن آسہٕ لوکو شینک سینہٕ چیرتھ دَنہٕ کجمژ" پرگرافس ہیٚتھ واتان۔ نادم صابن آسہٕ س منزس "لالہٕ چھُہ بوٚڈ" "اسی کٔر بآدی لوکو" ہیٚتھ "بیب لگُس حیران سپدِتھ تھٕلہٕ تھٕلہٕ وِچھنہٕ" "مجلس تام پوٚز ہنہٕ سطرہ واجمژ۔ بدقسمتی کِنہٕ چھُہ نادم صابنی یہ واتٕہ چھل اُمہِ افسانچ بڈ خامی بنےٚ مژ تکیازِ اصل پلاٹُس سیٚتی کانہہ آسٕہ ٹ واٹھ نہٕ آسنہٕ وِد آسے چھُہ نادم صاب یمَن سُطرن منز انگریزس خلاف نعرہ بٲزی کران ییٚتھہِ سیٚتھ نٲشی سٔندِ افسانُک اصل مسلہٕ تہٕ تاثرہا یہ چھُہ گژھان۔

"ژہ منگو بآزی گاہ تہٕ کو نانکھ۔ لَچھہِ ہٕدی بآزی گار۔ اسہِ چھہِ بآزی دِتھ تِم چیران۔ مُہتھ مآرِتھ نوان۔ سانٕز محنت، سون غیرت، سانٕز ہمّت۔ ہمت نےٚ نہٕ، نےٚ نہٕ، نےٚ نہٕ۔ روٗسلس کھوٗن ختم تہٕ ہیوٗن گرہٕ ژُن..... بآزی گرہٕ ڈِرہٕ نہٕ ییٚتھہِ، بآزی گر چھُہ نبر کڈُن......!!"

---

۶ : اتھ آسی "خاطنی ادب" دنان۔ "بہرحال کلچرل محاذ بنیتھ لگو اکو ممبر نوٚو خاطنی ادب لیکھنہٕ" (کونگ پوش نمبر ۱۹۴۹ء ص ۲۲)

یہ پرگماف نیبر کڈتھ دِیُس ہٕ افسانہٕ لگارسٕنز تخلیق چھُہ تہٕ افسانہٕ کس سائرِی پلاٹس پیش چھُہ دوان ) چھُہ بیلہ پھول گاش جان افسانہٕ۔

ناآدم صابن ووٚن کشمیر ٹائمزکس انٹرویوس منز زِ گوہ ڈنیک کاشر افسانہٕ چھُ نمی لیوکمُت یہ سونچتھ زِ نشی صاب کتہ لگہم نُبتہِ مگر ——

حق تہٕ آوتھ مازیوس پرچھس
دِستر نٔرکس آیم بٔرے (نندہ ریوش ؒ)



## اکھ خط

یہ مضموٗن گوشیرازٕ شمارٕ اکھ ۱۹۹۱ہس اندر چھاپ ، اگرچہ بأذ ردٕ ثأو ۱۹۹۳ ہس اندر میانی اکھ دوستن یُس کشیرِ نیبر چھُہ اوس یہ پوٚرمُت ۔ تمہٕ سوٗز میٚے چِٹھ۔ بٹہٕ ذِکرِ ہنٛز زِ ذیٚیے چھنہٕ ناآدم صابس نٕٹ کرُمژ میٚے لیوٚکھمُس دٕ جواب زِ ناآدم صاب اوس شاعر۔ تَندِس شاعرانہ بحرس لُس نکارس ہیٚبیہٕ سُہ چھُہ یا نہٕ چود نتہٕ چھُ غرض اوٚن تَندُیُٹ چھُہ بلینک وُدس ، فری وُدس او بیرا بیترِ۔ مگر نہٕ اوس سُہ اوتار نہٕ چھُس بہ اولیاءُ اللہ۔ کمن کمن بہلہِ پایہِ شخژن چھہِ پلو آہنی کڈنہٕ۔ اُسی کتھ گرٕنز چھہِ۔ اونرے پوٚرمُم "ہندوستان ٹائمز" (۲۷ جُلے ۹۳ء ص ۱۲) اخبارس اندر زِ آینسٹائن سنٛز ذاتی زندگی پیٹھ چھہ لندنس منز اکھ کتاب دراہٕژ۔ اخبارن آسی تمہِ اندر کینہہ واقات نقل کری ہٕنز۔ یہ ہیوٚس آسمانہ زِ یوٚت عظیم سائنس دان نہٕ پینٛزٕ وسی پایہ ذاتی زندگی۔ اُکینہ پتَن نہٕ ووہٕژ نکلنہِ۔

بیا کھ کتھ چھ اُمی دوستن بہ لیپچھہ زِ سومناتھ زتشی صابن تہٕ موہن زگوڈنیک افسانہٕ چھُ جوابی کارڈ ۔ میٚنے لیوکھُس جوابَن زِ ہرگاہ تمی موہن جاہنے گو، میے کیا وایے چھُ مگر نیلہ گرٕٹھِ زُتشی صاٰبس پزٕ ٹھن زِ پٮ۪نہٕ مہن تزہنٚ وٕدیَن رٔدد اوپن اتھ بہ اکھ اختلافی مسلہٕ زِ بیٚلہ بہوّل گاش چھا گوڈٕ آمُت لیکھنہٕ کنہٕ جوآبی کارڈ۔ سہٕ تہٕ اوس بہ ؤچھان تہٕ پران ۔ تمیٚ کوٚہ کھوٚل یمَن وٕدیَن ژٕ تہٕ آس یا قلم تُلتھ دوٚنُن زِہے بایوگوڈٕ آوجوآبی کارڈ لیکھنہٕ ۔ میٚون یہ مضموٗن نیرِتھ کیاز پیوٚد تمِس ناٰدم صاٰبنس حقس اتھ دسبردار سپُدُن؟ یہ چھُ اکھ اہم تہٕ بامانہٕ نوہ کتھ ۔ بیبہ گرٕٹھِ نیلہِ زتشی صاٰبس پزٕ ٹھن ـــــــ

۱۔ بہ چھُنا صحی زِ آمہ افسانُک بنیاد چھُ سہٕ تہٕ اُسُد واقہ یُس میٚنے بیان کوٚرمُت چھُ ۔ ؟

۲۔ کیاہ افسانہٕ لیکھنہٕ گوٚو ناسہٕ ناٰدم صاٰبس لوزناوتہٕ تہٕ تمی دوٚلنس زہ اتھ پیٹھ والنے ادبی مجلسہِ اتھ اَدچھ ۔ ؟

۳۔ کیاہ ناٰدم صاٰبَن چھُنا اتھ نمہٕ بٔہ سطرِ ہُریا دمزٕ مَن کُن میٚنے اِشارٕ کوٚرمُت چھُ ۔ ؟

۴۔ کیاہ ناٰدم صاٰبن یا بیٚبہِ کانٕسہِ اوسا کُنہِ مجلسہ اتھ بیٚلہِ پہوّل گاش بردٕنہہ کانٕسہ افسانہٕ پوٚرمُت ؟

ہرگاہ یہ سوٗرے میٚنے صحی چھُ لیوکھمُت نیلہِ کتھ تہٕ کیتھہ پاٹھی ہیٚبہ زُتشی صاٰب پوٚنت ۔ زُتشی صاٰبن چھُ پانہٕ میٚنے یہ سوٗرے کینہہ وٕدمُت تہٕ موٗمُت ۔

اُمی دوستن چھُ یہ ژَ لیۆکھمُت، ژِ کرِ آکھ پانہٕ کلچرل کانگریسس اندر؟ ژِ یێیے کَنہٕ گێیِ تمِہ دَفتَکی حالاتہٕ مولوٗم؟ میێے لیۆکھمس ژِ "یاوُن ہیٚہ"[۶] کتابہٕ اندر چھُ باقی ترقی پسند ادیبن تہٕ شاعرن سٟتۍ میانۍ ناو ہیٚنہٕ کُنۍ کرنہٕ آمُت — "امین کامل بہم ترقی پسند تحریکس سٟتۍ ۱۹۴۹ہس اندر آیہ تہٕ امیُک اکھ سرگرم کارکُن بنیاو" — لہٰذا چھُس بہٕ پانہٕ تِیلہِ کالہٕ کہین واقاتن گواہ۔ نوٚنہِ اکِس مُحقّقس پنُنۍ خاطرٕ چھا نَتہٕ وقتس اندر خود دِنلات آسُن ضروری یَتہٕ متعلق سُہ کانہہ واتسگافی کرِ؟ — لل دیدِ ہنزِ زندگی ہُند کانہہ نوٚو پاس نٟرِ داوَن واتِلِس دَپِوا ژِ اوسکھا پانہٕ تَتہٕ زمانس اندر؟ دُھپُن چھُ آسان ثبوت تہٕ دلیلۍ تِموِ ورائے کیتھہٕ کرِنہٕ گووتو ہٕس دَل دِیُن۔

## (کُنۍ شِینچھ)

نادمن چھُ ساقی صابس یہ کُنۍ شینچھ باوٕ مژٕ ڈرامہ تُسند افسانہ سپُد ۴۸ء اندر زنشرتہٕ زنشی یَن لیۆکھ فروری ۴۹ ہس اندر[۷] حالانکہ سُہ چھُ ۵۰ء کۍ تخلیق تہٕ نادم کوٚر دکھ پانہٕ زورِ ظُلمہٕ ۴۸ہس اندر کاشرس کُن راغب[۹] پانے سوٚنچو ۴۸ء ہس اندر آسی ریڈیو بابتھ پرٕ ما ثہٕ زِ غلام رسول نازکی تہٕ عبدالحق برق پوٚہ ہوٚری یس ڈراما ناوس بیٹھ کیاہ ناو "مکالمہ بازی" لیکھان، تہٕ اوس منہٕ کُنہٕ ڈراماتہٕ نثرٕ[۱۰] افسانہ چہ چھنہٕ کنھے۔

نۍ کتھ تالہ بیٹھ کُنۍ شینچھ تہٕ

---

[۶] یادن ہیٚہ، مرتبہ امین کامل و عزیز ہارون، ۱۹۵۱ء صفحہ ۱۵۹ مکتبہ عوامی ادب سرینگر
[۷] شیرازہ نادم نمبر، نومبر ۹۱ء ص ۲۷، [۹] ص ۲۶۵ [۱۰] رسالہ آجکل دہلی کشمیر نمبر نومبر ۷۸ء (مضمون قیصر قلندر)

# ** نوٗرنامہٕ تہٕ کاٹھ قلم

**نوٗرنامچ کراماتھ :**

۱۹۶۵ء اپریلس اندر ہیوٚ بیوٚ ومیون نوٗرنامہ بازر، اگرچہ یہ اوس ۱۹۶۴ء اندر تیار تہٕ کتابت سپدمُت۔ امچہ اہمیژ ووت نہ کانہہ، ہرگاہ ووت تہٕ، یاوَر نأوِن ژھوپہٕ، نتہٕ کڈِن کیٚنہہ۔

امہِ نوٗرنامہٕ بروٚنہہ اٚسی نوٚڈ بڈیم ۲۴ صفحٕ کینہہ روایتی کتابچہٕ شایع گأمتی یمو کٕژن تامے شیخہ شرٕ وکین للہ کھوٚل اوس کوٚرمُت۔ نِنتےٚ اوس سون نَژن پھِیژن تہٕ نِنتےٚ اوس سون نُندہ ریوٚش۔ نوٗرنامہ اوس گوڈنچ تأریخی سومبرن یتھ منز اٚمی سندی ڈاے ہتھ ہیٚٹھی شُرکۍ چھاپ سپدی تہٕ یتھہٕ پأٹھی کوٚرن شیٚخہٕ ہنہٕ وٕہری اٚہنزہ شأیرانہ شخصیژ ہند اٚفتابہ روٗشن۔ اٚمی دِبُت گوڈنچہ لٹہٕ اہندِ سنسکرتی تہٕ پنڈتی کلامُک پَے تہٕ تمکیٚ نأوِن نوٚمونہ اٚہندِ "سہزانند" آنکُ دِنُن نیب تہٕ یتھہٕ پأٹھی لوٚگ یمن متعلق اکس نوٚہ سونچن ترأیہ وُٹش۔ اٚمی نوٗرنامن کوٚر گوڈنچہ لٹہٕ نندہ ریوٚش کأشرِ کلچرکہِ کاشہٕ آگری رنگی پیش یُس کشیرہ منز روٗحانی تہٕ تمدنی وراثژ ہند کنیٚ رآچھدَر اوس۔ امہِ بروٚنہہ اوس یوٚہے نندہ ریوٚش، یمۍ دَ تمۍ، نصر یا بہ سنزہ یچہ اندر اکس ہمٕنوٚکھ درویش سندہ رنگی پیش کوٚرمُت تہٕ کاہہ گوم بے مقصد پأٹھی پھرنأونہ اوسُس کراماژ کرناوان۔ اٚمی نوٗرنامہٕ سٕنز

آیہ ساداتن تہ ریشن ہنز سۄ مُژکری تہٕ بڑونہہ کُن، یتھ منز ساداتن
حکومتک پیٹھ اوس تہٕ ریشن عوامک ڈۄکھ[۱]۔ اُمی لۄ رنامن دیت، ہُمنا
ژھعآرتھ، کشیرِ اندر اسلام واتنک تواریخی پوٚت منظر، تنتہٕ اوس چھرا
پیتے ونہٕ یوان زِ حضرتِ بلبل[۲] شاہ سندہ سعتی بنیو ویتہٕ مسلمان تہٕ
حضرت شاہ ہمدانن[۳] کرلۄ اسلامی شریعت جاری۔
ہیوٚرن کوٚر رسل میر زنہٕ، لۄ رنامن کوٚڈ نندہ ریوش نوٚن۔ تمی سُنہ
عظیم سماجی مرتبک قومی احساس کوٚرن بیدار۔ تمس پیٹھ آیہ کوڈنچہ لِکتابہٕ
لیکھنہ، رسالن ہندی خاص شمارہ کڈنہٕ تمی سندِ ششصد سالہ جشن مناونک
وُتلۄ وُن ظوٗن۔ ژارس تام محدود و رسہٕ بجایہ وآژ تمی سنز آواز تہٕ
شخصیت کالجن تہٕ یُونی ورسٹی ہندین سمنارن اندر۔ تمس پیٹھ آیہ مقالہٕ
لیکھنہٕ تمی سندہ فنکی نوی نوی گوشہ آیہ وُٕنی راونہٕ۔ اَمہ بڑونہہ نہٕ
اوس یوٚہے نندہ ریوٚش، مگر ئہ اُس دِلن یہ دُبرارے تہٕ نہ اوٗس
دماغن یہ باش۔ لۄ رنامہٕ کہو ڈالیو ہتو شُرکہو تہٕ محض ترٚ[۱۳] واہ وٗرِ قی
دیباچن کوٚر یہ تاریخی ژکی پھُیرس

یک چراغی است درین بزم کہ از پرتو آں
ہر کجا می نگری، انجمنی ساختہ اند

---

[۱] سلطان سکندر، جناب میر محمد ہمدانی، سید حسن بہادر، سید تاج الدینؒ سہہ بٹ تہٕ دویم سادات آسی
بانہٕ وآنی عشتعآوی اندر گنڈنہٕ آمتی۔ اَمہ کنہ تہٕ سپدی سادات جاگیرن ہندی مالک تہٕ اقتدارس
اندر لوٚبکھ عمل دخل۔ [تفصیلہٕ خاطرہ وُچھو کھ تواریخ تہٕ تذکرہ]

گوڈگوڈ گوڈ گوڈ لُوٗر نامہ کہو خیالا تو کنٕہ واریاہن ژٔس تہٕ جذباتن ہُنٛد گژہکھ ۔ پوٚت پوٚت آیہ میٛے بدَ رَد تہٕ وَننہٕ ۔ بدٕ اعتقاٗدی ہُند دُوش تہٕ کھارنہٕ ۔ یُونی ورسٹی ہنزِ اکس مجلسہ منز یلہِ میٛے خطِ ارشادس متلق پنُن مضمون پوٚر ، صدرِ محفل پروفیسر شمس الدین احمد صاب سیٛدُ تیُوت نار وتارنہِ قہ دِرتن کرٕ یاٚری محفل آس صرف وہ ستا دن ہنزِ ے یاٚر ۔ مالہِ ووت اوٚت پیٛھ نہ کینژن بزرگ " مولاناہن " ہِندی اکی وَفدن کرٕ کوشش بہ اکیڈمی اندرہ کڈناوُنچ تہٕ[۲] ۔ شیرازہ کس نٔندہ ریٛوش شمارس اندر آو میٛے ٹھاک کرنہٕ پنُن کانہہ مضمون دِلنَ ۔ بہٕ کتھ چھٕ تٔمہِ کس دیباچس اندر داغٕ نہٕ " میٛے ہیٛوٚ کیتہٕ پنُن مضمون یتھ منز شاٚمل کرِتھ ، حالاتن ہند وارِ ولٕتارنہٕ آسنہٕ سببہٕ (ص ۵) اُمہٕ بروٚنہہ تہٕ یلہِ لُوٗر نامہ تیار سیٛدُ تہٕ اکاڈمی ہندی سکر ٹرین بوٚزی دیباچہ خاطرہٕ میانی خیالاتہٕ، سہٕ ووٚنم " سو رُٔے گوٚ پوٚنز گرٕ لوکری رٔچھنی گوٚ زیادہ جان ۔ " اورکُن تہٕ چھُ لُوٗر نامہٕ کس سرِ نامس اندر اشارہ ۔ " اُسی یمہ آنداز یمہ کتابہ ہنزان لیکھنی آسی ژٕہان ، سہٕ سیٛدُ نہٕ کینژن مُشکلاتن کُن وُچھتھ ممکن ۔ اَوکنی کرٕی اُسہٕ پننی خیال واریاہ کینہہ مختصر تہٕ پابند ۔ "

آخر بہٕ سو رُٔے کیا زِ سیٛدُ ؟ محض اَوکنی زہ کینژن بزرگاٚ ری خیالاتن اوٚس ٹاس پوان تہٕ تمن اوٚس گوڈنچہ لُہٕ علمی تہٕ تحقیقی میٛنہٕ تل

[۲] یمن منز آسی تہٕ صدرِ مفتی مولانا جلال الدین شاٚمل ۔ تمو اوٚس لُوٗر نامہ بڈہ پسند کوٚرمُت

نگان۔ مگر پزٕ پٕکس سہلابس کُس سۆ تہ گنڈ یہِ نہٕ۔ سُہ چھُ پَنٕ ژٕلِہن پانسٕ کڈان۔

۱۹۷۴ء اندر ڈرایہ کشمیر کلچرل آرگنا ئیزیشن کہ طرفہ علمدار (۱) تاوی اُردو پاٹھی اکھ مضمون سۆمبرن۔ اَتھ منز چھُ مینے تہ میانس لۆرنامس پیٹھ ژکھہِ ہِش ہُمراونہ آمژ۔ دعوا بادلیل ہیٚے آسہِ تہ نالہِ پیٹھ، نتے ژٕھرٕے کوہ دِگائی آسہِ تہ فایدہ؟

## عظیم مگرِ غلط

غلام نبی گوہر صاب چھُ پنٕہٕ لِس "ریشی نامے" مضمونس اندر لۆرنامس متلق لیکھان:

> " یہ پہلا شائع شدہ مجموعہ ہے جو متعدد خامیوں کے باوجود اہمیت کا حامل ہے ..... فاضل ترتیب کار نے اس مجموعے کے مقدمے کے طور پر ۱۳ اوراق پر مشتمل ایک تعارفی اور تحقیقی مقالہ سپرد قلم کیا ہے جس میں کئی ایک تحقیق طلب مسائل کی طرف نشاندہی کی گئی ہے۔ البتہ کچھ پیچیدہ اور نزاعی مسائل کو بھی اُبھارا ہے ..... اس انبوہ اغلاط کے باوجود لۆرنامہ عظیم اہمیّت کا حامل ہے کیونکہ اس کا مقدمہ اہم تحقیقی امور کی نشان دہی کرتا ہے۔"

'لۆرنامہ کہٕ بجرک اندری احساس آسنہٕ کنہٕ چھُ وَننہٕ آمُت زِ امیک مقدمہ چھُ "اہم تحقیقی" مانہٕ نٕلان۔ مگر بہٕ وَنہٕ کن چھُ اَتھ بیانس تہٕ بھِیش آمُت وِنہٕ

"مگر یہ مجموعہ تاریخ وتحقیق کے طالب علموں کے لئے رہبری
کی بجائے گمراہی کا باعث ہوگا۔"

گوہر صٲبن چھ جُملہ بآزی کٔرمٕژ، مگر ییٚمن یوہ سہٕ عظیم اہمیت دِنہٕ آیہ سو
چھکھ نہٕ وٕنہٕ ثرھناوٕمٕژ، نہٕ چھکھ تِمن کتھن واش کوڈمُت، یمو سٟتی زَن یِہندی
کنی، تحقیق کرن وٲلی طالب علم گمراہ ہیکن سپدتھ[1]۔ یہ چھُنہٕ شُرکین ہندس
ڈالے ہتھ تاریخی تیداس سینومُت، اما پوٚز شُرکین اندر چھس بے شمار خامیہ
(متعدد خامیاں) تہٕ غلطی ضرور درینٛھی آمٕژ۔ مگر بوٚخل ورٲوتھ چھُن غلطیٚن
ہندِہ امہِ امبارہ اندرٕ صرف دۄن ہنز کتھ کرمٕژ۔

"اشلوکوں کی ترتیب میں فاضل ترتیب کار نے کچھ اہم غلطیاں
سرزد کی ہیں جو نادانستہ نہیں ہیں بلکہ دانستہ فروگذاشت ہے۔"

ہرگاہ گوہر صاب کینژن لفظن ہندِ ہیں غلط نقل کرنس ترتیب چھُہ ونان،
میانی کنی گو سُہ ثِقہ (AUTHENTIC) تہٕ غٲرثِقہ (UN AUTHETIC) متَن
یُدوَے اَہندٕ سے صحی مانو تو تہٕ گوژھ ژھن غلطی یَن ہنٛد، فہرس دنہٕ، تہٕ
کانہہ آنکہ ڈٕنی شمار ادین۔ نتہٕ چھُ اکھ پرن وٲل خواہ مخواہ متعصب بناوُن
ہیو گژھان۔ لۆرنامس اندر چھ تقریبن پانژھ ساس لفظ تادہٕ آہمتی ہین
منز حِساب کرِتھ، پانژِہ کم پانژاہ لفظ غلط چھِ گامتی۔ یوٚ ہے گو اَبے شمار
خٲمیہ؟ اتھی وَلِا غلطی یَن ہُند پلندہ؟ اَمہِ کھوتہٕ زیادٕ چھ کمن کمن

[1] تحقیق کرن وٲلی چھ صحی یا غلط سورُے مواد سومبران، تتھ مینہٕ تولی لاگان تہٕ پننہٕ نظریہ
بناوان۔ تم چھِنہٕ زانہہ روس کانہہ چیز نیٚنگلاوان۔ اوکنی چھِنہٕ گمراہ گژھان۔

کتابن غلط نامہ آسان ۳؎

دَن ہرگاہ ترتیب تِہ بہندٕ مُراد چھُ کُس شُرکٕ پتہٕ گوٚژھ درج آسُن، سُہ کُس ہیکہِ دٕنِتھ نندٕہ ریشی کُس شُرک پتہٕ وَنیاو۔ مُیتھ تہٕ دٕلی ترتیب چھُ ناممکن۔ اَتھ چھَ اکاے وَتھ زٕ نفسِ مضمون مطابق یِیہ شُرکن ترتیب دِنہٕ۔ چنانچہ لُوٚرنامس اندر چھُ دٕ ننہٕ آمُت — "نفسِ مضمون کہ لحاظہ چھُ ..یمہ کتابہِ ہندِین شُرکن ترتیب دِنہٕ آمُت" (ص ۱۴) سُہ زن گو، وحدانیت رسالت، قرآن و سنت، نماز، روزہ، ترکیۂ نفس بیترِ۔ میآنی بہ اسلامی تہٕ صوفیانہ ترتیب باسے گوہر صابس میآنی کھوٚڑ کھوٚڑ آے (دانستہ فروگذاشت) مولوم چھُنہٕ نیک نیتی کتھ چھ وَنان۔ میآنی یہ ترتیب چھَ اکہ بوٚد شوٚژٕہ ہندٕ نتیجہ، یمیک اظہار لوٚرنامس اندر سپدمت چھُ — "اَسہِ وٕژِمن شُرکن اِسلامی تہٕ صوفی خیالن ہندی مختلف پہلو نظرہ تل اَنِتھ اکھ خاص ترتیب سون خیال چھُ بہٕ ترتیب چھَ موزون تہٕ مکمّل (ص ۱)

لَل دیدہ ہندی واکھ تہٕ اَسی آنجہٕ ماانجادی پاٹھی چھاپنہٕ یوان، مگر نندہ لال طالب تہٕ جیالال کولن تہٕ دٕژِمِن گوڈنچہ لٹہ اکھ موضوعی ترتیب تِم چھِ لیکھان — "لل دید کے کلام کے جو نسخے شائع ہو چکے ہیں، واکھوں

---

۳؎ یہٕ کٔڈی آبہٕ سنی تراوِنہٕ زٕ لوٚرنامہ چھُ غلطی یَن ہُند امبار۔ رحمان راہی ین تام دوٚنُس "گوناگوں کوتاہی" تہٕ تجویز کوٚرُن زِ ماہرن ہُند اکھ ٹیم گژھہ امیک مَتن شیرُن (شمس العارفین) ظہرامہ پانژاہ غلطی کڈنس گژھہ ماہرن ہُند ٹیم بہُن؟ یہ چھُ اَمی علمدارس اندر گوہر صابُن بیش کوٚرمُت تجویزہ حوالہ روٚس، کھنو ومُت، تَنہ چھا اَمی پانہٕ کانہہ ریشی ناماوچھمت

کی ترتیب کسی اصول کے تحت نہیں کی جاتی تھی ۔۔۔ ہم نے یوگ کی مشق عمل کے بتدریج مدارج کو مدنظر رکھ کر یہ ترتیب دی ہے۔" (ص ۵، ایڈیشن ۱۹۶۱)
نوُرنامس چھُ گوڈنچہ لٹہ شُرکن بہ ترتیبی اہمار دنگ تہ بیہرہ۔ دوٚیم خامی چھ یہ ونہٕ آمژ:

"کامل صاحب نے حضرت شیخ کی چند مُناجاتیں اور نظمیں غلط طور اشلوکوں میں بانٹی ہیں۔ گونگل نامہ حضرت شیخ کی ایک مسلسل غزل ہے[۴]۔"

میٚنے چھُ نوُرنامس اندر لیوکھمُت ـــ "حضرت شیخ سندس کلامس مِنٛز ظاہری فارمہ ہندہ لحاظہ ترٛیہ ہاگ بیٚدِ تہ۔ اکھ گوٚ شُرکھ، دوٚیم گو وژُن، تریم گو باتہ بندی (مثنوی)۔" امہ پتہ چھُم وثرنج پچھان ووج مصرہ قرار دِتہ لیوکھمُت ـــ "شیخ العالم سندی مناجاتھ تہ گونگل نامہ ہوی مسلسل شُرکھ چھ امکی گوڈنکی نمونہ ــ" (ص ۱۳) گوہر صابس چھُنہ ظوٚن روٚدمُت زِ مُناجاتن تہ گونگل نامس چھُ میٚنے نہ صرف مسلسل شُرکھ ووٚنمُت بلکہ چھم مسلسل آسنکہ گوڈنکی نمونہ تہ قرار دِتی متی[۵]۔

روٚز یہ کتھ زِ میٚنے یِمہ گژ ندمِن بٲتن (مسلسل شُرکن) ہند یِن بندن لٲجرژ چھ، سہ گژھ تہ باقے شُرکین ہنزہ گژ نزٕ عٔستی ملناوٕنی۔ یہ چھُنہ ترژھ کانٛہہ کوتاہی زِ نوُرنامہ ہے دٕلوٚ غلطی یِن ہند امبار۔ یُتھ گژ نزٕ مُبل

[۴] گوہر صابن چھُ مُسلسل غزل ووٚنمُت، یِم چھِنہ غزل بلکہ وژن (شُرک)
[۵] ہرگاہ لل دیدہ ہندی مسلسل واکھ نسندی چھ، تیلہ چھِنے گوڈنکی (وژن)

چھُ واکھن تہٕ بأتن ہندِس بندن لل دیدٕ اندر تہٕ کرٕ نہٕ آمُت۔ مثلن واکھ
'' پیٹھ ۸۱ تام چھِ مسلسل بأتھ "شو چھُے کرٕ ڈھ تے ژین ووہ پدیش" کین
پانژن بندن ہنز گرٕنڈ' یا ۸۹ پیٹھ ۹۲ تام چھ "شوٗنس شنیاہ میلتھ گو"
باہکی ژور بند۔ امہِ گژ نہٕ ہُنڈ چھُنہٕ کانہہ پھیرٕ پیوان' تہٕ کیازِ زانن
وآلی چھِ دوجہ مِصرعہ پیٹھٕے زانان بہِ چھِ مسلسل بأتھ' اَدٕ یلہٕ وَنہٕ تہٕ آسہٕ
آمُت نِہ مناجاتھ تہٕ گونگل نامہ چھ مسلسل شُترک' تیلہٕ گژھِ نہٕ کانہہ گمراہ ہیے
سپدُن۔ آخرس چھُ گوہر صأب وَنان:

'' فاضل مرتب کار نے (یہ سب) ریشی نامے نظر انداز کئے
ہیں۔ آپ نے ان کا مطالعہ ہی نہ کیا ہو بلکہ جو کچھ ہاتھ آیا کنٹریکٹ
پورا کرنے کیلئے مجموعہ میں شامل کیا ہے۔"

گوہر صأبُن پرٕ ہتھ اظہار چھُ دُکھِ ہوٚت ہیوٚ۔ بہر حال میٚے کیازن اوس
تمام ریشی نامن کرُن' ہرگاہ تمام بَدَس تہٕ سپدہٕ ہَنم۔ میٚے اوس نہٕ
"سب کچھ" (کلیات) تیار کرُن زہ پرٕ ہتھ ریشی نامہ پیٹھ اوسُم پرٕ ہتھ شُترک
تلُن۔ میٚے اوس چھرا "جو کچھ" (ژارَے) سعہ مبراوُن' تمہِ خأطرٕ اوس
ڈاین ہنتن شُترکن ہُند بہٕ نو آرٕ یجی تیداد پزٕ نہٕ پیٚٹھی نہٕ کأفی۔ اوَے درِتی
میٚے پرٕ ہتھ کُنکی نمونہ رنگی چھرا کینہہ بند۔ خواہ تم شُترک چھ' مسلسل بأتھ چھ یا
پنڈتی نہٕ سنسکرتی کلامہ چھُ۔ ہرگاہ ۵ ہیہ تہٕ زٕہ ترٕ یہ قلمی نسخہ آتِہ آسہٕ ہنم آمتی
یہ شُترک ژارٕ ما آسہٕ ہے ترٕ ے مَتھ ہیوٚڈُے۔ مگر تہٕ آسنہ نہٕ آسہے محض ژارَے
(جو کچھ) نِزہ کلیات (سب کچھ)

گوہر صابس پأرٕ ہ بہٕ ژ ہتس نہٕ براوسُس ریشی نامو تہٕ قلمی نسخو خاطرٕ ہ پھیہہ
پھیہہ کران نہٕ توٗ ہہ عہ ستی سپدُم ملاقات۔ توٗ ہہ دوٗ پوہ نہٕ ہ تہٕندی گڈٕ ہٕ بٕن
چھُ سو رُے کلام شیخ جمع کوٗرمُت۔ بہٕ سپدُس خوش تہٕ دوٗپمو نہٕ ہ اسی کرون
سُے شایع۔ توٗ تہٕ کھسہٕ تہٕندس بڈٕ ی بہٕ سنز محنت رتھہٕ۔ وعدہ کوٗر وٕم مسوٗدہ
اَنہٕ نُک۔ میٚنے کٕرٕ سکرٹری صابس عہ ستی کتھ۔ مگر توٗ ہہ کوٗر رٕوہ نہٕ وعدہ وفا۔
بٔتھٕ تجم کھار پانے نکھس۔

ہرگاہ بہٕ کنٹریکٹ پوٗرٕ ہ کرہٕ ہ باپتھ "نٕڈنکھ" والنُک ہیوٚ معاملہٕ
آسہے، (حالانکہ یہ آس محض اکھ شوقیہ کأم) تہٕندٕ بڈٕ ی ہب کیا زہٕ ژھارٕ ہن؟

## ژٕھ جُملہٕ بأزی

رشید نازکی صأبُن مضمون "حضرت شیخ نورالدینؒ چند حقائق"
چھُ دٕندٕ نہٕ نیوٗٹھ نہٕ ماتہٕ ژھوٗٹ۔ گوڈنی چھُ اُمی پانژن صفن پیٹھ کٔشیرِ
اندر اسلامُک پوٚت منظر دِیتمُت، یُس میانہ نوٗرنامہ پیٹھٕ ہ حوالہٕ وراٗیی
اَچھرٕ اَچھر ترجمہ چھُ سپدمُت۔

"آٹھمہ صدی اندر چھُ اسلام گوڈنچہ لٹہٕ کشیر منز قدم تراوان ہیندوستانس پیٹھ

⸻ کشمیر میں اسلام کا پرتو آٹھویں صدی سے پڑنا شروع ہوا۔ ہندوستان پر ⸻

چھ محمد بن قاسم سنز یلغار ۱۲-۷۱۱ء اندر سپدان تہٕ سندھ (پاکستان) چھ

⸻ محمد بن قاسم کی یلغار ۱۲-۷۱۱ء میں ہوتی ہے اور ہندوستان پہلی بار اسلامی ⸻

عربن تہٕ اسلامس عہ ستی دُچار سپدان۔ اگرچہ امہ برونہہ تہٕ چھ اَتھ علاقس

تحریک سے متصادم ہوتا ہے گو اس سے قبل بھی عرب ہند میں تجارتی تعلقات

عربن ستی تجارتی تعلقات آسان تہٕ اسلامک پے پناہ لوگمت آسان یاپؠر

موجود تھے اور اسلام سرزمین ہند کو نواز تا تھا"۔ یہی وقت ہے جب مہاراجہ

اُوس کشیرہ ہُند حکمران للتادتیہ (۷۳۶ - ۶۹۹) منز ایشیا، افغانستان

للتادتیہ (۷۳۶ - ۶۹۹) اپنی حکومت کی حدیں ایشیا، افغانستان

تہٕ مغربی ہند۔ وسانس اندر پنٕنی فتوحات بڑاوان تہٕ لازمن آسہٕ تس

اور مغربی ہندوستان تک بڑھا رہا تھا۔ اس تگ و دو میں ضروری ہے کہ اسکا

عرب فوجن ستی تہٕ واسطہ پیومت۔ عرب آسی چینس پیٹھ تہٕ یلغار

سابقہ بھی مسلمان فاتحین سے پڑا ہو۔ کیونکہ عرب اسوقت چین پر بھی

کران۔ چنانچہ راجہ داہر چھُ محمد بن قاسم سندِ اَتھٕ شکس کھیوان تہٕ

یلغار کی فکر میں تھے۔ راجہ داہر سندھ میں محمد بن قاسم کے ہاتھوں

تسُندٕ نیچو جیسیا چھُ کشیرا اندر پناہ نوان۔ امس عہٕ ستی چھُ،

شکست کھاتا ہے تو اس کا بیٹا جیسیا کشمیر میں پناہ گزیں ہوتا

یہ چھُ عجیب کتھ، اکھ شامی مسلمان حمیم بن سام آسان

ہے اور عجیب یہ ہے کہ ایک شامی مسلمان حمیم بن سام اُسی

یہ چھُ وار وار مسلمانن ہنز اکھ جماعت پاہ کرنس منز کامیاب سپدان"

کی معیت میں کشمیر آتا ہے اور مسلمانوں کی ایک قلیل جماعت بنانے میں کامیاب ہوتا ہے

باقی رٕلاوِ وُنہی پانٕے۔ یِم پٕنٕنی صَفہٕ وآتی مینٕے والپس۔ امہٕ پتہٕ چھُ

رشید صاحب میانین کینژن کتھن عہٕ ستی اختلاف کران۔ اختلاف چھُ اد یک

رُوح بشرطیکہ تتھ آسہِ کانہہ علمی بُنیاد۔ رشید صاٗبن ییتھ اختلاف چھُ وُنمت سُہ آو میٚنے تاٗیید لبنہٕ۔ مثلن میٚنے چھُ لوٚ رنامس اندر وُنمت۔

"امیر تیمور چھُ ساداتن ہنٛزِ اکس جماعژ سختِ خلاف آسان سادٲتن اوٚس جاگیردار آسنہٕ کنہٕ مُلکی ماملن منٛز واریاہ کینٛہہ دخل۔ یُہند یہ دخل ختم کرنہٕ خاطرٕ اوس تیمورن بےوایہٕ قتل کران۔ سیّد علی ہمدانی چھِ پننہٕ ہن تمام رشتہ دارن سان کشیر ہنٛز وَتھ ہیوان"۔ (ص ۲۵)

رشید صاٗب چھُ اتھ واد کران ـــــــ " یہ غلط بات ہے کہ سادات تیمور کے تعلقات سے تنگ آکر وارد کشمیر ہوئے تھے"۔ محض "غلط بات ہے"۔ وَننہٕ سِتی ما گومبا٘نی کنہہ پھُٹ۔ میا ہنن اظہارن چھُ نوٚعیٚی ڈوٚکھ مثلن سید علی (امیر کبیرن یعٚ آشناو) چھُ پننہٕ نِس نواز نحس (۱۵۷۹ء) اندر لیکھان تہٕ حضرت میر سید علی ہمدانی یِن سوٚ زنی کشیرِ سید حسن بہادر، سید حسین سامانی[۲] تہٕ سید تاج الدین یہ کٕنہ مولوم کرنہٕ خاطرہ زِ ہرگاہ کشیر امیر تیمورِ سندہ وایہٕ نِشہٕ مُچھ آسہِ میٚنے گژھِ اطلاع دِین تہٕ یہ یمہٕ پننی جمانہ ہنٛنہٕ کشیر[۶] حِن کھوبہاہ

---

۶ "ایں سہ کس را دریں کشمیر فرستادہ کہ اگر از تعلق تیمور گورگانی خالی باشد برای ما بنوسند ما با جمعی کہ ہمراہ ما اند دراں سرزمین بیایم" تاریخ اعظمی تہٕ چھُ اتھ تایید کران۔ گوہر عالم تہٕ چھُ وَنان " چوں کشمیر را از تصرّف صاحبقراں خالی یافتند ... باعث صد سادات .... ہجرت فرمودند"۔ کشمیر اندر سُلطانن تہٕ چھُ لیکھان ـــــــ سیّد علی یِن تر وو ہمدان تہٕ ... ۷۰ سیّد ہنتھ آو کشیر لوٚسنی تیمور سندہ غاصبہٕ غضبہٕ نشہٕ محفوظ آسنی (صفحہ ۵۶)

تہٕ چھُ تذکرہ اولیائے کشمیر کتابہ اندر ونان :-

"یہند بوٗ (امیر کبیرٕ سند بوٗ) حالا تو ئہ ستی سپُد امیر تیمورٕ سُند دل

تنگ . . . چنانچہ سفرُک سامانہٕ تیار کرِتھ سپدی ینٚنی مرید تہٕ

رشتہ دار ہیتھ کشیرِ کُن روانہٕ

تذکرٕ تہٕ تواریخ چھِ یی ونان - مرزا اکمل الدین بدخشی ؒ سُند شارٕ چھُ [ه]

گرنہ تیمور شور و شر کردے ٭ کے امیرؒ ایں طرف گذر کردے

تَوٚ پتہٕ چھُنہٕ ہیٚے اَتھ ئہ ستی غرض زِ سادات کمہٕ داہہ آیہ یوٗرٕ - میوٗن مُدا چھُ صرف یہ

وَنُن زِ یوٚت واتِتھ چھِ تِم سیاسی اقتدارس اندر شریکھ سپدان تہٕ تِمہٕ لمانہٕ

تبلیغ کران ییتھ ہیٚتھ تِمن تہٕ رٚیشَن اختلاف چھِ سپدان [ه] - تِم چھِ دینی شُھنیار

وَزناوان تہٕ ریشی چھِ پننہٕ رواداری ئہ ستی اکِہ قسمُک بھگتی واد چلاوان - رشید

صاحب چھُ لوٚرٕ نامَس اندر میانِس اَتھ بیانس میانٚی غلط بیانی قرار دِوان -

"جدت پسندی کی رَو میں بہکر تاریخی واقعات مسخ کرنے کی یہ کوشش بڑی

مذموم ہے۔" خبر کم تاریخی واقعات کرٚی میٚے مسخ ؟ یہٕ چھُس ینٚنی کنی قدمہٕ قدمہٕ

تواریخی گُف چکاوان تہٕ رشید صاحب چھُ تُھر جملہ بازی کران - مگر بروٚنہہ

یہن چھُ پانٔے پننہٕ اَتھ جملہ بازی تہٕ آب پھِراں :

"اسلام اور تزکہ فلسفہ میں ایک خاموش تصادم رہا اور اس

---

[ه] کاشُرٚن سایبت کارن تہٕ ساداتن چھُ یہ اختلاف ووتھان ییگ نتیجہ خانہ جنگی چھ

نیراں - شری ورینڈت چھُ لیکھان "یم نیبرٕ م آسی مانگے کھیتھ بڈِ ہِنٚی مگر یوت واتِتھ بنے دولتمند

بٔتم گوکہ سوٗرے مشتھ (بحوالہ سون ادب - تاریخ نویسی نمبر ۱۹۸۴ء ص ۴۳)

کے امتزاج سے ایک نیا فلسفہ پیدا ہوا جس کے اجزائے ترکیبی
میں شومت، بدھ مت اور اسلام کے عناصر ترکیبی موجود
تھے شہ۔۔۔ کشمیر میں اس کا نام ریشی سلسلہ پڑ گیا۔"

گو بارِیشی یُس سلسلہ چلاوان اُسی سُہ نہ اوس خالص اسلام، نہ خالص شومت
تہٕ نہ خالص بدھ مت۔ بلکہ مین ہنز اکھ مِلہٕ مش یہے روحانی مِلہٕ مش چھُ یتھ
مینے بھگتی وادچھُ وونمُت۔ دوہ نی چھا مینے تائید کِنہ تردید؟
اَتھ رواد آری تہٕ نوس فلسفس برعکس اُسی سادات اسلامی قونونن پیٹھ
زور دِوان تہٕ مذہبی شٹھنیار ورتاوان۔ رشید صاب چھُ اَتھ تہٕ مینے تصدیق
کران "حضرت میر سیّد علی ہمدانی وہ پہلے بزرگ تھے جنھوں نے احکام
اسلام یا اسلامی شریعت کو یہاں پہلی بار رائج فرمایا" — دوہ نی کتھ اند چھُ
یمن مینے ستی اختلاف۔ یہ لفظ طومارے تہٕ کمہٕ بایتھ؟ پروفیسر حاجنی
تہٕ چھُ، ہُنا احتیاط ورتاوتھ، لوٗ زناچی کتھ پھران۔

"ایرانی مبلغوں کو حکومت میں ایک خاص اثر و رسوخ حاصل
تھا۔ جب بادشاہوں کے ہاتھوں کسی غیر مسلم پر عتاب نازل
ہو جاتا تو عام لوگ اسکا الزام غیر کشمیری مبلغوں کے سر تھوپ
دیتے... ان مواقع پر ریشی سلسلہ کے مبلغ تعصب کی آگ
کو بُجھاتے اور عام لوگوں کے ساتھ بلا لحاظ مذہب و ملت
مہر و محبت سے پیش آجاتے" (علمدار ص ۹)

---

شہ یہ کتھ چھ لوٗزنامہ کِین لفظن ہنزے بیاکھ صورت

پریم ناتھ بزازن تہٕ چھُ امہٕ تصدیق کران:

"ادھر ترکستان اور ایران سے آئے ہوئے سادات اور دوسرے مبلغ ایک طرف سختی سے قرآنی اصولوں کی تبلیغ وتشہیر میں مصروف تھے، دوسری جانب ریشی اسلام کے جھنڈے تلے مذہبی انسان دوستی کے عقیدے کو ہر دلعزیز بنانے میں مگن تھے" (علمدار ص ۱۵۶)

بیا کھ کتھ آس مینے تو رناس اندر یہ وُنی منٛز:

"سیّد علی ہمدانی چھہ مُسلمانن اسلامی مُلکن ہُند لباسہٕ تہٕ ہندی رسم ترآونہ ایرانی اسلامی رسم اختیار کرناوان" (ص ۱۵۵)

میون مُدا اوس زہٕ اسلام ییتھ ییتھ ملکس دوت، تتھ تتھ ملکس آسی پننی مقامی رسم تہٕ لباسہٕ ہین ستتی اسلامس بحیثیت مذہب کانہہ واسطہ چھُنہٕ۔ تکیازہٕ بارگ نوٗ لُوٗ چھُ ملکی عادتن تہٕ موسمی حالژن ستتی۔ توٚے چھُنہٕ اسلامن یا بیہ کانسہٕ دینَن کانہہ خاص یا کُنُے لباسہٕ پننہٕ ہین مانَن والین تجویز کوٚرمُت۔ دراصل یژہ ہے مینے یہ جملہ ییتھ کنی لیکھُن یُنہٕ رشید صاب کتھہٕ دلتھے۔ "سید علی چھُ مُسلمانن مقامی لباسہٕ تہٕ ہندستانی رسم ترآونہ ایرآنی لباس تہٕ رسم اختیار کرناوان۔"

جو ابن چھُ نازکی صاب دبیلہ بدلہ فی سبیل اللہ فاد آیہ لفظ ورتاوان حالانکہ ییس جایہٕ چھُ یامنے اسرار الابرار کس اکس حوالس اندر اَتھ لباسہ تبدیلی تابیبد کران۔ تاریخ اعظمی تہٕ چھُ لیکھان تہٕ بادشاہ تہٕ اوس غار اسلامی لباسہ

لاگان۔ سُہ بدلوٗوُن حضرتِ سیدؒ ہندِس وَنہٕ نِس پیٹھہٕ[2]" محمدؐ دینؔ فوقؔ
چھُ وَنان ـــ "یہاں ہندوستانی فیشن کے لباس کا رواج تھا... حضرتِ امیرؒ
کے ارشاد کے مُطابق سلطان نے لباس تبدیل کر دیا"۔ یہ لباسہٕ تبدیلی
آس نہٕ "اسلامی" بلکہ ایرانی۔ اُمیک مُدا اوس یتہٕ ایرانی تمدّنی بالادستی
قایم کرٕنی، سہ تہٕ ہئیرِ ی مِس طبقس اندر۔ گمٕہ لبن تہٕ چوعن کاپے کیا۔
مینے چھُ لوٗر نامس اندر اکِس جایہ لیوکھمُت: "ریشی آسی بنیادی اسلامی
عقیدن پیٹھے یوت زور دِوان"۔ رشید صأبن چھُ اَتھ غلط ترجمہ کوٚرمُت
ـــ "ریشی بُنیادی اسلامی عقائدُ پر زور دیتے تھے"۔ امہ پتہٕ چھُم پرٛژھمُت
زِ سادات ہنز کوہ سہ جماتھ آس نتہٕ بُنیاآدی اسلامی عقیدن خلاف؟
ہین پَرِ زِ "پیٹھے یوت" لفظ نظرِ نل نٕ ٹٕتھ ییٚنٛ غلط ترجمہ ییتھ پاٹھی شیرُن
"ریشی صرف بنیادی اسلامی عقاید ہی پر زور دیتے تھے"۔ یانٛ موکلہٕ
یُہند سوال تہٕ میون مُدا تریکھ فکرٕہ زِ ریشی آسی پھِرا بنیاآدی اسلامی عقیدہ
پھٲلاوان تہٕ سادات آسی یتہٕ آبہٕ شرعی قونون تہٕ چلاوان۔

---

[2] سلطانی ہم لباس کفری پوشید آنرا بہ امر ونہی حضرت سید ترک داد"۔ یہ لباس کفر کیاہ زَن
اوس؟ کرُتہٕ، تنگ موٗرہ پاٚجامہ، کازن تہٕ لونگ (تاریخ حسن پوٚتاک کشیر) اکھ مصری مسلمان یلہٕ اقبالؔ
ہیٹ دِتھ وُچھتھ کریمانہ کوٚڈ، اقبالن وَوٚنُس" کیا زِ ہیٹ دِنہٕ سیتی چھا اسلام ژَلان (خط بنام فوق
۱۹۰۵ء) امہ معیار چھ نیلہ ٹوپی ہندی مُسلمان کرُتہٕ، اچکن، تنگ موٗرہ پاٚجامہ لاگتھ "لباس کفر"
لاگان یا رشید صأبُن پتلون، اچکن، قراقلی، کاشُر پھیرن کتھ زُمرس مَنز چھ یوان؟

## ووٚزُم گاش

موتی لال ساقی صابَن چھُ "ریشی نامون ہِنز للہ واکھ" ناوی اکھ مضمون لیوکھمُت، یتھ اندر رمیا ہِن تمن کینژن خیالاتن ہنز لوٚپٹ آواز چھَ، یِم مےٚ لوٚرنامس اندر " للہ واکھ تہٕ شیخہ شُرکھ" عنوانس تل بیاوی ہتی چھِ ــــ

بہ راں بروند شعر ما را
افسوس کہ نام ما نہ بروند

گریرسن چھُ پننِس "للہ واکیانی" اندرٕ وَنان زِ تمی سندِ لل واکھن ہنز بنیاد چھِ دھرم داس ناوی اکس شخصہ سنز روایت۔ گریرسن چھُ وَنان زِ یِم واکھ چھِ معتبر تِکیازِ تحریری نُسخن ہنزِ غٲر موجوٗدگی منز چھِ زبٲنی روایت معتبر آسان۔ موتی لال ساقی صابَن چھِ گریرسن سنز یہے کتھ دُہرٲوٕمٕژ۔ مگر مےٚ اوس لوٚرنامس اندر گریرسنس یہ جواب دیُتمُت:

"زبٲنی روایژ ہنزِ بُنیاد پِیٹھ ہیٚکہ نہ کانہہ تحریر نظر انداز سپدِتھ۔ تِکیازِ زبٲنی روایژ چھُ تبدیلی ہُند دروازہ ہر سلتہٕ ووٚتھ روزان مگر تحریری روایژ چھِ یہ دروازہ ہمیشہ خاطر بند سپدان" (ص) یہ کتھ آس مےٚ اوکنۍ ڈٕنی مٕژ زِ تَنِدہ ریشی سندی واریاہ بلکہ اکثر شُرکھ چھِ لِلہِ ہُندٕ معتبر کلامہ مانٕنہٕ آمٕتۍ۔ تمس آس نہٕ خبر (یا دِژھَس نہٕ اوٚرکُن وٚتھ) زِ ریشی نامہ چھِ تِمھ تحریرن اندر شیخہ شُرکھ درج چھِ آہنی کرنہٕ۔ لہٰذا تمن تحریرن ہنز موجوٗدگی منز ہیٚکہ نہ کانٛسہ دھرم داس سنز روایت معتبر تہٕ

ووٚنیم کتھ چھِ ساقی صاب یہ وَنان زِ لل دید کُن چھِ غلط شُرکھ لگنہٕ

آمتی یمہِ کتھِ ترٚ سندِس فلسفس متعلق غلط نتیجہ کڈٕ تہٕ چھُ تٔمِس پیٹھ اِسلامی تصوفک اثر ہاوُنہٕ یوان۔ یہٕ کتھ تہٕ چھ لوٗرنامن چکاوِ مژ ـــــ

"لل دید کُن اور کی یوٗرکی شار منسوب کرنکُی نتیجہ چھُ ز گریرسن تہٕ رچاوڈ ٹیمپل یہ کینژ ہاتس سندِس فلسفس متعلق نتیجہ اخذ چھِ کران تِم چھ تِمن لاز من غلطی لگان ..... ہرگاہ تس کُن رلہ ملہ شار منسوب سپدہٕن تہٕ تس سندین عقیدن اندر بیہہ تہٕ صوفی خیالن ہنز ژھائے گرلئے دربنہٕ" (ص ۲۰)

ترٚمٕ کتھ چھٔ یہ ڈٲہٕ زِ لل دیدِ کُن چھ شیخ العالم تہٕ عزیز خانٕنی کلام منسوب سپدُمُت۔ یہٕ کتھ تہٕ چھ لوٗرنامہ پیٹھٕ نِنہٕ آمژ۔

"عجیب کتھ چھ یہ زِ ہرگاہ لل دیدِ کُن شیخ العالم سندی کینہہ شُرکھ منسوب چھ سپدی متی تِم چھ نو تہٕ کانہہ ہشر..... محمود گامی سندہ زنانکی کینہہ شار تہٕ چھِ للہ واکھ بناوِتھ پیش کرنہٕ آمتی ..... حالانکہ یم چھ مشہور غزل گو عزیز خانہٕ غزلکی زٕ بند" (ص ۱۹)[1]

یتھے کنی چھ ساقی صابن لوٗرنامہ چہ ترٚئے کتھ دُہرٲوِتھ مضمون چالہِ پیش کرمژ۔ البتہ اکھ کتھ چھٔ لُو ڈٔنی ہمژ زِ لوٗرنامکی شُرکی نمبر ۱۶۴، ۱۷۰، ۱۹۲ تہٕ ۲۴۲ چھِ شیخ العالم سندی بجایہ لل دیدِ ہندی[2]۔ ہرگاہ تحقیق کرتھ تی یژھ میٲنے کیا اختلاف ہیکہ آستھ۔ میٲنے چھُ بڑ وَنتھے وُمُت ـــ "یمہ کتھ ہُنڈ چھ

---

١ مثالہِ با پتھ چھٔ نِنے شار دِتی متی یم مٔتے لوٗرنامس اندر دِتی متی چھِ۔

٢ شُرکی چھِ یم : لوکہ وہ کھڈ واچ لیشم (۱۶۴) اند وند نیرتھ تیتھ ژورہ (۱۷۰) تلہ کنہٕ خس ہنیزیمِس زانگے (۱۹۲) کینژن دیتُم اورے آلو (۲۴۲)

امکان ژلل دبدِ ہندی تہٕ آسَن کینہہ واکھ شیخہٕ سٕنٛدٮ۪ن شُرکن منٛز رَلٲۍ گٲمتۍ" (ص ۱۶) مگر یہ فٲصلہ کُس کرِ تہٕ کینٛژھ پٲٹھۍ زِ کُس واکھ/شُرک کمی سُنٛد چھُ؟ اَتھ گژھ کانٛہہ میزان آسُن۔ ساقی صٲبَن یُس کلیات شیخ العالم اَمہٕ مضمونہٕ پتہٕ تیار چھُ کوٚرمُت، تتھ اندر چھِن ییمو منٛزٕ ژٕ شُرکہٕ (۱۷۰ تہٕ ۲۴۲) پانٛژن شیخ العالم ہندی مانٛنِتھ پیش کٔرمتۍ۔ باقے زٕ تہٕ ہیکن تہندی آسِتھ، تکیازِ ساقی صٲبَن چھُ واریاہ کلام شیخ پتھر ترووُمُت۔

## ریشُت تہٕ سِلسِلہ

مشعل سلطانپوری سُنٛد "حضرت شیخ العالم، چند تحقیقی باتیں" چھُ علمی تہٕ تحقیقی رنٛگہٕ اکھ قابلِ قدر مضمون البتہ اکس جایہ چھُ یِم شاید بے شونکی پٲٹھۍ اعتقادی جذبس تل لیکھان ــ" اس بات پر کسی بحث کی گنجائش نہیں ہے کہ حضرت میر محمد ہمدانی نے حضرت شیخ کو خطِ ارشاد عطا کیا ہے"۔[1] اَمہٕ خٲطرٕ ہیکن یِم "خطِ ارشاد تہٕ ڈور پرکھایہ" ووچھتھ تہٕ علمی رنٛگہٕ پالش کٔرتھ ہیٚکن دِتھ[2]۔ بین جایہ چھِ یِم لیکھان:

> "جناب امین کامل کے بقول شیخ العالم نے ریشی سلسلہ قائم کیا حالانکہ وہ نورنامہ میں دوسری جگہ خود اسبات سے کہ کشمیر میں ریشی پُرانے زمانے سے ہوتے آئے ہیں، اس قول کو جھٹلاتے ہیں"

---

[1] اَمہٕ حوالکۍ الفاظ ما آسَن اوریوٚز نکیازِ یہ حوالہ چھُس یادداشتس پیٹھٕ لیکھان۔
[2] خیال چھُم سُہ مضمون تہٕ بیٚیٹھی کتابہٕ اندر درج کرنکۍ ہرگاہ نہٕ ممکن سپدِ نہٕ، تیٚلہٕ ہیکن یِم میٚنہِ لیکھتھ، یہ سوزکھ تیٚمہِ فوٹوسٹیٹ کاپی

مشعل صآب چھُنہٕ کنٛہہ ووتمُت۔ میٚے اوٗس ووٚنمُت "کشیر منز چھ رٮ۪شی پنٛتھ کالہٕ پیٹھٕ آسی متی"۔ ویدن تہٕ اُپنشدن ہندی خالق تہٕ آسی رٮ۪شی۔ یوہے اوس شیخ العالم سُند تہٕ مسلک۔" مگر شیخ العالم چھُ انٛہ رٮ۪شی نظریس گوڈنچہ لٹہٕ اکھ تنظیمی شکل دِوان تہٕ باضابطہ اکھ سلسلہ بناوان۔ ییٚنہٕ کنہِ کبروی سلسلہ، نقشبندی سلسلہ بیترِ چھہٕ۔ اوٚے اوس میٚنے سلسلہ لفظ سرخط کوٚرمُت۔ لہٰذا چھُنہٕ مشعل صآبُن یہ وَنُن صحی زِ "رٮ۪شی سلسلہ حضرت شیخ سے پہلے قایم ہوا تھا۔ وہ اُس کے بانی مبانی نہیں"۔ رٮ۪شیُت (مسلک) اوس مگر سلسلہ اوس نہٕ۔ اَتھ یہ تنظیمی شکل دِنُک بآنی مبآنی چھُ نُندہ ریٚوش۔[۲]

مشعل صآبَن چھ بیاکھ کتھ تہٕ میٚنے کُن لآجمٕژ "شیخ سلار یوسمن رٮ۪شی کے ہاتھوں مسلمان ہوئے تھے۔ امین کامل صاحب بھی اسی خیال کے ہیں۔" میٚنے چھَ نُندہ رٮ۪شی نہٕ زندگی متعلق بابا نصیب الدین غازی، محی الدین مسکین تہٕ غلام محمد مغل سندی خیالاتھ پیش کری متی تِمَو منٛزٕ کانٛہہ خیال چھُم یو وُمُت۔ یہ کتھ چھَ محی الدین مسکینن وٚنی ہٕژ زِ سلر سنز بنیو یوسمن رٮ۪شی سندہ اَتھہٕ مُسلمان۔ میٚنے چھُنہٕ تِمَن ذات نامَن ستی اتفاق یم یہندی لیکھنہٕ چھ آمتی۔ نُوٗر نامس اندر تہٕ چھُ میٚنے ووٚنمُت۔ "حضرت شیخ سندس ذات نامس پیٹھ چھُنہٕ وُنیک تام کآنٛسہ تہٕ صحی کآم کرمٕژ" (ص)۔ میٚنے چھُ غلام محمد مغل صآبَن ستی اتفاق زِ یہنٛز زندگی چھَ ژاتِھ مآتِھ آمٕژ مسخ کرنہٕ تہٕ پَتہٕ چھ سوٗے کتھا دربٕژ۔ ووٚنی صحی واقاتَن ہُندِ پے لبُن چھُ ناممکن۔ تو تہٕ مابہے گَژھہ ہٕژرے

---

[۲] اتہار ۱۹۷۸ء ص ۶۸ پیٹھ چھ مشعل صآبَن لیکھمُت "اہندا اَتھ چھُ یہ سلسلہ بیاکھ زنگ ثان"۔ یُگوریُث اوس مگر سلسلہ

کانہہ کانہہ ژُننی دربینٹھ، گڈھیا کانہہ جڈ بانو بالا نر سپدتھ، ژھۄنڈ ژھاگرٕ تہٕ دِین ۔

## سِکّہ شُد روشن

محمّد یوسف ٹینگ صاَبَن چھُ " سکّہ شد روشن " عُنوانہٕ تَمہٕ پننہٕ کأشرِ مضمونُک ژھوچر پیش کوٚرمُت، یُس شیراز، مئی ۱۹۷۴ ہس اندر شایع چھُ سپُدمُت ۔ یہ ژھوچر چھُ تقریبن نِتےٚ ہمیکُ مُخاطِب بہ چھُس ۔

میٚتےٚ اوس لوٗدنامس اندر لیوکھمُت زِ ۱۹۰۸ ہس اندر بلہٕ پٹھان گورنر عطا محمّد[۲] خان افغانستان نشہٕ باغی سپدِتھ پنہٕ نہٕ خود مختاری ہند ایلان چھُ کران بہٕ چھُ کأشرِ ین پانس سٟتی پکناونہٕ خأطرٕ شیخ العالم سندِس ناوس پیٹھ اکھ سِکّہ چلاوان، یُس لوہور میوزیمس اندر موٗجود چھُ ۔ یہ کتھ آس میٚتےٚ لوٗدنامہ برونٹھہ پرٕ ہِتھ تہٕ یاد اوسُم نہٕ کتِہ ۔ اَدکنہٕ دیتمس نہٕ کانہہ شیچھاگر (حوالہ) ۔ اکھ پیٹھ چھِ ٹینگ صاَبن پننِس مضمونس " سکّہ شد روشن " اندر میٚتےٚ پیٹھ ژٔنی متی[۱]

ٹینگ صاَب چھ لیکھان زِ یہ سکّہ چھُ سرینگر میوٗزیمس اندر موجود تہٕ مرزا کمال الدین شیدا صاَبَن چھُ پننہٕ " سُلطان العارفین " کتابہ اندر امیک فوٹو تہٕ چھاپ کوٚرمُت ۔ میٚتےٚ اوس نہٕ یہ معلوٗم، ہرگاہ آسِہہم لوہور کوٚت واتھہا ۔ اَتھ سِکس چھَ یہ عبارت کھٔنِتھ — " سکّہ شد روشن زشاہ نور الدین / رائج از مخدوم قطب العارفین " ۔ ٹینگ صاَبُن انکشاف چھُ زِ یہ سکّہ چھُ حضرت شیخ العالم تہٕ حضرت مخدوم صاَب نٕہِن مشترکہ ناون پیٹھ جأری سپُدمت، نزِ

---

[۱] ٹینگ صاَبن چھُنہٕ زیوٚ پیٹھ تہٕ اوٚنمُت زِ تمِس (باقی ص ۴۵ پیٹھ]

صرف شیخ العالم سندس ناوس پیٹھ، بیٹھ کنی صوفی لیکھان چھُ یا چھرا مخدوم صاب لِس ناوس پیٹھ، بیتھ کنی مرزا کمال الدین صابن بیۆکھمت چھُ۔ اتھ سِلسِلس منز چھُ یہ کتھ تہٕ ذہنس اندر تھاونی ضروری زِ صوفی چھُ بیہ دوہن سکن ہنز تہٕ ذکر کران (بیتھ کنی ٹینگ صابن تہٕ لیۆکھمُت چھُ) ییٚن یہ عبادتھ ویچ چھُ۔

(الف) بادشاہ نورالدین یا مخدوم جہاں

(ب) یا مخدوم بادشاہ نورالدین

ٹینگ صابن اتھ مضمونس چھِ اقبال ناتھ وَنیُوہن دسمبر ۷۴ء شیرازس اندر نفیس جرح کری متی، یم ستی اتھ سکس ہیٹھ وایہ پاٹھی بوز شوٹرِچ گنجایش پادہ سپز۔ علمدارس اندر پرٕہے ٹینگ صابس تمے جرح صاف کرِنی نہٕ۔ بیہ تی ژھوٚٹر آدتھ وَنُن، یہ اقبال ناتھن شکادر بتوو۔

دوہنی ہرگاہ ٹینگ صابس مینٕہ ٹیپھ ژٹی غرض مطبل اوس، چیشن پیٹھ، اگرچہ مینٕہ دوٚن تی یہ محی الدین صوفی، پریم ناتھ بزاز تہٕ بیۆحضرا تو دوٚمُت چھُ۔ خبر تمن کو نہٕ زِ دوٚنُن ٹیپھ ژٹی ضرودی۔ جواب اوس دِیُن اقبال ناتھس، سہٕ روٗدُنتی۔ حالانکہ تمی چھُ نہٕ صرف اتھ سکس ستی عہ اوت بلکہ ٹینگ صاب نِن بیَن کتھن ستی تہٕ اختلاف کوٚرمُت، یمہٕ شیرازکس پِیٹھہ مضمونس اندر وَننہٕ چھ آمُت۔

اقبال ناتھن لبہ لُباب چھُ یہ ـــــ

۱۔ "داریا ہن کتھن چھُ دُنہٕ تہٕ گیٚنی تہٕ پُھٹ کڈنہٕ غاطرہ دَل دِنک ضرورت۔

۲۔ ہرگاہ یم سکہ حضرت شیخ العالم تہ سلطان العارفین سندین ناون آسہن،
کاشرلوٗ آسہن یمن رٕچھ تہ تاویزٕہ کرِہی مٔتۍ۔ مگر کاشرین چھُنہٕ صوفی سندین
مرزا کمال سندِس تہ ٹینگ صٲبنِس انکشافن تام مولوے نہ یم سکہ چھہ تٔہندین
اولیاء اللہٕہن ہندین ناون پیٹھ۔ پتہ کمن کاشرین ہُند دِل نہ یِنہٕ
خاطرٕہ کٔرو عطا محمد خانُن یہ سکہ۔ مُسہ خان عاشق تہ لالہٕ نہ خبر ے۔

۳۔ ٹینگ صٲب دپان نورالدین ناوس پتہ مخدوم صٲبن ناو چھُ
سکس تہندہ زِچھر کاشر مطابق تھاوِنہٕ آمُت۔ مگر باقے دون سکن

("یا مخدوم شاہ نورالدین" تہ "یا مخدوم یا شاہ نورالدین") کوّت چھُہ
یہ زِچھر کاشر گومُت؟

۴۔ بیربل کاچرو چھُ عطا محمدؐ خانس پتے یِنُن نوٚ آرِچ لیکھان تمہ
وِزہ آسہن وُنہ یم سکہ وٚرگس تہ تمی آسہن پانہٕ وُچھمتی وٚرنٲوِمتی۔ تمِس نہ
آس تا خبر یم سکہ کہندین ناون پیٹھ چھ؟ تمی چھُنہٕ اِمُک کانہہ ذکر کوٚرمُت
حالانکہ باوِنس تہ تارِیفن لایق آس یہے کتھ۔

۵۔ عطا محمد خانن تارِیف کران چھُنہٕ ٹینگ صٲب تھوکمُت نہ۔ مگر کاشرِن
رٕوٚد تمِہ زمانُک صرف "وقتِ سوکھ جو" (سُکھ جیون) یاد۔ نزٕہ
وقت عطا محمد۔ یمہ وِزہ عطا محمد ییتہٕ نٔوول لچھ بُود روپیہ خزانہٕ نیوٚن
سٕتی بلکہ لوہور وٲتِتھ ژھٔنن "اٹک" قلہٕ رنجیت سنگھس اکِس لچھس
کِنِتھ۔ یہ نٔول خزانہٕ ہیتھ نہ تا دِلنہٕ بیوٚ وزِیر فتح خانس برون بیُس

تمی کاشرِ ہِن نٔم زٔم ژٕتِھ وصول کوٚر۔ یوٚہے گوا سُہ اوس کاشرِ ہِنز
آزادی تہٕ پابرجایی کا چھان؟
اقبال ناتھُن مضمون چھُ لفظہٕ لفظہٕ پرٕنکُ ضروٗرت۔

(صہ ۴۲ ہُک باتِھ حاشیہ) چھُ نہ صرف یہ سِکہٕ ابن مہجورن ہوو مُت بلکہ چھُنس اُمِچ باتِھ زانکٲری تہٕ کرمہٕ ژ۔ یہ واشگافی [illegible] ۔ [illegible]

**

۵ "عظم خانٕنہ چِنیٚ" محاورہ (مقالات حاجنی) رٔژ لوکن ژٕہنس مگر تسند کانہہ سکّہ شد روشن رُژُک نہ یاد۔ مہجور چھُ لیکھان " دُرانیہ حکومت کا آخری صوبیدار محمد عظیم خان تھا جو بغایت ظالم و جابر اور حریص و طامع تھا۔ کشمیر میں حکومت دُرانیہ کے خاتمہ کا ذمہ دار وہی سفاک تھا۔" (حیاتِ رحیم) اُمی شخصَن کوٚر شِین ؤری ین اندر اکہ کروڑ پیٹھی نقد تہٕ جنس کشیرِ تہراج کٔرِتھ جمع تہٕ گو کوٚبل واپس۔ (مُلخص تاریخ حسن)

## پھُٹہٕ پھِڑاٹ

منیٚ اوس لوٗرناس اندر لیوکھمُت ــــــ "نفس مضمون کہ لحاظہ چھ بم شٕرکی اسلامی، منصوٗفانہ تہٕ حکیمانہ تہٕ نفس مضمون کی لحاظہ چھ ییتھ کتابہ اندر یمن شٕرکین ترتیب آمٕژ دِتہٕ" (ص ۴) رحمان راہی چھُ اتھ پیٹھ لیکھان ــــ "محمد ابن کامل کلام شیخ کو موضوع کے اعتبار سے تین

خانوں میں بانٹ دیتے ہیں، اسلامی متصوفانہ اور حکیمانہ۔۔۔۔ توجہ طلب بات یہ ہے کہ بعض لوگ ادبی معاملات میں بھی اسلامی اور غیر اسلامی جیسے تصورات کو معیار بنا کر ادب کی جانچ پرکھ کرتے ہیں اور اسکی قدر و قیمت مقرر کرتے ہیں[1]

میانِس ہیرِمس حوالس اندرکنہِ زَن چھُ شرکین کنہِ تہِ نظریہ کنہِ قدر و قیمت مقرر آمُت کرنہٕ خبر راہی صابس کیازہ بلۍ وونہہ وولیومُت ۔۔۔۔۔ وونی گوٚ کانٛسہِ شاعرس ہندی موضوعِ سخن بانٛونی چھُنہٕ ادبی لحاظہ غلط۔ شفیع شوق صاب چھُ نادمس متعلق لیکھان "نادم چھ گوڈ پیٹھے پرینٛہ کنہِ قسمکۍ موضوع ورتاوی متی۔ تمۍ لیکھ انقلابی نغمہٕ، تمۍ لیکھ نعت، تمۍ لیچھ لیلا یہ، تمۍ لیکھ مرثیہ شاعری ہنزن مختلف ہیئژن منز مختلف موضوعن پیٹھ ۔۔۔" شاعری موضوع لحاظہ مختلف خانن منز باگراونس پیٹھ چیری توس بچارس ہوٚت[2] راہی صابن چھنا پانہٕ موضوعن ہنز خانہ بندی کٔرتھ تمن" ادبی پرکھ" کرمٕژ مثلن مذہبی شاعری (شیرازہٕ شمارٕ ۴، ۶۸۹) روحانیت (شیرازہٕ شمارٕ ۲، ۶۸۸) یا لیکھان چھُ "حُسن و عشقکہِ موضوع نشہِ بڑٕ ونہہ پکتھ چھُ مہجوٗرن وطنی، قومی، سیاسی، اقتصادی موضوع پیش کرنہٕ بایتھ غزلو علاوٕ نظمہِ تہِ وُس تلمُت۔ (کہوٹ۔ ص۔۱۸۴)۔ پتھ اَدٕ؟

---

[1] شمس العارفین ص ۴ (شیخ العالم شش صدسالہ جشن کمیٹی ۱۹۷۸)

[2] شیرازہ نادم نمبر ص ۸۷ (نومبر ۱۹۹۰ء)

سآرٕ ۲) فٹ نوٹ چھاُزِ کی۔ کینژھا مزید وٕڑھنَے موکھ تہٕ
کینژھا فراق تہٕ رآہی سندِ ین مضمونن ہُند لبہ لباب پیش کرنہٕ
موکھ، یم نہٕ یَرِن وآلِس برٕ وتھہ کَنہٕ چھِ۔

# ** اکھ غزل تہٕ تہٕ کاڑبآج

## ( تمہید )

کاشرادبٕ فروری ۱۹۶۷ ؁ شمارس اندر چھپیوو ٹائیٹل کورس اندری کنہ میون یہ غزل :

بہار پوک نہٕ اگر چانہٕ ترا بہ گرایہٕ میٚے کیا
گُلالہٕ داغ جگر ہیتھ چھہٕ جایہ جایہٕ میٚے کیا

یہ چھُس نہٕ نینہٕ خیالک نہٕ دس نگر ازتان
قلم یہٕ میون نے پوک چانہ رایہ رایہ میٚے کیا

قدم قدم میٚے چھُہ وآداگہٕ منزلس کُن ووتھان
اگر میٚے سینہ ژہٕ آسکھ نہٕ تھایہ تھایہٕ میٚے کیا

میٚے ژچ نہٕ زنتہ کنن پنہٕ نے دچ بہٕ ڈبرایے
صدا اگر دِوان روٗزکھ ژہٕ شایہ شایہٕ میٚے کیا

میٚے وُتھی نہٕ نینہٕ خُرے نہٕ نہٕ ٹآری پنہٕ
وٹن پھولی نہٕ زن کوسم ژبٚے مپانہ رایہ میٚے کیا

حرام چھکھ اگر ہے قبرِ مثانہ پیٚور تھوَن
میٚے سینہ گبہ نہٕ زن یم مپآنی ستار ضایہ میٚے کیا

انہ اوس کاشرادب کہٕ طرفہ یہٕ نوٹ آمت لیکھنہٕ :-

"برلے بحث"۔ پتہ مس تہٕ اُزی کس کاشرس ادبس منز چھپے
امین کامل ہنٛز نو غزل۔ اَمہ علاوٕ تہٕ چھ بیٚنٛدی غزل محفلن منز
سارٕی بوزنان روٗدی مٕتی۔ یمن غزلن متعلق چھُ ونُن یوان زِ یِمو
دِتُت کاشرس اکھ نوو لہجہ تہٕ آہنگ۔ تومے چھ یِہنز فارم تہٕ موادس
اندر سیٹھا نٕ تقلید سپدان۔ اتھ متعلق ہرگاہ کانٛسہ دوستس ننٛی خیالہٕ
آسن ونُنۍ سہ ہیٚکہ تِم لیکھتھ۔ کاشرِ ادبکہ صفہ روزن حاضر۔ ادارہ"
رسالہ نیرنہٕ پتہ اوس رٲہی صابن "کاشر ادب"ہٕکس ایڈیٹر غلام رسول سنتوش
صابس دوٚہمُت زِ یہ چھُ شینٛ جایِن پھٹان۔ ییٚلہِ لیوٚکھ اتھی مُراسلہٕ تہٕ
کوٚرمس حوالہٕ:

> اڈیٹر صاب تُہۍ ہیٚیِو میون غزل بحثہ خاطرٕ چھپومُت چھُوٗن،
> بوزُم رحمان رٲہی صابن چھُ تتھ متعلق وَنمُت زِ اَتھ چھ شین
> مِصرن بحر پھٹان۔ میٚے چھُ نہٕ غلطی نِشہ پاک آسنُک دعویٰ۔ یہ
> روزہِ رٲہی صابُن شکر گزار ہرگاہ تِم ہیٚٹن والین شین مِصرن
> ہنٛز نقطی کٔرِتھ نشان دِہی کرن۔ غزلس اندر چھ تہنٛدی کاتبن
> اکِس جایہِ اَز تان بدل اَذ تام تہٕ بیٚیِس جایہِ چھُس ژٔنج لفظ لیکھن
> مُشِتھ گومُت، یمہ چھُ ییٚنہٕ کُنہ سہ مےٚ ژٔنج تہٕ ژٔنیہ کُنہ پتہ
> دپِتھ یہ دٕبہ راوٕے۔

یہ مراسلہ ڈنا و مارچ، ۶۶ء شمارس منز تہٕ اَمہ پتہ گوو رسالہ بند۔ ڈوہٕ ڈوہٕ یرِ
ڈنا و رسالہ ۶۹ ءَس اندر دٔبارٕ۔

# * فراق صابس جواب

فراق صابن خط پوٚرُم۔ قصہ اوس پرانیوٚ مُت مگر نوہ ہیر کوٚر دوون زندٕ آتہٕ منلق چھُم مختصر پٲٹھۍ کیہہ عرض کرُن۔

نمبر 1۔ کاشُر ادب فروری ۶۷ہس اندر سپُد میٚون غزل "بہار پوٚک نہ اگر چانہ نزا یہ گرا یہ میٚے کیاہ"۔ بحثہٕ خاطرٕ چھاپ۔ رسالہ نیرتہٕ دوہ یہٕ ترٛیشہٕ ڈُہہ ووٚن کاشرِ ادبکۍ اڈیٹر غلام رسول سنتوش صابن کلچرل اکیڈیمی ہندِس دفترس پیٹھ زہ ٲہی سمکھُم، دپیوُس اَتہ پیٹھ گرتہٕ کینژھاہ لیکھُن۔ سُہ ووٚتھُم گوڈہ کرِیو تُن کامِل صابَس اَتہ بحر سیوٚد پتہٕ یوزد باقے کینژہ۔ اتہٕ چھہٕ واریاہ شار پھٹان۔ میٚے تُلُن قلم نہٕ لیوکھُم "بوزُم ٲہی چھُہ ونان" یہ مراسلہٕ کوڈُم سنتوش صابَس حوالہٕ[۲]۔ سُہ چھیپیو مارچ ۶۷ہکِس شمارس منز۔ اوٚت "نام اوس نہ ٲہی میٚے سمکھُمت فراق صاب چھہٕ پانہٕ مانان "ممکن چھُہ ٲہی صابن آسہے یہ کینژ (شار پھٹنچ) کامِل صابنہٕ غارحاضری منز نہ کرِمژ"۔ میٚون جواب چھُہ زہ ٲہی صابن آس بیشک یہ کینژ میانہٕ غارحاضری منز کرِمژ نہٕ سوے وآتھٕ میٚے نیشہٕ۔ تِمہ بیہہ نُمہ وِزہ "بوزُم" لفظے لیکھنہٕ۔

---

۱ بیلہ کاشُر ادب ۱/۲ ڈُہری دبارٕ دراو، اتہٕ اندراوس "اکہ خط" عنوانہٕ (اگست ۶۹ شمارس اندر) فراق صابن میانس اتہٕ غزلس پیٹھ بحث نلمت۔ میٚون یہ جواب دراو دسمبر ۶۹ شمارس اندر تٕہ ورۄ ربنۍ اوہ کینژ زہ اگست پتہٕ دراو نہ اوٚت "نام رسالک کانہہ شمارہ۔

۲ فراق صابن اوس پنہٕنس خطس منز لیوکھمُت "میٚے آو نہ کامِل صابُن "بوزم" استعمال کرُن پسند تکیازِ اَمہ لفظٕ نِلہ چھہٕ ظاہر سپدان زِ میٚن دوون چھینہٕ اتہٕ غزلس پیٹھ دو بدو کینژ باتھ بیٚنزمژ حالانکہ سو سپٕز گوڈٕ متعلقہ شخصن میانی گرٕ"

اَمہٕ پَتہٕ دوہ بہٕ ژودہٕ دُہی چھِہ اُسی فراق صآبنہٕ گرہٕ سمکھان۔ کنھہِ کنھہِ منزٕ وۄن راہی صابن "اَتھ ما چھِہ اَکِس دۄن جاین شارٕ پھٹان ہی باسان"۔ میٚنے پرٕ ژھس کُنہِ نتھ؟۔ تٕہ وۄنُھ شارٕ چھِم نہٕ زبانِ یاد۔ میٚنے وۄنُس کانٕہ تِہ چھُہ اَتھ اکس جاپہٕ اکھ لفظ ترٕووُمت۔ (میٚنے وۄنُس اصل مصرٕ) تُہے ما چھُے باسیوٚمُت؟ راہی صابن وۄن "نہ" میٚنے وۄنُس اُسی چھِہ گامہٕ پاٹھی پننے لفظس بینِہٕ پاٹھی تلفظ کران تٕہ ما باسیوٚے پھُٹان۔ راہی صآب وۄنُھ اُسی تہٕ چھِہ بہٕ تلفظ کرانٕ[۳]۔ بہٕ وۄنُھس فراقس کُن "تِلا کاشرادب دِیکُن" تُہ وۄنُھ "تٕہ ما چھُہ کُمی تام صُبحس پرِٕن نیوٚمُت۔" راہی صآب وۄنُھ "میٚنے چھِہ پننہٕ رسالہٕ کاپی تمِن جاین نِشانہٕ تھآوِی متِہ۔ پگہ ہاوٕے"۔

کنھ پِنِز ژیٚرے۔ اَتہٕ کُنہِ دۄاو راہی صابن کیا کُرُ پھُٹن والین شارن ہنز نِشان دِہی یا تمِن کرِٕن تقطیع۔ فراق صآب چھُہ بہٕ غلط فہمی ژٕھان یادہٕ کرِٕ زنتہٕ راہی صابن بے وزن شارن ہنز نشاندہی آس کُرمٕژ۔ پانہٕ چھُہ فراق صآب لیکھان "۔ کنھ سپدٕ ہے تمی ساتہٕ حل مگر کاشرِ ادبچ میانِ کاپی آس امی دوہ صُبحس میٚنے نِشہِ اکہِ دوستن نیمٕژ ۔۔۔" گویا فراق صآب چھِہ پانہٕ مانان زہٕ کنھ گیہٕ نہ حل کیازہ تِہ تھیلہِ نہ پھٹن والین مصرٕن ہنز نشاندہی سپز محض زبآنی وۄنُن کینہہ شار چھِہ پھٹان ہی باسان اوس نہ میٚنے کانہہ جواب۔

یہ چھُس نہٕ دوہہٕ یِر کنھ ژٕ فدہٕ تھاوِنی ژٕھان زہٕ یہ غزل بجتہٕ خاطرٕ دنگ

۳۔ بہٕ ادٕ تُس کوشش کران راہی صآب وِکہِ نابجتہٕ چیز نادِہِ مگر تہٕ اوس ژٕلان۔ اَمِس متعلق چھُ وَنِنہٕ یِوان، بہٕ چھُ ماٹٕ دانس وَسان ژٕلنچہٕ دَتہٕ وُچھنہ (وچھو کاشرادب اگست ۶۷۔)

ییوٚن اکھ مقصد اوس امہِ کِس بحرس پیٹھ بحث ثلناوُن۔ تمکو وجوہات کرِ یہِ الگ عرض۔

نمبر۲ — دوٚیِم کتھ لیوٚکھ سہِ فراق صاحبن کٔرمٕژ چھہ سوٚ چھہ یہِ زِ کامِل صاحبن دیتؠ نہ کانہہ نوو لہجہ نہ آہنگ"— ہرگاہ نوو سہ اَنان کانسہِ یہِ رائے پیش گٔرمٕژ چھہ نو سہ پَرِ ہے ییلہِ سوٚ رائے ناوہِ منٛز چھاپ کرنہٕ یٚتھ۔ فراق صاحبن اتھ کتھِ ازِ ییوٚن جواب دِین چھِنہٕ جان۔ پانہٕ چھُ فراق صاحب وَنان " زمانہٕ کرِ پانے امیک فیصلہٕ" سانہِ ییلہِ اَمہِ سُند خط چھپان چھُ زمانن چھُ یہِ فیصلہٕ کٔرِتھ ہیوتمُت۔ مثالہ چھہ یہِ:

نوٚ زٕکن تَل غزل نوی لیٚہ ان
کٲملنہِ لہجہ کے موٚدُر البقرا (رشید نازکی)

فاروقس وَن ژھٹہ وو وہ فِکتھ
ناوہٕ قلم منٛز کٲمِل آو (فاروق نازکی)

کامِل چھُ کاشرِ شاعری مُنٛد امیرِ غزل (دنیا نانہٕ نادم) کامِل چھُ کاشرِ غزلِ خاطرٕ اکھ سۄ مزاز یا پادہٕ کران یُس برونہہ کُنہِ کاشرِس غزلس سیٹھاہ پوٚہنہٕ نَیاو تہ میکہ" (دنیا نانہٕ نادم)[۵]۔ روٚسُل میرن پتہٕ کٔرِ اَسہِ وادیاہ غزل گو یادہٕ مگر غزلہ کسِن کانسہِ

---

۵۴۔ فراق صاحبن اگر کاشرِ ادبک سُے شمارہٕ وادہٕ پاٹھو پوٚرمُت آسہِ ہے ینہٕ منٛز ییوٚن یہِ زیرِ بحث غزل درامت چھہ۔ نمو آسہن" نامہ پیام" عنوانہٕ رشید نازکی صاحبنیم لفظ پرِ منٛو — غزل چھہ کاملن رام کوٚرمُت یا غزلن چھہ کامل رام کورمُت۔ کامل یہِ کنیژھاہ چھُ اگر غزلک مرشد چھہ۔" (صفحہ ۳۲)

۵۔ نادم صاحبس سٕنٛز انٹرویو" کاشر ادب، اگست ۵۹، (صفحہ ۱۵ - ۱۸)

یُس وہراوِ نہٕ امہِ کِس لہجس یوٚسہٕ انقلاب آفرین تبدیلی کاملن پاد کٔر، سوٚ چھُ یہِ کاشرِ نہٕ حِصّہٕ آمُت (محمّد یوسف ٹینگ[۶]) "ابن کامل کو اسلوب اور اپروچ کے لحاظ سے کشمیری شاعری کا عہد آفرین شاعر سمجھنا چاہیئے (محمد یوسف ٹینگ رسالہ آج کل دہلی اگست ۶۹ء) - یِم گٔیہِ کینہہ شخص نہٕ تہنزہ رایہِ ہمیک مطالبہ فراق صآبَن کوٚرمُت چھُ[۷]

نمبر ۳ — بیاکھ کتھ چھُ فراق صآب یہِ وَنان زِ "میٚے کیا" غزلہٕ مُتند بحر چھِہ کآمِل صآبس برونٹھ نہٕ تمہٕ ہِندی دیٚے ہمعصر شاعرَو ورتاوِمٕت"۔ یہٕ چھُس فراق صآبس چیلینج کران زِ سہٕ ہاوِن میٚے بروٚنٹھ کیا چھُ یہِ بحر کاشرِ نہٕ کاشری شاعرن ورتاوِمٕت گوڈنیکُ غزل یُس انہٕ بحرس منز لیکھنہٕ آو چھُ "صدایہ لوٚے زمانَن سکندری موکلے" یُس مس ملہ کتابہِ منز ۱۹۵۴ء اندر چھاپ چھُ سپدمُت۔ اَمہِ غزلہِ پتہٕ لیکھی میٚے بیہ نہٕ زٕ ژٕ وٕ غزل انہٕ منز، مثلن مشہور غزل "گلآلی یامِ نیٚن لولہٕ جام کوٚر لبریز" ۔ میٚے پتہٕ ورتاوِ راہی صآبن یہِ بحر گوڈنچہِ لٹہِ ۱۹۵۶ء اندر پننہِ غزلس اندر "اگر نہٕ حُسن نہٕ بلی لاگہِ گاہ بےٚ گاہ دل تنگ" فراق صآب چھُ پانہٕ مانان زِ تمی چھُ "جلے ۱۹۵۹ء اندر انہٕ بحرس منز اکھ غزل لیکھنچ کوٚشِش کٔرمٕژ، ووٚنی کمٔ زَن میاَنی ہمعصرن چھُ یہِ بحر میٚے بروٚنٹھ ورتاوِمُت[۸]۔

---

۶ - بیہ سُے پان (کامل) کتابہِ ہیٚنٹھ ٹینگ صآبنی لیکھے (ص ۱۳۲)

۷ - (کاملنو غزلو) لآگی اکثر غزل گو نوٚہِ وِنہٕ کُن۔ حتیٰ کہ نادم تہٕ راہی تہٕ ہیٚکی نہٕ مین ہِنٛدٕ اثرہٕ نِشہٕ دوٗر روٗزِتھ..... وارِیاہو ہیوٚت کامل نی آبہِ لیکھُن .... مگر بیاکھ کامل ہیوٚک نہٕ پادہٕ سپدِتھ (کاشرِ ادبُک توارٕیخ ص ۳۱۸)

۸ - نمبر راہی صآب کیازِ چھُ فراق صآبس پننہٕ ہِن نیابن اَرِ دلس نزاوان۔ ہرکسی برکسی نظر دارد

نمبر ۴ ـ فراق صاب چھہ میانس اکس شارس غلط تشریح کرمت۔ شار چھُ یہ:

ساری حالات، حادثات بنے ی
آسی صُبحکی ستارہ، بانہ بنے ی ۵۹

شار چھُ بالکُل بےبود زِ ساری حالاتن آسی صبح کین شارن ہندی پاٹھی کینژن دمن ہندی مہمان۔ یعنی صبحس اندر تبدیل گژھہ وِنی۔ مگر مُوٗلب حادثچ شکل نہ بجا یہ صبح گژھ بیہ ساتہ اندر تبدیل۔ فراق صاب چھُ اتھ بیھۂ پاٹھی مانہِ کڈان ـ شایر چھُ وَنُن یژھان زِ ساری حالاتن آسی سبٹھاہ جان یمہ صُبحکی ستارہ ہی ـ تمے بنے حادثات یمے رانہ ہی" یہ "سبٹھاہ جان" کتہِ دژاو؟ صُبحکی ستارہ وَنہ نے گوٚو فنا گژھن وٲلی۔ کینژن ژہین اندر بدلن وٲلی۔ ہرگاہ یئے شار فہمی ہیتھ فراق صاب کاشرِ شاعری پیٹھ کیاہ تام تنقیدی مضموٗن لیکھنہِ چھُ بیوٚٹھمت، تیلہ چھُ کاشرِ زبان خُدا ہے حافِظ۔[۶۰]

---

۵۹ ـ امہِ کِس بحرس متعلق چھہ فراق صاب لیکھان " یہ بحر چھُ فارسی یس منز رُوٗدکی ہندہِ پیٹھہ از تام برابر استعمال سپدمُت" ۔بحر میٚنے کر وزن زِ یہ چھُس بین بحرن ہند" ایجاد کاد" ہیوٚن دعوا چھُ یُیتے زِ میٚنے بر وِنہہ ورتاوی نہ یم بحر نہ وزن کانہہ نہ کاشرس منز۔ کینہہ نہ کینہہ چھہ فرق ـ
بیاکھ نوٚکتہ چھُ فراق صاب یہ وَنان "امیُک موضوع شہ نہ چھُنہ کنہِ لحاظہ نوٚو۔ مُمکن چھُ امہِ انداز بیان آسن بیہ کینہہ گوڈنچہ وِزہ کاشرِس غزلس منز وننہ آمُت۔ مگر نمہ سینز بنہ نہ کانہہ دوس بوٚڈ یا لوکٹ شاعر" فراق صابس چھُ احساس میانہِ انداز بیانک کہ نوٚو ک سہ کہتے ہیں کہ غالب کا ہے انداز بیان اور ۔ مگر جلس چھُن احتیاطن "ممکن" لفظ بہ سینز تھوومُت بروٚنہہ کُن چھُ اتھ انداز بیانس متعلق نہ "تذبذب باوان " یود مے احساس کانہہ چیز نوٚو بہ بخشان چھُ سہ چھُ شاید شاعرِ سُند انداز بیان"۔ پننہ ادبی اصطلاح "لکتا بہ اندر چھُ یہ تبغہ نجر آسنہ زوگیت اوٚن میٚنے کاشرس منز لیکھان۔ " دیپاکھ یہند چھُ کاشرِ شاعری

## * وَزنے چھُہ پھُٹان (۱)

راہی صابُن مضمون پوٚرُم۔ مضمون کِس تمہیدس منٛز چھُہ ہیوٚ تہٕ فراق صابنے کتھٕ دوہراوِمٕژ۔ تمہٕ پتہٕ چھہ میٚے " فراق صابُن جواب" عنوانس تَل صاف کرٕمژ۔ راہی صابن نٕہ آسہٕ ووہٕ ذسہٕ مضمون پوٚرمُت تہٕ جواب لوٚبمُت[10]۔

۱۔ راہی صابُن چھُہ سوٗرُے زور یتھ بیٹھ خرچ کوٚرمُت زِ میٚے ہسا دژٕ ژینہٕ وِرٕ فی کامِل صابُن غزلکی شارن پھٹِنِچ اکہٕ نہٕ دوہ یرلنہٕ۔ میٚے کوٚر انکار زِ راہی صابن کیا دژٕ نہٕ ژیرٕ ژینہٕ وِرٕ فی۔ میے یورٕ مراسلہٕ لیوٚکھ زِ " بوٗزُم راہی صاب چھُہ وَنان انتھ چھُہ شعرن وزن پھٹان"۔ یہ گوٗ نا میٚے آس یہ ژینہٕ وِرٕ فی قبوٗل کرٕنٕژ مگر میون مطالبہٕ اوس نہٕ ژینہٕ وِرٕ فی بلکہٕ پھٹِنٕ والین شارن ہُنٛز نشاندہی تہٕ تفقلی[11]۔

---

منٛز گوڈنیکُ گیت"۔ یہ خبر آیہٕ زِ یوٚمبرٕ ینبرزل چھُہ گوڈنیکُ اوپیرا، لیکھان چھُہ "شاید چھُہ یہ گوڈنیکُ کاشراد پیرا" یہ ممکن، دپان، شاید لیکھہٕ سیٚنی ما چھُہ نوارنج نوٚو پیہٕ خاطرٕ ہشتبہ سپدان۔؟

[9] فراق صابن اوس لیوکھمت زِ تمہٕ چھُہ جدید غزلس پیٹھ اکھ مضمون لیکھان لیُس جلدے چھپہٕ۔

[10] ۔ راہی صابن مضمون سپُد کاشر ادب دسمبر ۱۹۶۹ واِنٛد چھاپ۔ اتھ دِژا میون یہ جواب اپریل مئی ۱۹۷۰ شمارس منٛز۔ تکیازِ جنوری فروری تہٕ مارچ شمارہ دِژا یہ سیٚتی یکوٚٹہٕ تہٕ مضموٗنس آونہٕ سیٚتی چھپنک موقعہٕ۔

[11] ۔ راہی صابن چھہ لیوکھمُت " اکِس محفلہ منٛز شعا بجود میٚے کاشرِ ادبک سُہ پرچہ یتھ منٛز زیرِ بحث غزل چھپیومُت اوس مگر رسالہٕ آو نہٕ انتھ نہٕ کینہہ دوناڈوٗنی"۔ یہ محفل چھہ فراق صابنہٕ گرہٕ ساتِس سمکھنس متلق یتھِکُ تذکرہ برو تہٕ سپُد۔

ہرگاہ میٚنے گوٚڈ بچھِ لٹہِ اَتھ بحرس پیٹھ قلم آسہا تُلمُت تیٚلہِ آسہٕ راہی صابنہِ ذہنہِ ہٕنٛزِ کانٛہہ مانہٕ نہاوان۔ مگر راہی صابس آسہٕ خبر بہٕ بحر چھُ میانی دسی کاشرس منٛز آمُت! اَتھ منٛز چھُ میٚنے اُمی سنزی گژہ گنتی حسابہٕ باوزن تہٕ صحی شار لیکھِنہٕ بلکہِ چھُس پانس تہٕ تِموے پیٹھہٕ یہٕ بحر وزناونک ظوٗن پیوٗمُت۔ مثلن "مس ہر" (۱۹۵۴) کتابہٕ ہُنٛد غزل "صدا یہٕ لوٗے زمانن سکندری موٚکلے" یا امی کتابہٕ ہنٛز نظم "یاہہٕ بلک سحر بمبٔک گوٚڈ چھُہ "سحر سپُد نہٕ دُعا ماجہٕ وٕے یہٕ لوٗگ کرُن" یا اَمہٕ پتہٕ بییہٕ ذٕ ہ ترییے غزل خاصکر "لوٚہ تہٕ پردہٕ" کتابہٕ ہُنٛد "ژٕ چھکھ تہٕ حوٚر بیاڑچ چھُ عاشقن ہمدم"۔ لہانا پزہِ ہے راہی صابس سوچُن زِ اگر یہٕ اُتھی بحرس منٛز مصرہ پتہٕ مصرہ پھٹن وول غزل لیکھنہٕ بچھہٕ خاطرہ دوان چھُس، اَتھ منٛز ما چھُہ اُمس کانٛہہ خاص مقصد اُمس پزہِ ہے تہٕ اوٚدہٕ لوٚرِ وَنُن "یہِ نا کاملُن غزل ۶ پھٹان"۔

۲۔ راہی صاب چھُہ ونان زِ "کاملَن" اوٚن کاتب دسیٛہ تہٕ میٚنے کرہٕ ژھوٚ پیہٕ[۱۲] اَتِچ ذکر چھُ میٚنے "فراق صابس جواب" عنوانس تل کرمُت۔ کاتبن اوس میانِس اَکِس مصرس منٛز ژٕ جی لفظ پوٚمُت یہٕ چھُ کتابس منٛز آمُت۔ تی وَوٚن میٚنے راہی صابس تِتھہٕ کاتب دسیٛہ اَنُن ونان چھُہ[۱۲] ہرگاہ یہٕ (کتابت غلطی) کانٛہہ دلیل چھہٕ تیٚلہِ کیاہ چھُہ راہی صابس جواب زِ "نوروزِ صبا" کتابہٕ اندر چھہٕ ژٕ مصرہ ہنٛہٕ پاٹھۍ لیکھنہٕ۔ یلہِ یادسمی تیٚلہِ ژٕلی خیالن سنگ (ص ۱۳۷)

زندہ کتھہٕ چھہٕ دل گژھان پھاسہ پیٹھہٕ یہِ سرنان (ص ۷۹)

[۱۱] بحر رمل مثمن مشکوٗلکہِ ارکان چھِن یم ڈُنہِ فعلاتُ فاعلاتُن فعلاتُ فاعلاتُن

---

[۱۲] ۔ حالانکہ ذکر آسہٕ اڈیٹرسندہِ نادہٕ میانس خطس منٛز بہٕ وہیٛہ پیزمُت۔

ہرگاہ راہی صآب وَنہٕ زٕ یِم زٕ مصرٕ نہٕ رُکن لیکھنس منز چھِ کاتبس غلطی گامٕژ

بٕ زٕن وَنس" یِہ چھُن کاتب وسیلہٕ انان، راہی صآبس کیاہ جواب آسہٕ؟

یہِ اوس غارِ متعلقہ کتھن جواب۔ ووٕنی پھیرہٕ بہٕ اصل عروضی مسلس کُن۔

۴۳۔ راہی چھِ اکہِ طرفہٕ ونان "یِتھِہٕ کانہہ مروجہ بحر ونناوٕ یِتھہ چھِ مروجہ اصولن ہنز پاپہ‌وی کرٕنی پیوان۔" دوٕنی گوٚژھہ انھی پیٹھ رونُن۔ مگر نہٕ۔ ژٕ لیکھ وَتہ تہٕ چھن اتھی نہٕ آوٕمژ۔[13] ونان چھِ "یِمن مروجہ اصولن منز کُنہِ بہترٕ مُدا یا پتھ چھُہ ردٕ و بدل پتھ کالہِ سپدمُت، ازتہٕ ہیٚکہِ سپدِتھ۔" پانے وِتُن پنہٕ نس گوڈٕ نکس اصولس پیٚش۔ یِتے یوت نہٕ بلکہ چھُہ بروٚنٹھ کُن ونان "بہ چھس پانہٕ بہترٕ مُدا باپتھ انہٕ خاطرہٕ یِمن مروجہ اصولن منز انقلابی ردٕ و بدل کرنُک ضرورت محسوس کران۔[14] گویا راہی صآب چھُہ پانہ قدامت پسند عروض دانن ہنٛدی پاٹھی مروجہ اصولن ہنز پاپہ‌وی ضروری مانان مگر پانہٕ چھُہ انقلاب پسندی ہُنٛد تہٕ جامہٕ لاگتھ یہ نعرٕ دوان زٕ بہترٕ مُدا خاطرٕ گژھہِ یِمن اصولن زبردست ردٕ و بدل سپدُن۔ یِمن دوٕن متضاد کتھن منز چھِ صرف "بہترٕ مُدا" خاطرٕ لفظ بدلان۔ سوال چھُہ امیک فاصلہٕ کُس کرِ زٕ ردٕ و بدل چھا بہتر مدا باپتھ سپدمُت کنہٕ نہٕ؟ راہی چھُہ اتھ متعلق خاموش۔ مگر بروٚنٹھ کُن چھُن اکھ کتھ ہ کرمژ۔ "کانٛہہ مصرٕ گژھہِ نہٕ کُنہِ کھوٚرن یا بدشکلہ باسُن۔ ذوق لطیفس گژھہ نہٕ گراے لگنہٕ

---

[13] راہی صآب چھِ ہمیشہ اکھاڑس منز ژلنہٕ وَنہٕ دِچھنہٕ وسان۔ راہی صآبن "دیٚت نہٕ دوٚلوک جواب۔ آنکار آسیٚ کران مگر انکارٕچ آسیٚ گنجایش نہٕ اوان۔ دکاشر ادب جلے اگست ۱۹۷۰ء ص ۸۰)

[14] مے آسی کینہہ تجربہٕ کرِتھ تِچ ضرورت باوٕمژ۔ یہ چھُ تمہٕ کِس پوٚت آلو۔

نہ مصرہ بہ پنہٕ ؤزہ گژھہِ نہٕ نبٕوہٕ گنڈٕ گرٕ ژھن ہے،

اَتہِ چھہٕ بنیہٕ سوال وۄتھان، اگر سندرٕ کنن گژھہ نہٕ کھرُن ۔ کمہٕ ہنٛدِس ذوق لطیفس گژھہِ نہٕ گراے لگنہٕ؟ اَسہ چھہ لداخی موسیقی کھران نہٕ ذوق لطیفس گوٗ بان مگر اکس لداخس چھہ یہ موسیقی وجدانان ۔ وۄنۍ کم کنۍ نہٕ کسٕ ذوق لطیف چھُہ کھوٹ؟ لازِمن شۄدی لداخی کنۍ نہٕ شۄد لداخ ذوقِ لطیف ۔

بیٚھے پاٹھۍ چھہٕ کاشرِ ن شارن ہنٛز کھوٗٹ کاشرۍ کنۍ نہٕ کاشر ذوقِ لطیف دۄیمہِ لفظن منز کاشرِ زبانۍ نہٕ موسیقی ہنٛد مزازٕ[15] امی مزازٕ کنہِ چھُنہٕ سانین موسیقارن یہ بحرٕ وُنہِ نہٕ گیوٗن نگان ۔ نکیازِ نہٕ ہنزِ موسیقی چھُنہ اَتھ کے وِیز یہِ چھہ اکھ تازٕ آہنگ تہٕ وۄ پرکے ۔ بیٚیہِ چھُنہٕ اَتھ سانہِ زبانۍ ہنٛدِس مزازٕ کِس سیٚتۍ بنیادی مطابقت یا ہشر ۔ یہ بحرٕ چھُہ کاشرِ مزازٕ خاطرٕ تیٚتھے انقلابی قدم یتھ اَتھ منز نہٕ آہی صاٰلبس میون نخرٕ بہٕ باسیوو ۔

اَتھ بحرس کیازِ چھُنہٕ کاشرِ زبانۍ ہنٛدِس مزازس سیٚتۍ بنیادی ہشر؟ تمیُک اکھ وۄنٕ خ کرہٕ بہٕ اصطلاحو وٲے موختصر پاٹھۍ بیان ــــ

اَتھ بحرس منز چھُہ اکھ رُکن " فَ عِ لاتُن " اَتھ رُکنس منز چھہٕ فَ تہٕ عِ نہٕ ژھو چہِ آوازٕ موجوٗد ۔ کاشرِ زبانۍ ہنٛد مزازٕ ہیکہِ نہٕ اَتھ لَیہِ (بحرس) منز نہٕ ژھو چہِ آوازٕ بیک وقت ادا کرِتھ ۔ سُہ کڈِہ لاز مَن فَ تہٕ عِ آوازٕ[16] ۔ لہٰذا اَتھ بحرس منز یُس شۄد کاشرُ مزازٕ ہیٚتھ غزل لیکھہِ

---

[15] ۔ کاشرِ زبانۍ تہٕ موسیقی ہنٛدِ مزازچ یہ کتھ پھرکاوِن پنہٕ امی چالہِ خضر مغربی سنزِ "بدیع عروض" کتابہِ ریڈیو پیٹھہٕ تبصرہ کران ۔ [16] ۔ یہِ بحرٕ تہٕ وزن چھُہٕ نہٕ ژھو چہِ نہٕ اکھ نہٕ بیٚھ آواز

نَس گژھِہ لآزمَن رِعَ آواز بدلہِ عیَ۔ عام ایرانی گز گنی حسابہٕ ہُٹس۔ مگر کاشرِ حسابہٕ ہُٹس نہ کہنہٕ تہ۔[17]

اتھ رِعَ چہِ جایہ کیانہ چھُ اَسہ عیَ گژھان۔ وَجہ چھُ زِ عربی زبانہِ منز چھہ رعَ ہُنٛد اکھ مخصوص آواز۔ سانہِ زبانہِ ہِندِس مزاجَس منز چھُنہٕ یہ موجود۔ اسی چھِ اتھ جایہِ الف یا ے آوازہ کڈان۔ عرض لفظس ارض تہٕ اعتراض لفظس ایتراض (ییتراض) ونان۔ چنانچہ یوہے وجہ چھُ زِ عربی تہٕ ہندِس تقلیدس منز فارسی تہٕ اردو عروض دان چھِنہٕ یہ رعَ الگ کڈان لانہٕ لُن نِشہٕ بلکہ چھِ بکوٹہ علا نہٕ علُن لیکھان۔ یتھہٕ پاٹھی راہی صابن تہٕ اُچھوٛ یتھہٕ نہٕ پاروی چھہ کرمژ۔[18] حالانکہ کاشرِ مزاجہٕ پاٹھِن گژھن یِم الگ الگ ـــ عِ لا/ عِ لن رِ لا نہٕ رِ لن۔[19]

---

∪∪—— نگریزی پاٹھی (IONICUS MINOR) مگر کاشرِ مزاجہٕ چھُ اکھ زیٹھ تہٕ اکھ ژھوٹ آواز —∪— (انگریزی پاٹھی DIAMBUS)

[17]۔ روسل مبرنہٕ مہجور چھہ اَدے ییتھین بحرن منز رعَ چہِ جایہ عیَ گژھان (وچھِو میون مضمون شیرازہ ستمبر اکتوبر ۸۸ء)

[18]۔ راہی صابن چھہ میانس صرف گوڈنکس شارس یتھہٕ کنی تقطیع کرمژ مفا (بہا) علن (دیک) فعلا (ن اگہ) تن (رچا) مفا (نتا) علن (لیگا) فعلن (دیکھہ) بلکہ شارن منلق چھُن صرف ہو وُنت زِ کُس کُس لفظ چھُ پھٹان (تیمِ منِ رعَ چہِ جایہ عی چھُ گژھان)

[19]۔ جرمنی اندر اکِھ وُفنہ فارسی گریمر تہٕ عروض ہیچھہٕ ناوَن فالس اکس پروفیسرس، یمس ڈنکن فوربس (DUNCUN FORBES) ناواوس چھہ امہِ رعَ آوازہ ہیہے نخوس ہ ذ ہرژ۔ تکیا زِ یہ چھُنہٕ سانہ زبانہِ ہندی پاٹھی جرمن زبانی اندر تہٕ۔ تمی

موخصر یہٕ نٕوِ اتھ بحرس منز بیک وقت نہٕ ژھوچہِ آوازٕ کڈنہِ پتھ کآشرِس مزاجس خلاف نہٕ کاشُر مزانٕہ کموِ اتھ جایہِ لاژمن فَ تہٕ پی آواز۔ دوٚیُم عَ زیھٹہٕ راوہِ۔

ایرانس منز ثیلہِ ساآنی پآٹھی عربی بحر تہٕ وزن وَرتاونُک تشارہٕ آومُن نہٕ آیہِ وارِیاہ بیتھی مسلہٕ درپیش۔ وارِیہن عربی بحرن کوٗرُکھ پننہِ زبآنی تہٕ موسیقی ہنٛدِ مزازٕ مطابق ہیر پھیر تہٕ لیہ پھیر۔ غلط کیا گرِتھ ہرگاہ اَسی تہٕ پننہِ زبآنی تہٕ موسیقی ہندِ مزانہٕ مطآبق اَتھ وِوہ پِرتہٕ نازٕ وآیہِ دِ بحرس منزفَ تہٕ عَ بجایہِ فَ تہٕ عَی وُنُن تہٕ رَ واتھاوَو۔ یہ کمیٔ خداین چھُ فُو رموٗ وُمُت زِ اَسہِ لسآ پژہ ایرآنی مروّجہ اصولن منز ثیہ کانٛہہ تبدیلی کرِنی۔ اَتھی چھ بہتر مُدا بامل اَنہٕ خآطرہ انقلابی تبدیلی ناو۔ تکیازہ سارِوے کھوتہٕ بہتر تہٕ بوٚڈ مُدا چھُ پننہِ زبآنی تہٕ موسیقی ہندِ مزازٕ وچھُن۔

نادم صابن (یمو شُد نادرا ہی صابن چھُنہ ہیوٚنمُت) ہرگہ زیرِ بحث غزلس خالص کآشُر بحر وٚون، تمی وٚون نہٕ غلط تیُتھ راہی صابن ذِ م چھُ کوٚرمُت۔ نادم صابَن اوس شاید ژیٚو نمُت زِ اتھ بحرس اندر چھُ کآشرِ مزانہٕ مُطابق تبدیلی سپنزمژ۔ لہٰذا چھُنہ یہِ ایرانی بحر روٗدمُت بلکہ کآشُر بوٚمُت۔ [۲۰]

---

چھُ لیو کھمُت نبر فعل بدلہٕ کیا نہِ چھُنہ فضل میزان نا ونہٕ آمُت تیتھ صحی آواز نبرِ مہے۔ مثلن فاضلاتنُ۔ فاضلُن۔ فضلُن بیترِ۔ (پرشن گرامر از ڈنکن فوربد، پی ۴۵۔ ایف ٦٩ جی ١٦٤٣ پبلک لایبریری سرینگر)

۲۰۔ راہی صابن چھُ لیو کھمُت " بیٚے چھُ متن لوکن ہیتھ حآرتہٕ یوان یِم اتھ خالص کآشُر بحر ونان چھِ۔ اتھ منز یِم نوقص چھِ تمن ہیکو نہٕ نو برٛ ژیتھ یوٚت تام تہٕ رِ نم نوقص دوٗر سپدن۔" نوقص کیاہ چھِس یمیٚ زہ عَ چھ جایہ چھُس عَی گژھان۔ یہ عروض

انہ موخصر لوٚپٹ منظرس منز نیتون وہ تی میثون یہ زیرِ بحث غزل۔ وچھتوکھ یِم مِصرٕ آہی صاٰبن پھٹان چھِہ تمٲ وی ہنتی، تِم کتہِ نتھ چھِہ پھٹان :

| م | فا | ع | لُن | ف | عی | لا | تُن |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| ق | لم | سے | مو | ن | تے | پک | چا |
| م | ژج | ن | زا | ک | تن | پن | نے |
| ص | وا | ا | گر | د | وا | ہو | نکھ |
| ح | را | م | چھک | ا | گر | ہے | قب |
| م | سی | ت | گے | ت | زن | یم | ے |
| م | پو | ش | تن | ب | یٹھے | زن | گا |
| وُ | ٹھن | پھ | لی | ت | زن | کو | سم |

ساری مصرٕ چھِہ اَتھی فَ رِع چِہ جایہِ فَ عی گژھان۔ یہ اوس اکھ شعوری تجربہ انہ بحرس کٲشراونک[21] تاجب چھُ یہ زِ رٲہی صاٰبن کیازِ سوٗنچ نہٕ زِ یِم ہنہ مصرٕ کیازِ چھِہ اکِس جایہِ پھٹان۔ مگر نو کر چھُ ہنٛزِ ہنٛدین مَلن پیٹھ سونچُت زِ اَمہِ وِزِہ تلہے یہ تکلیف تیلہِ نہٕ اوٚت تام ییٚہ زِہ انہ بحرس

---

بنیو دعربی شاعری ہندِ مینہٕ تولہ خاطرٕ اکھ میزان۔ مگر تیلہِ فارسی شاعری خاطرٕ یہ اختیار کرنہٕ آو انہ اندر آیہ تِرہ واہ نوی زحاف (وزنہ تبدیلی) ایجاد کرنہ محض فارسی مزازہ مطابق ہرگاہ اَسی تہِ پنٕن کٲشر مزازِ رچھنہٕ موکھہِ یِہ اکھ تبدیلی اختیار کرَو، تو قص کیازِ ونوس۔ انہِ کوٚت چھُ رٲہی صاٰبن بہتر مُدا یا پتھ تبدیلی وَل اظہار گژھان؟

[21]۔ سنسکرت چھندن تہِ اَنتھ لاگُن چھُ ییٚتھے دل گوٚو ریٚہ منگان۔ بٹ او تارَن تہِ چھُہ "بانا سرکتھا یہ" اندر سنسکرت چھند کٲشر دوٚمُت تہ ناو تھوٚونس "تھدو" یہ چھُس ننہِ ییتھ

منزٕ اتھ جایہِ شارہٕ چھٕ منز آسی، اُمِس پتہٕ ہے تأمل کرُن زِ اتھ کیاہ قِصّہٕ چھُ ۔

یہِ گوٚو تجربُک اصلی پوٚت منظرُس مینٛز وچھنہٕ وِزِ وَنہا یہِ راہی صابُن شأیری ہُنٛد یہ اصوٗل تہٕ زِ ہرگاہ کانٛسہِ شأیرس کُنہِ غزلس منٛز پریتھ مصرس اکھ ہیٚے جایہِ سکتہ پیٚیہِ یا وزن کھٹہِ سہ چھُنہٕ نوقص بلکہ اکھ سوٚر (وزن) یُتھنہٕ مُروجہ عروضس منٛز کانٛہہ ناو چھُ۔ چنانچہ کأنٛسہ لیچھ نٔژھہ یمہٕ عربی بحرو پیٹھ چھ درامٕژ مگر مروجہ عروضس منٛز چھکھ نہٕ کانٛہہ ناو۔ یمہِ لحاظہٕ زِ ہرگاہ راہی صاب وِچھٕ ہے اعتراضُک اوس نہ کانٛہہ جواز مگر افسوس سُہ چھُنہٕ یمن کُنہن گژھان۔

بیاکھ کتھ تہِ چھ راہی صابس چھ یہِ غلط فہمی زِ بحر مجتث مثمن مجنونکی ارکان چھِ گنڈنہٕ تہٕ پرتھ — مَفاعِلُن فَعِلاتُن مَفاعِلُن فَعِلُن — تہٕ یمن ارکان ہیٚکہِ نہٕ ژھ نہٕ کانٛہہ اوِرہٕ یود ڈالتھ۔ مگر عروضی ژھل وزناوتھ چھ اتھ فَعِلاتُن (فعِلاتُن) رُکنس ردّوبدل کرنہٕ یوان۔ شار چھِ چھٹان باسان زِ یوٚہ چھُ گنڈ گژھان مگر تہِ آرسنہٕ تہٕ ہیٚکو نہ تتھ ساقطُک وزن دِنہٕ۔ مثلاً اردو زبانہِ منٛدس شأیرنہ عروض دان مرزا یگانہ چنگیزی سُندٕ شار چھُ ؎ ہمارا رنگ سخن پاس کوئی کیا جانے / سوائے آتش ہے کون ہم زبان اپنا۔ اتھ تہِ چھُ سے بحر تہٕ وزن یُس میانس زیرِ بحث غزلس چھُ۔ اتھ منز چھُ یوہے فَعِلاتُن آمُت فعلاتن بناونہٕ۔ بیاکھ شار چھُ امہ

---

تبدیلی "اموکہ" نادتھاوان یعنی بحر مجتث مثمن اموکہ۔ بیٚنھے کُنہٕ بیٚتھ تہٕ بحرس زٕ ژھوچہِ آدانہٕ یکجا آسن تتھ ردزہِ اموکہ نہ سینتو۔ سہ تہٕ بلہ پرانی آبہ عروضی ناو آسن تھاوتی۔

ندے سے ہوا پھری ہے فسردہ دلوں کی رُت بدلی - ابل پڑا ہے پھر رنگ نقش باطل کا

انهن مثالن ۾ فَـ ع لاتن بڻيو مٿن فعِ لاتن - گويا ٻنهي ٻنهين جاين ۾ فعِ بڻائي ٿي

ڳويا عِي بڻاوڻ آمُت - اِهي صابس ماکوڙ ۾ ڪِنَ يا بدشهه ياسيوس؟ مگر نه انهن

تبديلي ۾ ايراني عروضي اصطلاح ڏيکس[٢٢] ميون ڪا آشر مزاني تبديلي تي مآفي تن

" العروض والقوافي " درسي ڪتاب طانچس بيٺو ٿيو آهي ف رِع لاتن بجاءِ فعِ

لاتن - ٿيله انهن فعلاتن هيڪڙ گرهنه فعِ لاتن ڪيانهن هيڪيس نه گرهنه - بنيادي

نتيجو ۾ پرين صوتين شرا ڪوي رعَ جهِ ڍهوچه آواز بجاءِ اُرچ ذبيٺ آوازادي

سو فعَ ۾ يا عِي يا عو يا فا-

ميٺي ذبان ڇهنه عربي يا فارسي - انهن بيٺو ڇهي پاڻ سوچڻ پاڻ تجربه ڪري نه

پاڻ يا ڪري رِوايت قائم ڪئي[1] جيئي هيوءِ علامه ذنانه ڪيفي سُند ۾ ذِونُ ياد-

"وہ عروض جس کے ہم اب تک پابند ہیں، سرے سے تبدیلی چاہتا

ہے۔ ہماری اُردو اور جس زبان کا دراصل یہ عروض ہے، ڈھانچ اور

نوعیت میں مختلف ہیں۔ عربی کا عروض اردو پر کیونکر بیٹھ سکتا ہے"

---

٢٢- انهن ۾ تسڪين اوسط وزان - يعني ٽن متحرڪ رُڪنن اندر وچين رُڪن ساڪن بڻاوڻ - نه زن ڳو فَ ۽ ع بجاءِ فعِ ڪرڻ - ع زبيٺيو ۽ ٽن ٻن رُڪنن (فَ ع لاتن) مون ڦري تري فعِ لاتن- ميانس تجربس اندر ۾ ٿو نوي برقرار وزان ڇڙا ۾ ع زبيٺان - انهن فعِ لاتن ڏونوء يا فعولاتن يا مفاعي لُن وزن ڇڪه ڪنڻ - بهنه ڪي فعِ لاتن نه مفعولن اڪي وزن ۾ - ڏڪي بوڙ ويه زحافي ڦرنو ڳرنو ۾ محض "فالتو عقله" هند ۾ برمهاري ڪرڻ-

1 " زمانہ اسلام میں اہل فارس نے عربی علم عروض کی تقلید کی لیکن اپنے قدیم اوزان و بحور کو بھی یک لخت ترک نہیں کیا اور عربی کے بعض اوزان کو طبیعی نہ پاکر ان میں تصرفات

بہ گواہ دۆ زبانٕ متعلق فتوا۔ کأشرِ زبأنۍ تہٕ موسیقی ہندہٕ مزاجہٕ چھِہ چھِنہٕ کینْہہ۔

## * وزن چھُہ پھُٹان — ۲

مضمون کِس گوڈنِکس قسطس منز گٔرسٲ میٚنۍ تمہٕ تجزیہٕ دِتھٕنے یُس میٚنۍ بوزنٕ شوٗز تہٕ ژھیٚنہٕ دِتھ۔ پنٕنِس زیرِ بحث غزلِس اندکوٗ مُت چھُہ[23] رٲہی صٲب لوٚب نہٕ بہ تجربہٕ بہ نہٕ مصرن عروضی گزگٔنی آگہہ لوٚگ ہاوِ نہٕ زہ یِم چھِہ بے وزن میون جواب وُچھِتھ آسِن ووٚنی نو مُت زِ غزل چھِنہٕ پھُٹان بلکہ چھُہ پھُٹراوِنہٕ آمُت۔ اکھ اہم عروضی مسلہٕ نٕلِنہٕ یاپتھ۔

یہ تجربہٕ اوس نہٕ کانْہہ اچانک ظہوٗر بلکہ وادیاہ کالُک بوژشوژ۔ بہ اوسُس یتھ نتیجس ووٚتمُت زِ اسی چھِہ فارسی تہٕ اردوٗ زبانٕ ہنٛدِ مطالہٕ کِنۍ اشوٚد گٲمتۍ ساٲنۍ کَن تہٕ سون مزاج چھُنہٕ خالص کأشُر بلکہ چھُہ اوڈاہ پارِیُم تہٕ اوٚڈاہ کأشُر، گولہٕ پارِیُم۔ اَمہِ گولہٕ پارِمی ہُنٛز چھاپ تہٕ مِثالہٕ ہیکہِ کانْہہ تہٕ رٲہی صٲبنہِ "نوروزِ صبا" کِتابہِ اندر پانہٕ بَدرِ کڈِتھ۔

"ینتھ کہ مثالہٕ یاپتھ یم بہ ۱۲ مصرہ۔ کتابہِ ہنٛدی صفہ نمبر چھکھ دِتھ۔

---

بھی کئے ۔۔۔" رسالہ معارف اعظم گڈھ ص ۳۹۷ "ہندوستان کی عربی شاعری"۔ یی گو پنہٕ موسیقی تہٕ زبانٕ ہنٛد مزاجہٕ مطابق تبدیلی۔ یوہے بہ وِنان چھُس رٲہی صٲبس چھِنہٕ پلہٕ پیوان۔

۲۳ - گوڈنِکہِ قسطہِ پیٚٹھ شہلیو مسلہٕ تکیانہ رٲہی صٲبن گیہِ ژھوپہٕ۔ مگر مے اوس دوٚیِم قسط تہٕ لیوکھمُت۔ بدقسمتی کِنۍ گوو "کأشر ادب" بند۔ وۄنۍ چھُہ بہ ژھوٚرہٕ تہٕ بیش، یتھ بہٕ گوڈنِکُ علمی تہٕ عروضی بحث صنایہ گژھِ۔

عشق ماووت مُرادس نہ حُسن ماتمبليوو ___ (١٣٤)

حسن دِل تنگ اگر سپدِ، حصرکیا لولس ___ (١٣٢)

روح وتنگ چھُہ کراں عام گکن آہی ووفی ___ (١١٤)

ظلم ڈوّل حدنہ مگر ظلم چھہ تاہم ناکام ___ (١١٥)

غرق فرعون سپُد نیلہِ چھُہ اَسہ وُن انہار ___ (١١٥)

وقت ژٹہِ پانے غلامی ۂنزکمنْد ___ (٦٠)

چھُہ تھووُمت زونہِ چونے نقش کھُنی کھُنی ___ (٣٤)

ژٔ پآرکھ زلف ڈل ہیٔیہ لہرہ، مارنہِ ___ (٣٢)

شمع وہگلیوو دوّد بیٚھے پروانہ تَے ___ (١٢٥)

اڈٕن مثال چھہِ ہِنِی کھہہ تہٕ سبز باغ وُچھان ___ (١٤١)

وُڈن شیرکِھ ہوا گکہ مشک ہارنہِ ___ (٣٦)

دپاں اُڈی منزلس گرٛھی جلد وانِنی ___ (١٢٢)

گوڈنکس مصرس منز یلہِ "عشق" لفظس اردوٚ تلفّظ کرو، تیلہِ چھُہ باوزن، ننے کاشُر تلفظ کروس تہٕ پھُٹ۔ اُتھی مصرس منز چھُہ "حُسن" لفظ کاشرِہ تلفّظہ کِنی باوزن روزان ننے دوّیمِہ مصرکہِ "حسن" لفظُک اردو تلفّظ کروس تہٕ پھُٹ دوّیُم مصرہ تہِ چھُہ باوزن تیٚلی یلہِ حسن لفظس اردوٚ تلفّظ کرو۔ ننہِ ہے کاشُر تلفّظ کروس تہٕ پھُٹ ییٚھے کُنی چھہِ روٗح، ظلم، غرق، وقت، نقش، زلف، شمع، سبز، مشک جلد لفظ اردوٚ تلفّظ کرتہ باوزن۔ مگر کاشرِہ تلفّظہِ مطآبق سراسر پھُٹان۔

یہ چھہ لفظس گہے اردوٚ تہٕ گہے کاشُر تلفّظ کرِتھ " دوغلہٕ" بنٲوُن یا دوٚمن

لفظن منز اشوٗد کاشُر مزاج آسنک نتیجہ ۔ اتھ چھُ یہ اہم عروضی مسلہِ وۄتھان زِ،
یم مصرہ مانو کھا پٹھان کِنہ نہ ؟ تقطی کمہِ حسابہ کرو کھ ؟ تکیازِ تقطی منز بنیاد چھہ
لفظک تلفظ ۔ دوٚن اتھن مارچہ نزِ کہوٚچہ ؟ نزِ کاشرِ لُکھ نہ نہ پاآدم ۔ پاآدم لُکھ
نہ نہ کاآشرِ ۔ نہ کتھ زِ بانژ اندر چھُہ سپدان ؟ یمے لفظ (یم اردو نہ چھہ) زن گنڈوکھ
کاآشرہ تلفظہِ اردوٗ شارن منز وسہِ نا نکھہ ؟ یم ین بے وزن قرار دِنہ ییتیر
کتھ چھہ نہ زِ آہی صاآہِز بُہہ وسے مصرہ چھہِ ساقط الوزن، پٹھان نہ "اُہندی
بقول" وہستادن ہند وتہِ مُطابق عاب"

نیتو کھ دوہ زٕ بیشہ چالہ ہنڈی یم کہہ مصرِ صفحہ نمبر چھکپھ دِنہ ۔

سادہ مراد عشق آو وعدہ ہیتن کمن کمن (۷۱)

دوٚر رٕکی پردہ ژھنتھ پے نہ وُسنھ آو دُنیا (۱۱۶)

دوہ گیز چاآنی کاآر ڈیشنھ کاہ پتھ خم (۳۵)

دپاں آسی نکتہ داں لگہ ہوس پاآدی (۱۰۲)

بس جُٹس منز ٹینگی کیتھہ اَنتھ آسے نژہہ (۶۲)

ییتھ ڈیکس میاآنس نواں نچپہ نورسے (۶۷)

وعدنہ تنظیم لبہ دُطیخ کتاب (۶۱)

ماچھ باآگر زندگی یی بوزی بوزی (۶۰)

صُبحہ کس نورِ ظہورس وتہ وچھان (۵۹)

لول دٔتہِ ییمہِ لولہ شہرک انتظام (۶۰)

دوہ ڈکہ دوہ میذو، نندِ تلی رام رام بدپہ زِ دوٚزوٚذھ (   )

گوڈنکین دوٚن مصرن منز چھُہ آو لفظس واو اُچھر تقطلی کرنہٕ وِزِہ پیوان
یمن ہیٚکہِ نہٕ اَو تہٕ گرِھنتھ تکیازِہ الف ممدوده (آ) دِیہٕ نہٕ سۄ اِجازت۔ تہٕ یمیں
نہٕ ترٛیٚمس مصرس منز تہٕ چھِہ چاآنٛ تہٕ آسی لفظن نٛ (ن) نہٕ سٚے (س) ڈسے
پیوان تہٕ چھرا چاآ تہٕ آ موزان، یمن نہٕ ہیٚکہِ نہٕ اَس تہ چِھن بنِتھ۔ تکیازِہ الفِ
ممدوٗدِچ کاشُر آواز (آ) دِیہٕ نہٕ تمیُک اجازت۔ باقی مصرن اندر یہ راہی صاب
وزُن چھُہ پٔرِھان، تہٕ یِم لفظ تمِہ موکھہٕ وزناوان چھُہ تِم چھِنہٕ وزنس پیٹھ پوٗرِ کمان
نہٕ پھُٹان۔ مثلن اَنِہ (رفع) بنہٕ نہٕ اَتھ (رفع) تھپہٕ۔ لبہٕ۔ وتہٕ۔ رٹہٕ۔ یمہٕ
(یم ساری رفع آوازِ پیٹھ چھِہ) ہیکن نہٕ تھپ، لب، وت، رٹ، یم (رفع
وزنس پیٹھ) بنِتھ[1]۔ پیٹھہ راوکھ سۄ ما نہٕ یُس راہی صابس مُراد چھُہ۔ سیٚز کتھ
چھہ یم ساری مِصرہ چھِہ ماہی صابنی گزگتی حسابہ ساقطُل وزن نہٕ پھُٹان۔
نِمے یم (رح۔ بجا یہِ عمی چھِہ گژھان) مگر اتھ سِلسِلس منز چھِن کینہہ عجیب کتھہٕ
نہٕ کرِ مژہٕ۔

۱۔ "قلم یہِ میون تے پوٚک" مصرس منز چھُہ تے لفظس متلق وَنان "حرف
ے چھُہ گوبان نہٕ تقطلی کرنہٕ وِزِہ پیوان تہٕ امہِ قسمکی نوقص چھِہ دوٚستاد وعاب
گنٛزرِی ہیتی۔" تہِ چھِنہٕ خبر راہی صابس کم کٔنہٕ دوٚستاد چھِہ درنظر، اما پوٚز حقیقت
چھہ یہِ زِہ یہِ ے چھُہ یاے مجہول[24]۔ یہِ چھُہ اردوٗ زبانی اندر نہٕ موجود مثلن

---

[1] میٚنے دوٚن راہی صابن چھہ چھرا اسیانس گوڈنکس شاین تقطلی کرٛمژ نہٕ سۄ چھُن یے دانع قرار دتمُت نو پتہٕ چھِن باقی شارن ہندی کینہہ لفظ تقطلی کرنہٕ درآمے پھٹان نے۔ ہے۔ تے۔

[24]۔ یاے مجہول گوسۄ ے یتھ یرو تھس اچھرس حرکت آسِہ نہٕ۔ اردوٗ یاٹھو سے۔ نے بترہٕ

کے، سے، نے، تھے بنزِ۔ ہرگاہ یہِ تقطی کرنہٕ وزِہ پیٚون عآب چھُہ، تمِن بشمار اردوٗ شارن کیاہ وَنوٚ بمِن اندر یہِ وزناونہٕ آمُت تہٕ تقطی اندر پیوان چھُہ۔ مثالہٕ پآٹھۍ:

گراب کے پھرے جیتے جی کعبے کے سفر سے ـــــ (ذوق)

آہ سحر نے سوزشِ دل کو مٹا دیا ـــــ (غالب)

کی مرے قتل کے بعد اس نے جفا سے توبہ ـــــ (غالب)

نہ فلسفی سے نہ ملّا سے ہے غرض مجھ کو ـــــ (اقبال)

پانی کے بلبلے کی طرح سے مٹا دیا ـــــ (میر)

آپ آتے تھے مگر کوئی عناں گیر بھی تھا ـــــ (غالب)

گوڈنکس مصرس منز چھُہ جینے لفظس تقطی وزِہ تے ہس تے پیوان نہٕ تِ گرٛھان (میانہِ تے لفظکہِ پآٹھۍ) نہٕ لفظ چھُہ موٗژان جیبت۔ باقے مصرن منز نہٕ چھُہ تقطی کرِنہٕ کے گرٛھان کِ، نے گرٛھان نِ، سے گرٛھان سِ، تھے گرٛھان تھِ۔ مطلب یہِ زِ یلہِ مجہول (ے) چھُہ لیلہِ پآٹھۍ تراونہٕ یوان۔ میٚنے نہ یوٚد وَے تہ وو نہٕ اعتراض کیازِ؟ کینہٕ ہُہ گو پادِمُت نہٕ یہ گو بچور کآشرے۔

میون لقطس متلق چھہ یہِ اعتراض کرنہٕ آمُت زِ "حرف نونکُ ایلان چھُہ کنٛبنہ تا منٛھے ہیوٚ باسان"۔ خبر نہٕ کیاہ گو؟ یہِ چھُنہٕ کانٛہہ علمی اظہار[1]۔ بہرحال اُتھی بحرس اندر چھُہ بالکل اُتھۍ رٕکنس تشہِ راہی صابَن نہٕ میون لفظ گو نٛڈمُت سہ

[1] باغ میونٛ گل تہٕ میوں سمبل تہٕ میوں (مہجور) دوٚپ یہ سازن بوزِکھ میوں سوزِ دل (آزاد) نوٚنکُ ایلان تہٕ نہٕ ایلان کیاز تھاوُونہٕ زوا؟

فدا یہِ میون بےسو کھ روُح کاشرٮ لوکن (نوروزصبا) ویسے چھُہ روُح
لفظس اردُو تلفُّظ کِنہٕ مصرہ ہُٹان ۔ خار، ییتھ دہ لۆز مصرن منز تقطیٖ :

| م | فا | ع | لن | ف | ع | لا | تن | |
|---|---|---|---|---|---|---|---|---|
| ق | لم | بےِ | مو | ن | بِ | پک | چا | (کامل) |
| ف | دا | یےِ | مو | ن | ب | سک | رو | (راہی) |

یَتھ اَمہِ حرفِ نُونک ایلان ماباسیو راہی صابس "کیتھ تامنفی ہیو"؟
رٔکنہٕ یہِ چھُس پَنُن میون ۔ اَتھ ہے ایلان دِرکار ، بُتھ تہٕ ہوہ تو تہٕ باسس
مارٕی موٗنٛد ۔ مصرہ چھُہ سہ یا چھُہ بمار روُح میون یا چھُہ قصور ماوَن ۔ روح
لفظُک غلط تلفظ ۔ اَڈ کپا سے تقطی وچھوس ۔

| مُف | ت | عِ | لُن | مَ | فا | عِ | لُن |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| یا | چھُ | ب | ما | ر | رو | ح | مُن |

اُدس وُدس میون لفظس یہِ مُن بناوُن گوا مارٕی منزر ۔[25]

۲ ۔ "صبا اگر دوال روُزکھ" مصرس کیا اعتراض چھہ، نہٕ تو تُم نہٕ فکرِہ
تکیا زِ پھٹ کڈنہ روتنے پھُہ دُنہٕ آمُت ۔" دوان لفظس منز الف پیوان
بُس نہٕ زیرِنظر صوٗرتس منز جاینہٕ چھُہ ۔ دِوال چھُہ بنان دِوَن۔ اتھ لفظس
منز چھُہ نُون غنہ (دکھونکہ نون) نہٕ یہِ چھُہ ہمیشہ تقطی نیبر روزان ۔ راہی
صابنی شارن ہندی شارین اتھ نَدس منز ہرگاہ یہِ نون غنہ تقطی اندر مجرا
رُکھ ۔ راہی صابنُ اکھ مصرعہ چھُہ سہ دوال اوس تال منہ نیٖن

[25] "میون" لفظ چھُ لوَن سان تہٕ گنڈنہٕ یوان ۔

شام سپدُم (۱۰۴) میانس نہ اھندس دِوانَ لفظس چھُ عروضی وزن گنُّ (بحر آسی تن مختلف تہٕ چھِ پوٚرہ مصرس سٕنز کام) میانہٕ دوانَ لفظہ پٲنٛہ چھُ دوٚیم لفظ اوَ (اوس) سٕنز شروع سپدان۔ "زیرِ نظر صورت" چھِ پٔزِ۔ ہرگاہ میانس دِوَن گرٛھان چھُ اھندس نہٕ چھُ نٕی گرٛھان۔[۲۶] یہ ہرگاہ خٲمی چھِ، ذوٗنوٗنی چھِ۔ مگر ہیٚتہِ میٚون روٗدکھ سالِم چھُ روزان، اھُنداوس پھُٹھ سیٚن اچھرہ ہِشہٕ انہٕ چھلان۔ تقطیع وُچھو:

| ف عولُن | م فا عی لُن | م فا عی لُن |
| --- | --- | --- |
| د وا او | نا ل مد نن | شا م سپ دُم |

"زیرِ نظر صورت" چھِ علمی طور پہٕ تہٕ پٔزِ۔

۳۔ وٹھن پھوٚلی نہٕ زن کوسم گے نہٕ زن یم شار، مصرن منٛز چھُ وٗنہٕ آمُت ــ "نوٗن چھُ (زَن لفظن اندر) تقطیع کرنہٕ وِزِ پیوان پٮ۪ن نہٕ جایہٕ چھُ۔ انہٕ ہیٚکہِ نہٕ کانٛہہ توجیح یا تاویل سپدِتھ۔" راہی صاب مانٛزِ تن مینّے چھُ زَن لفظس منٛز نوٗنَ کھونکھ نیاوِتھ ساکن کوٗرمُت ییٚتھہٕ کِنہٕ دوٚنوٗنی لفظس اُسی وَنَ بولان چھِ " بہٕ زَن ونہٕ" کھانکھراوتھ تہٕ ڈھوٚٹراوتھ بول چال پٲٹھٕ " بہٕ زَن وَنہٕ" ونان چھِ یا "مینّہ ز" لفظس مینٛز ونان چھِ یا مینّے تہٕ/ ذٕتے نہٕ لفظن مینّتر تہٕ ذٕتیتر ونان چھِ۔[۲۷] یہ ہیٚکہِ انہٕ

---

[۲۶] ـ یہ دوٚن مینّے راہی صابنہِ حسابہٕ، نتہٕ ہیٚکہِ نہٕ دوانَ لفظس دِوَن بنتھ تکیازہٕ ثیلہِ نہٕ لفظس منٛز املان دار نوٗن (حرفِ صحیح) چھپی سہٕ کنہٕ پیہ تہٕ نیادس دِوَن۔ انہٕ چھُ بدٕ آنی نوٗن غوٗنہٕ (کھانکھر) ذٕطتھ دوا مونان۔

[۲۷] ـ ییٚتھہٕ کِنہٕ راہی صاب ہِین مین مصرن منٛز سہٕ واے بہٕ تہٕ لوٚدآسہا بلبُل نہٕ

نو جمع نہٕ تأویل سپدنہٕ نہٕ غلط نہٕ ہیکوٚن نہٕ وٕنِتھ ۔ وۄنی گوو راہی صابنہٕ خطرہ وۄسنادن ہٕنٛد دٔپ، سُہ گوو یہ

"کلمے سے ایک حرف یا دو حرفوں کا ساکن کرنا اور حذف کی
مانند کمی بیشی کرنا، معتل کو صحیح کی طرح استعمال کرنا، نونِ ثقیلہ
یا نونِ خفیفہ کو داخل کرنا جائز ہے۔ البتہ مذکر کو مونث اور مونث
کو مذکر قرار دینا درست نہیں ہے۔" (العمدہ، ۱ : ۲۵۵)

مآنی نَو اَسہِ کوٚر زنَ کلمس اندر نونَ (ن) ساکن ۔ بوزن وآلس پیٚہہِ نہٕ کانہہ فرق ۔

۴۔ راہی صآب چھِ نہٕ آزاد خیالی ہاوان لیکھان — "مروجہ بحرن منٛز آزادی ورتناوٕنی چھنہٕ کانہہ بدعت بلکہ اکھ پٔژ روایت۔ یہ آزادی چھ نہٕ بیوٗط لفوٗ سپدان (یہ چھِ محض کتابی سبق) دراصل بحرن اندر زحافی عملہِ مٔنٛدٕ ذریعہ۔ مثلن یہ فارسی شار ؎

شکل دل بردن کہِ تو داری، نباشد دلبری ـــــ خواب بندیہای چشمت کم بود جادوگری

راہی صآبن چھِنہٕ سو ... زہِ اَسہ چھِنہٕ عروضی کتابن پیٹھ دنکھ مآملہٕ زیرِ بحث بلکہ "تقطیع" وِزِہ لفظ پینٛک نہٕ نہ پینٛکھ ۔ بہرحال اتھ فارسی شارس اندر چھِ ژود یاے معروف (ی) نہٕ اکھ نہٕ چھنہٕ تقطیع اندر ییوان ۔ مگر اتھ سینتی یُس غالب سُند اردو شار پیش چھُن کوٚرمُت سہ یہ نہ تھی ہماری قسمت کہ وصالِ یار ہوتا

---

ہیٚے نہٕ ڈیکھ آسیہہ / ہاوسن ہندی زآنگی ثبیٚے تہٕ زآلنہ سیٹھاہ ۔ ہیٚے نہٕ بناں ہیٚنو نہٕ ثبیٚے نہ بناں ژثبنی۔ ہرگاہ یہ بول چال پھور کرو کھ نہٕ، تیلہِ چھِ ہٹان۔

اگر اور جینے رہنے ہی انتظار ہوتا ، اتھ چھہ نہٕ یلہِ معروف (ہماری یہی) تہٕ جیتے لفظکٕ اکھ یاے مجہول (ے) وُسی پیوان[۲۶] . یمن نوکتن کونہٕ رٲہی صاب درسی عروضی کتابو نیبر نیرِتھ سونچان ۔ یہٕ پھیرِ ماچھہٕ فارسی نہٕ اردو زبانہِ ہندہ مزانہٕ پھرِک نتیجہ ۔ یمِن سینہِ چھُن نیُن یہٕ شار نہٕ ماد انس اندر نہٕ وومُت سہ شہ گولاب روے ڈلو نٹھُم بیہ ازٕ گلاب چھاوان / مینے چھہ وہ فی مثالہٕ نے منزٕ ربہٕ وِز خیال راوان ۔ اتھ شارس چھہٕ اہندی پیمانہ بہٕ عروضی آدہٕ کھل گاآمُژ ۔ روے بنان فاعِ نز فاعَ ۔ بیہ ازٕ بنان رفع لُن نزہِ فَعَ ۔ ربہ وُنَ بنان فاعِلُن نزِ فَعِلُن ۔ یہمِ گیہِ کاآشرِ زبانٕ مزانٕکر وہ (ب) لیکھان چھُہ بہ ٚن . بہ ٚن مصرن بہ ٚن . بہ ٚن زحاف ورٕنا وِفز نہٕ چھہ پِٹھ روایت ۔ مثالہِ پاآٹھٕ چھُن میون یہٕ شار دتیمُت سہ کھسہٕ وُن یاوُن ہیرا پھیر ۔ کرٕنل رٕژھ رٕژھ گیہ شمشیر سینی چھُنس نیُن یہٕ شار نہٕ لہِ تھو ومُت سہ شہرِ ح مروت کھژ ینھ ون / ژرھہِ میٹا نہٕ

۲۶ ۔ تفظی وِچھوٚس

| فَ | عِ | لا | ت |
| --- | --- | --- | --- |
| بہ | نہ | ئھی | ہ |
| ا | گ | رو | ر |
| بہ | ہِ | ان | ت |

| فا | عِ | لا | تن |
| --- | --- | --- | --- |
| ما | رَ | قس | مَت |
| جی | تَ | رہ | تے |
| ظا | ر | ہو | تا |

خطاکشیدہ جاین ریٚ گژھاں بِ / تِنے گژھان تِ / ہیٚ گژھان ھِ

بیٚھِ کٲنٛہہ شک بیہ درا و ۔ مگر یہِ وَنُن چھُس شاید) مشہٕ گومُت نہٕ کٲشرِس اندر (شایدا دوہس اندر نہ) چھُہ یہِ مِیوٚنُے تجرُبہ ، ییٚنہٕ راہی صابن تہٕ ہیٚر تُل ۔

مگر راہی صاب چھُہ اتھ بیوٚن بیوٚن مصرن " زحافہ تبدیلی" ونان۔ یتہٕ چھُ عربی عروضی تصوّر۔ نَتہٕ چھَہ یہ محض اکھ لَے۔ اَتھ کانٛہہ عربی زحافہ تبدیلی ساتھ دِتِن بامَتہٕ دِتِنَ ، لَے چھَ لَے۔ یِتھ کٲنٛہہ گرٛامرس پَتہٕ پَتہٕ چھَنہٕ زبان پکان، بلکہ چھُ گرٛامرے زبانِنۍ پَدٕرِس پوٚد کھوٚرِ ترادان۔ تِتھے کٲنٛہہ چھَنہٕ لَے زُحافچ اوٚنگج رٕٹِتھ قدم کڈان، بلکہ چھُ زُحافے لَیہ ہنٛزٕ ژھا یہ میبنان۔ خبر کتابی عروض دان کو تہٕ چھِمِن کُنہٕن گرٛھان۔ ہرگاہ گرٛھہَن دارِیاہ عروضی کھُرِ ژلہہن ۔

بہرحال یہِ غزل اوس نہٕ آمُت اکھ عروضی بحث تُلنہٕ خاطرٕ لیٚکھنہٕ آمُت ، یمیُک توُلُق کٲشرِس مِزازس تہٕ شاعری سٕتی چھُہ۔ کٲشرِس اندر عروضی بحثس دِلا بہٕ کمہٕ کٲنٛہہ شِیرٕ یہِ یِہ ونٛھ کُن زیادہ رٕژ نہ بامانہٕ دَتھ



## ** کُلیاتِ شیخُ العالمؔ تہٕ تہِنٛد ترجمہ

شوپیٖن قصبہٕ نیرِتھ ہیمندرگامس نٲشہِ چھہ اکھ بالہٕ سنگر، وناں چھس تہنٛد ٹھون۔ اَمِچو ووکھہٕ ژھایَو چھُ محمدؐ یوسف ٹینگ، یُس بدٲتی شوپینکُ چھُ سرِپاپے آورُمُت۔ بہٕ تہٕ چھُس نورکےُ، اماپوز اَمہِ سنگرہِ نٲشہِ یِژ دوٗر۔

کلچرل اکاڈمی ہندہِ طرفہٕ سپٕز ۱۹۶۵ء اندر نُنٛدہٕ رِیشی نین شُرکین ہنٛز اکھ سوٗمبرِن "نودنامہٕ چھاپ۔ امیکُ سوٗمبرن کارا اوسُس بہٕ۔ اَمہِ پتہٕ پوٗرہٕ ژودٲہہِ ؤہرِ آو اَمی ادارکہِ طرفہٕ "کلیاتِ شیخ العالمؔ" شایع کرنہٕ۔ کلیات ناد چھُ محض ترم۔ نتہٕ چھہ بہٕ بٲکھ ژارے۔ اَمہِ نوہِ ژادیہِ یا پتھ شوٗبہٕ مُوتی لال ساقی صاٮ۪بس شاباش کرُن۔

ٹینگ صاٮ۪بن چھہ کلیاتکین دوٗشوٚنٛزِ حصن (ماذتہٕ پاٹھی) پننہِ طرفہٕ کینٛہہ صفحہٕ لیکھی مٕنی۔ گوڈنکس حصس "طلوع" ناو تہٕ دوٚیمس حصس "مطلع" ناوس تل۔ یمِن تحریرن چھُ میانس نودنامس کُن روٗخ ؎

کمنٛو چانو کوٗرس غمگین و دل تنگ
پھُٹر تہم شیشہ، لوٚیتھ آیِنس سنگ (گلریز)

——( 1 )——

"نٔنی مین پانژن دِہن وُدِی ین منز آبہٕ (کلامِ شیخہ چھہ) دادیا ٥

سۄمبرنہٕ گاشراونہٕ۔ پانہٕ کلچرل اکیڈمی کوٚر اَز برونہہ یِمہہ اکھ دٕہشُبل[۱]
نورنامہٕ چھاپ یُس زٕن محمد امین کاملن ترتیب دِتھمت چھُ۔" (مطلع)

ٹینگ صاحب چھ یِمہٕ سطرٕ ۱۹۷۹ء اندر لیکھان۔ امہِ حسابہٕ چھِ ۔۔ وٕری ۱۹۷۹ء
ہیٚتھہٕ بنان مگر اصل حقیقت چھ یہِ زِ غلام محمد نور محمدن کوٚر ۱۹۲۰ء ہیٚتھہٕ کاشرہ کتابہٕ
چھاپنٕک سلسلہٕ[۲]۔ اَتہٕ ہیٚتھہٕ نور نامُک تام یُس ۱۹۶۵ء اندر شایع سپُد یعنی ۴۵ وٕری ینٕ
(۱۹۷۹ء حسابہٕ ۵۹ وری ین) کیا ہیٚو سپُد شیخ العالمس ہیٚتھ چھاپ، تہٕ چھُ یہِ:۔

۱۔ مجموعہ کلام شیخ العالم (اردو) سنہ ۱۹ء پانژہ ریواینی حِصہ[۳]۔ مرتبہٕ محمد اکرم نوخ[۴]
نندہٕ ریشنہٕ زندگی بیان کرنس سیتی شرکا تہٕ دِتہٕ۔ چھاپ غلام محمد نور محمد۔

۲۔ سوانح عمری شیخ نورالدین ولیؒ (اردو) ۲۴ صفہ مرتبہٕ حافظ محمد عنایت تہٕ
غلام محی الدین ترمبو سنہ ۱۹۳۴ء۔ شرکہٕ آٹھہٕ مرہ دِتہٕ۔ چھاپ غلام محمد نور محمدؐ۔

۳۔ سوانح عمری حضرت شیخ نورالدین المعروف نندہ ریشی (اردو) ۲۴ صفہ۔ سنہ ۱۹۳۹ء
مرتبہٕ سید محمد امین تہٕ اے۔ کے وانچو۔ کل داہ شرکہٕ دِتہٕ۔

۴۔ مختصر سوانح عمری شیخ العالم (اردو) مرتبہٕ انجمن تبلیغ الاسلام سنہ ۱۹۵۹ء ۲۰ صفہ۔
دۄن شاین کلامُک نمونہٕ۔

---

[۱] دٕہشُبل نہٕ بلکہِ پوٚرہٕ ۱۴ وری۔

[۲] غلام محمدن کھوٚل ۱۸۹۷ء اندر مہاراج گنجس منز کتاب فروشی ہُند دکان۔ نور محمدُن ناو کوٚن ۱۹۰۵ء اندر اتھ سیتی شامل۔ سُہ اوس امی وری یہِ ۱۵ نومبر زامُت۔ نور محمد اوس ۱۹۳۸ء تام ییٚتھہٕ سیاسی زندگی اندر ہنہٕ آمُت۔ اَمہِ چاش وچھتھ دِتُن آخرس یہِ پلہٕ دآرتھ تہٕ دٕنہ پننہٕ ہیوٚد پنٕنس پیشس کُن۔ دپان اوس سہٕ نہٕ چھُس بکرٕ تہٕ نہٕ چھُس شبیر۔ یہ گوس سِر خدایو۔ نہ کھسہٕ گُلس نہٕ کدٕہ میر۔ مذکور

۵۔ للہ عارفہ کا گلدستہ (اردو) مرتبہ غلام محمد مغل ۱۹۶۳ء۔ کلامک نہ کانٛہہ نمونہ[۵]۔ یہ چھُ نورنامَس تام نِشہ ریشنہ کلامُک شایع سپدمُت کُل بل ڈیلہ۔ اتھ مثلو اوس منٛے نورنامس اندروٗ ومُت ــــ

"دہ پنداہ شُرکی یِم اکہِ لٹہِ کمی تام آمِہ منٛزہ کڈی تِم نیٛے روٗدی پننہِ ساری للہِ کھوٗل کران تہ مریداتھ ہیٛتھ کام کرنٛک کوٗرنہٕ کانٛسہ تہٕ تکلیف برداش" (رحم)

یِے چھہ نمہٕ وارِیاہ سۄمبرنہٕ" بینٛزٕ گنٛجہِ نورٛ نامہ گنڈنہ چھُ آمُت ــــ شہ نورنامہ یمی گوڈ پچھہ لٹہِ ڈاے ہیتھ پیٛچھی شُرکی نیٛر کڈی، تہ یمکو دیباچن ننٛدہ ریشنہٕ صحی شنٛختُک توٗی احساس وُزنوو۔ تہٕ آوٗ (ن) ہر کانٛہہ تصر بآسے سنٛزہ یچہِ اندر درویشا بتاوتھ گامہ گوم پھرناوان۔

نورنامہ بمو تہٕ یہ کینٛژھا پنٛتھ کالہِ شیخ العالم سنٛدہ کلامہ تآوی ریشی نامن اندر رٛژھراونہ چھہ آمُت تمن منٛز چھُ بابہ کمال سُند نورالدین نامہ[۶] اوہ کنٛہ اہم زِہ نبوت کلامہ

---

[۳]۔ علمدار (۱) چھُ "حدیث شوق" عنوانس تل لیکھان زِہ انہ آسو پنٛداہ حِصہ۔ یہ چھُ محض آنی مآنی گپل۔ [۴] عبدالاحد آزادن چھُ امِس نقال دومُت یُس نہ صحی چھُ۔

[۵] ۔ نورنامہ پتہ شایع سپدن والین دون کتابن ہُند ذکر کرُن چھہ ضروری (الف) آئینہ حق مرتبہ اسد آفاقی۔ اتہ چھہ نورنامس وآری کھینہ خاطرہ اُکہ چھاپہ "تارنخ ۱۹۵۸ دتھ۔ ثبوت چھُ یہ زِ امیُک رسم خط ورتوومُت چھہ شہ کوٗر ۱۹۶۶ء اندر زِہ تِرشیہ اعراب ہر پتھ آوتھ اجھرزان ناوٛی کتابچس اندر منٛے شایع تہ ۱۹۶۷ء پتہ گوو کاتب ہیچھناوتھ اکیڈیمی تہ ادبن اندر باضابطہ مروج۔ امی چھُ شرکین مہندہ ترتیبک خیال تہ دیباچک مولہ اظہار تہ نورنامہ پیٛٹھے بنومُت۔

(بی) کلام شیخ العالم المعروف ریشی نامہ۔ ترٛشہ رٛیوا بنٛی حصہ۔ شرکین فارسی ترجمہ دِتھ۔ مرتبہ قاضی نظام الدین خانیاری ۱۹۷۶ء فاروق اینڈ کمپنی زینہ کدل۔

چھُنہٕ بتِھہ کُنہٕ ریشی ناوٕس اندر درج ۔ یتھے پأٹھۍ چھُہ میر عبداللہؒ ہَن تہٕ پننِس رسالس اندر (دُری بٔہ نا پرٛاوُن) سیٹھاہ کلامہٕ سوٗمبرُمُت مگر انہٕ چھُن پننہِ طرفہٕ کٕنۍ کرُمُت۔ لیکھان چھُہ

"ازبیاض ومنقولات بتصحیح رسانیدہ دریں رسالہ درج کردم تاکہ بیکنہ نشود"

دپان شیخ العالمس سٕنزِ زندگی اندر اوس کُنۍ پنڈِتن (قطب الدین) "گوٗ ریشے" یعنی گوٗ رِشد دوٗپُر گوٗ ییلۍ نالہٕ وٕہُنہٕ کلامہٕ شارداأچھرن اندٕ سوٗمبرُمُت مگر تمِیُک نوٗم نیال چھُنہٕ کُنہٕ۔ مقصد چھُہ یہ زِ وُنۍ تہٕ یُتھ کالکہٕ ریشی نامہ اکِتھ کُن ترآوِ تہٕ، تکیازِ تمُو آسی کھوٗتۍ زٔڈۍ ہیتۍ، نورنامہٕ چھُہ گوٗ ڈٔرِخ سوٗمبرن یِمہٕ بیپنۍ شرکِ یکجا کرِتھ عام لُکن تام واتناوی۔ روایتی ' وار یاہ سوٗمبرنہٕ" شوٗبہن نہٕ یٹینگ صأبس اتھ کھوٗلہٕ تراونہٕ۔

— (۲) —

"حق چھُہ یہ زِ یمِن سوٗمبرن منز آس نہٕ کانٛہہ تہٕ علمدارہِ سٕندِس سأری کلامس کوٗم کرنس منز کامیاب سپنز مژ (طلوع)

روایتی دُہ یانہٕ دوٗہ صفہٕ کتاب چھِہ کیاہ کوٗم کرِ ہے سأری سے کلامس۔ یُتھ توٗ تِہے چھُہ عجیب بوٗد "نورنامہ" رہاوس محض اکھ زادٕ رے تشنہٕ کلیات تہٕ تمام کلامہٕ اوُسس سوٗمبرُن لابدی تیلہ

---

۶ غلام نبی گوہر (عمدا رعا) چھُہ انہٕ "نورنامہ" لیکھان ۔ یہ چھُنہٕ صحی ۔ یانہ بابہٕ یکمالن چھُہ انہٕ نورالدین نامہ ناد کوٗرمُت سہ پے سال تاریخ رای نہفت رنمای شدہ نورالدین نامہ گفت ۔

۷ ۔ پروفیسر لشپ چھُہ امس پیر عبدالاحد ناد لیکھان (شیرازہ نندہ ریوش نمبر) امیک کُنے نسخہ چھُہ کلچرل اکیڈمی نش ۔ یہ گوس نہٕ سہ وچھنس اندکامیاب ۔ ۸ موتی لال ساقی چھُہ انہٕ "گوری" لیکھان یُس نہٕ صحی بوٗد چھُہ ۔ ۹ ۔ ۱۹۵۴ وانس یُس مرحوم آغہ صاب بڈگامس مولوم زہ بٔہری کدلہ چھُہ کُس تام کھارس نشہ شارداأچھرن اندر کلام شیخ موجود ۔ تیوانہ نود مرحوم تنہا انصاری سندکٕ ذٔمی تہٕ پرٛہ نوٗدکھ سیٹھن کامہ کُس کُن تام ملُس انتھِ ۔ پتہٕ کیاہ گوٗ وتھ نسخس کوشش کرکری نہٕ سپدم تہٕ مولوم (دچھو شیرازہ نندہ ریش نمبر صفحہ ۲۱۷)

کالہِ آسہٕ اکیڈمی اندر چھپراتھ ادبہٕ شایع یوان کرنہٕ۔ لل دید، صوفی شاعر، مہجور، روسُل میر، حبہٕ خوتن، شمس فقیر بیترِ تمام کتابچہ آیہ ثارہ بہٕ۔ جبر ٹینگ صابس کیازِ چھُنہٕ اوکُن ظوون رود دمت ہُندہٕ امہٕ اعتراضہٕ برونہہ کاہ وُڈی چھُ میٚنہ ۱۹۶۸ء اندر "نور آگر" رسالہٕ اندر آئتہ تُنز پاٹھی ثارے دومُت ــــ " ۱۹۶۵ء اند ثیلہ میٚنہ حضرت ریشی ہُند دوون ڈاین ہنن شرکن ہُنز اکھ ثارے کتابی شکلہِ اندر کلچرل اکیڈمی ہنٛدہِ طرفہٕ شایع کرُ (صفحہ ۸۷) یلہٕ نہٕ نورناس کلیات آسنُک دعواہ ہے اوس، تمام کلاس کوم نہ کرنکُ راہ کیاہ کھالوس۔

## ( ۳ )

" بیہ آس پرینہٕ مجموعس کا نہٕ نہٕ کانہہ خامی موجود " ( طلوع )

ریوایتی پمفلٹن کیاہ راہ کمالہٕ کرِ نہٕ تم چھ خامیو بٔرتھ۔ دنورناس اندر خامین ہُنز کنھ (اشارہ چھُ مولی تھی کُن) ۔ سوہ کوسہ بیش پکھ (PIONEER WORK) کام ہشکہ امہٕ نشہِ مُچھہِ آسنہٕ۔ کوتاہی چھ ہمیشہ وقتس سیتی سیتی نوین تجربن تہٕ انکشافن ہنزِ روشنی اندر دور سپدان۔ مثلاً ۱۹۵۵ء تام اوس شمس فقیرس متعلق یوہے مولوم زِ سُہ اوس کرشہ پورہ بڈگامہ کِس اکِس بیچہِ وٚنِس فقیرہٕ سُند خانہٕ مول نیچوٚ یُس مالس سیتی سیتی اوس بیچھان تہٕ پھیران۔ اُتھی اندر لارے یُس درویشن ہُنز صحبت۔ کُمی تام شفیع صابن ماوس اصلاح دتھ۔ پتہٕ کوٚرن نیتھر۔ سارنگ تہٕ ربابہٕ ہیچھِن وایُن تہٕ لوٚگ صوفیانہٕ بٲتھ وَنہِ۔[۱۰] امہٕ پتہٕ ژوری وُہری کرِ پروفیسر شمس الدین احمد صابن اَمِہندی اصلی حالاتہ ژھونڈ ژھار دِتھ ڈری باف۔ ازچھ میٚنِ حالاتن بیہ ہن نہٕ مہ دوامترِ وَق، چھُ یِتھے پاٹھی نوی نوی[۱۱]

---

۱۰۔ شمس فقیرن سوز۔ پروفیسر پُشپ۔ کونگ پوش نمبر ۱۹۵۵ء

۱۱۔ شمس فقیر۔ پروفیسر شمس الدین احمد۔ کلچرل اکیڈمی چھاپ ۱۹۵۹ء

انکشاف کران۔ تو پتہٕ نمہٕ کمہٕ خامی چھہ یموٚ زٕن نوٗرنامہٕ کین انقلابی انکشافن نہٕ گوہ ڈنٛج بڑ شرکِ سوٗمبرن آسنہٕ خوبی پیش دِنٛی۔ جان روزِہے ہرگاہ تمہٕ کھلہٕ پاٹھی پھٹ آسہٕ ہے کڈنہٕ آمژ۔ تو تتہٕ دپہوٚ اِہن سمآ۔

— (۴) —

گُلام شیخہ چہ یمہٕ سوٗمبرنہٕ، یمِن منز کلچرل اکیڈیمی ہِنْد نوٗرنامہٕ تہٕ شامِل چھہ آمہٕ نہٕ ترتیب تہٕ تحقیقہٕ کیو بنیاد اصولو کِنہِ ترتیب دِنہٕ آمژ۔"

ہرگاہ یمہٕ سوٗمبرنُک نشہٕ چھُہ مراد نِیے کرُ "تام رِوایتی پمفلٹ یِنہٕ ذکر ییٚے برونہہ کرُ، تمِن تہٕ تحقیق تہٕ ترتیب کین اصولن کیاہ کام چھہ؟ رُدٕ نوٗرنامہٕ تنہٕ متعلق امہٕ اعتراضُک جواب چھُہ" نوٗرنامہٕ تہٕ کاتبِ قلم" مضمونس اندر آمُت تکیا زِہ یہ اعتراض چھُہ گوہ ڈاکٹر غلام نبی گوہر صاٗبن کوٚرمُت۔ ٹینگ صاٗبن چھُہ سُے دیتمُت۔ یہ ہن باوُنٕ چھہ کافی زِ نوٗرنامہٕ چھُہ صحی اصول ورتاوِتھ تیار سپُدمُت۔ تتہٕ برعکس کُس کلیات تیار کرنہٕ آو تتہٕ اندر چھنہٕ بلکل تہٕ یمِن اصولن ہُنز ماپدی کرنہٕ آمژ۔

— (۵) —

ییٚتھے پاٹھی چھنہٕ نوٗرنامس منز واریاہن شرکن صحی ووہ کھنے کرنہٕ آمژ۔ اُتھ سٕتی پاٹھی چھہٕ کینہہ لفظ تہٕ ترکیبہٕ لیکھنہٕ آمژہ۔ یمِن یانہٕ کانہہ مفہوم چھنہٕ نیران تتہٕ غلط نیران چھہ۔ اتھ سلسلس منز چھہ یمہٕ سوٗمبرنہٕ ہِندی ۹۹ تہٕ ۱۰۳ صفحہٕ وچھنہٕ لایق (طلوع)

یمن شرکن کُن ٹینگ صاٗبن اِشارہ چھُہ کوٚرمُت تِمو منزہٕ چھُہ صفہ ۹۹ وول (نوٗرنامُک ۲۴۷) شُہ شرُک یُس میٚنے نوٗرنامس منز تمی ژہ وہ لِہ نقل چھُہ کوٚرمُت یمہٕ ژہ وہ لِہ قلمی نسخس اندر وُسُہ وس

اتھ چھِ تحقیقس اندر البیاض فی الاصل[12] ونان نِرِہ اَکھ سٹھی پاٹھو لیکھُن۔

دِنیس دنت داتس خوپرٕ   کیا کرازلس ان دنت تانت

سحارس نہ دارس ہرنس وونر   پاز آسہ بند نہ آناد گانت

میٚنے ترِی نہٕ اکٕی لفظ فکرہ توٚے لیٚوکھمس نوٹ ششترکیک مفہوم چھُ فکرٕہ نران مگر لفظ چھنہ پوٗرٕہ پاٹھو سمجھ یوان[13]۔ وچھتو اتھی شعرکس گرٕ پاٹھ پھیرٕہ چھِ رٕشی نامن اندر (تتھی لیکھن نرابہ اندر) موجود[14]:

اسہِ جھنس تنت نہ برنس کوبر   آسہِ طوطہ کول نہ کاوس کانت

اسہ نہال نرزت پہلج گوبر   آسہ پاز ونن ت پاتھل کانت

بیاکھ پاٹھ چھُس یہ:

دِنیس دنت داتس چونیر   کھہ کر لزلس امرت تانت

سوارسہ وانت ہرنس ونر   پاز آسہ بندت آناد کانت

---

[12] البیاض فی الاصل چھِ نوٗر نامس اندر سنسکرتی تہٕ پنڈتی کلامکی نمونہ تہٕ۔ یہنِدی نہ چھہ لفظ فکرٕہ نران تہٕ نہ چھِ مانہٕ اَتھِہ یوان۔ پروفیسر ڈی این گنجو صابن وٚنن میٚنے یِم دچھتھ "کامل صاب بوٗد ظلم چھُنہٕ کورمُت، یہ کلامہ گوٚتھ سوٗرے امی چالہِ تاَنن، کرہوس بوزشوز کرتھ وارہ وانہ مانہٕ پادٕہ۔ چنانچہ تمی کوٚرتہ کینژن بندن صحیح لفظ پَدی کرِتھ معنے پادٕ۔

[13] یہ ادُس ہٕ تنیُنہ کانہہ شرُک دِنَس مجبوریُس نہٕ وزھام مگر ہو بہو نارنگ مُلا وسُم مثلاً بنہٕ شرکس اندر اشیکُ آخری مِصرٕہ یُس ضرب المثل چھُہ۔ میے چھُ پلنے اتھ لیوکھمُت مفہوم چھُنہٕ فکرِہ نران۔ ٹینگ صابُن اعتراض چھُنہٕ کانہہ انکشاف۔

[14] یِم پاٹھ پھیرٕہ چھِ کُلیاتن نہٕ ہٲدی منٛز۔

دۆیِم شُرِک صفہ ۱۰۳ وول چھُ نورناسّ اندر (شرُک ۲۳۱) یِتھٕ کٕنۍ :۔

ننس کرِ پٔشی زنہ کیاہ چھے ذات    یِگی بو چھس یٖرن دزے

بہ پاپہ کرتہ حاصل کیات    ثواب ساسہ گن پرآ دزے

کُلیاتس اندر چھ یِتھہ پاٹھۍ دِتہ :

ننس گرِش زنہ کیاہ چھے ذات    یِگیے بو چھس وزن دزے

نہ بابہ ننده کرنہ راونہ ذات    ثواب ساسہ گن پرآ و دزے

مێے بیٚمہِ نُسخہِ پیٹھہ یہ نُکمُت چھُ تمیُک پاٹھ چھُ زیادٕ صحی باسان۔ یہ چھِ وکھرہ کتھ زِ "یٖرن" لفظ یِتھہ پاٹھۍ لیکھنہ اوس آمُت تہٕ سمجھ تہٕ نوٹ لیوکھمس "خبر بہ ما آسہ ڈوٚرن ڈُبرٕنہ"۔ یہ پاٹھ چھُ اوہ کنٕ صحی زِ ثوابس سِتۍ آسہ ضرور پاپہ لفظ۔ وۆنُن نہ چھُ تی زِ ثواب چھُ خرآت دِیُن مگر ذانہ پزِ ھتہ دِیُن چھُ پاپ۔ یہ چھُ ہٮ۪نٛدی رسم یتھ ننٛدٕ ریٚشی کھنڈن چھُ کوٚرمُت۔ دۆیِم چھُ یہ کتھ نہ زِ کلیات کِس پاٹھس اندر چھُ تِھٕدی مہ مصرُک قافیہ "ذات" دُہراونہ آمُت۔ ———— یہ چھُنہ شُرکن ہُنٛز روایتھ۔

بدقسمتی چھُ یہ زِ ڈاکٹر بوسہ ہُنٛد ٹینگ صابس دۆنظر چھُہ ) نزہ پرتھ کُنہِ ریٚشی ناسّ تہٕ قلمی نُسخس اندر چھُ شُرکن ہُنٛد آمُر ڈالنہ تہٕ ساتی ماخذ چھُ تمیے۔ اتھ کُن اوس مێے نورناسّ منز اشارہ کوٚرمُت۔

"یہ کلامہ چھُ بے غرض پاٹھۍ لیکھنہ آمُت۔ کانٛسہِ چھُہ اکہِ شُرکُکی زہ یا ترییٚے تہٕ کانٛسہِ ژ دہ نوٚوے مصرہ دِژ مٕتی تہٕ کانٛسہِ چھُ پوٚمے شُرک اکہِ پورہ نظمہ ہُنٛد بند بنوومُت۔ یِتھے پاٹھۍ چھُ اکس ریٚشی ناسّ کُنہِ شُرکچ اکھ شکل تہٕ بیٚیس ریٚشی ناسّ اندر بیاکھ صوٗرتھ موجوٗد صفہ ۱۱"۔

عبدالاحد آزاد نہٕ چھُ وَنان ــــ "ریشی ناموں کے نسخوں میں واقعات کا بہت اختلاف ہے۔ شلوکوں کا بھی یہی حال ہے۔ ان کی تصحیح مشکل سے ہو سکتی ہے"[15]۔ پروفیسر لشپ چھُ لیکھان :

"محمد امین کامِل صابَن چھُ نورنامہٕ بِلہٕ محنتٕ تہٕ پوز شوژ سان ترتیب دِتمُت۔ امانہٕ تہٕ کیاہ کرِہ ہے۔ تُقرِہ ہے ما۔ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ قلمی نسخہ ییٚتھٕ ہیوٚس یِہِ نقل کرِنہٕ۔ یمو نسخو ییٚتھٕ کلامہٕ ژٕلنہٕ آمُت تمِن آس ثروٕ نیٚٹھے بٔڑے آمٕرٕ تکیازِ یمَن مُنزاوس نہٕ اچھر اوٕ یوت بدلیوٚمُت لفظ تہٕ آسی کَنہٕ کور وٕ آتی زیٚہنی تہٕ بندش نام اوس کھرٕ آمُت"۔[16]

لشپ صابَن چھِ اَمہٕ لتہٕ کھرٕ نہٕ کینہہ مثالہٕ تِہ دِمٕرٕ۔ مثلن مشہور شُرکھ، وٕدہٕ یِہٕ کوٚرٕتھ نہٕ کربا / تہٕ کربا یہٕ ژٕتس پے پی، چھُن پانژہ مختلف پاٹھٕ آوی ہیٚنی یم زن ریشی نامن اندر چھِہ۔ تمہِ چھُ بابہٕ نصیب الدین غازی سند پاٹھٕ پٔروان آسنہٕ کنو صحی موٚنمُت، وٕدہٕ کیاہ کرٕ یاتھ گر بلے / تی کربآے ژٕتس پے یی۔ ساقی صابنہٕ کلیاتک پاٹھٕ چھُ مختلف تہٕ اَمہٕ حسابہٕ چھُ شُم۔ یِہٕ کمہِ ییٚتھٕ چھُ ژٕلنہٕ آمُت تہٕ چھِنہٕ خبر۔ یِہٕ نہٕ چھُ نصیب الدین غازیُن نہٕ بابہٕ کمالُن پاٹھٕ[17]۔ حافظ احمد اللہ پنجابی چھُ بدلے پاٹھٕ دِتمُت اَمہٕ حسابہٕ چھُ سُہ ستیُم[18]۔

---

[15] ۔ کشمیری زبان اور شاعری۔

[16] ۔ شیرازہ نندہ ریوٚش نمبر صفہ ۸۳

[17] حالانکہ یِتھہٕ مختلف پاٹھٕ دِنہٕ آے یِہِ گوٚ ژہ وَننہٕ یُن کس کُمہٕ ریشو نامک پاٹھٕ چھِہ۔ کلیاتکُ ماننہٕ نہٕ اصول چھُ نی آسان۔

[18] ۔ اَصلی موسیقی۔

شرکن یہ وَنن گژھہِ کنہہ چھہ لفظن تہٕ ترکیبن منز ــــــ بابہٕ نصیب الدین غازی
بابہٕ خلیل تہٕ بابہٕ کمال سندین ریشی ناٗمن نانو بابہٕ وآنو برٕسے آمژ۔ دور کیاہ چھہ وُگژھن
کُلیاتس اندر میٚنکو مثالہِ بابتھ صفہ ۷۷، ۱۱۱، ۱۱۵، ۱۱۸ بیترٕ وُچھتھ۔ لہٰذا کُنہ
وَنو صحی تہٕ کُنہ ناصحی اَتھ چھا نہ دِنہ چھنہٕ گژھہ کنہ۔

تَو پَتہٕ یہ وَنُن کو تاہ مُبہم چھُہ زِ کُنہہ لفظ تہٕ ترکیبہ چھہ غلط" کُنہٕ گژھہ ہوی
لفظ گیہ۔ باس چھُہ لگان زِ نتہٕ نوز ناہہ غلطین ہُند پلندہ چھُہ۔ حالانکہ اَتھ منز چھہ
تقریبن پانژہ ساس لفظ تانہ آہتی۔ یمَن منز حساب کرُتھ پانژہ کَم پنژاہ
لفظ غلط چھہِ گامتی۔ اَمہِ کھوتہٕ ذُ درچھہ کتابن غلط نامہٕ آسانہ۔ پژھن موموٗلی
کنھن زن گژھ نہ یپیٚرہیوٗل ہالےٚ تُلنی، محض ذاتی غرادبی مصلحژ کِنہ۔

—— ( ٦ ) ——

تُلہ .......... حضرت شیخ سُند کلیات نوہ سرہ[شہ] ترتیب
دنک فآصلہ سپُد ... گوڈ یتر کوشش اکھ کمیٹی گژھہ یہ کلیات
ترتیب دِنی یتھ منز کاٗبل صاٗبس تہٕ شمولیت کرنچ دعوت آیہ دنہ۔
مگر چھیکرس تُلہ زِ بلہ دوستو گرمجوشی ہُند اظہار ہود " یہ کاٗم آیہ
موتی لال ساقیس تُنپراونہ"۔ یُمہ جشن میلاد برونٹھے کلیات شیخ ترتیب
دِنچ سکھ آس کرمژ" (طلوع)

ڈوکمُنٹ چھکھ پُرانہٕ قبرہ گژھن نہٕ پھرنہ۔ یہ کُلیات تیار کرنُک فآصلہ اوس ۱۹۷۸ء
اندر کرنہٕ آمُت۔ ہر گامہ پیٚتے گرمجوشی ہاٗونہ۔ بلہ تے ممبرن کوسہ ذَن زھنٹ لجے یہ۔

---

شہ۔ نوہ سرہ کیاہ گوو؟ نوز ناہہ اوس ثانیہ نترہ کلیات۔

نمبرن ممبرن ہنٛدی ناوکیا نہٕ چھنہٕ دِنہٕ آمٕتۍ۔ بہرحال ٹینگ صاحب چھِ پانے وَنان زِ ساقی صاحبن آس برونٛہہ کُلیاتس پیٹھ کام لاجمٕژ۔ پانہٕ ساقی صاحب تہٕ چھُ وَنان ـــ "حضرتِ شیخ سٕندِ کلامٕچ بہِ سومبرن ترتیب دِنٕچ کام چھےٚ میٚے تربٚیے وٕری برونٛہہ شروع کٔرمٕژ" (جلد اوّل گوڈُن صفہ ۱۱) یہ گوو ڈُٹ لیکھنہٕ کہ "تاریخہ (۱۹۷۹ء) منٛز ترٚیے وٕری کٔڈِتھ چھُ بہ ۱۹۷۶ء بنان۔ گویا کمیٹی بننہٕ برونٛہہ ژٕ وٕری۔ اَتہٕ اور چھےٚ وٕژھنے بے مانہٕ تِکیازِ تِمہِ سیٚتۍ ژھاپہٕ چھُ ٹینگ صاحبس پانس پیٹھ پیوان۔

—— ( ۷ ) ——

"حتی المقدور سپٕز یہ کوشش زِ تِہنٛدِس کلامس سٕتۍ یُس اوڈُک یوٗک کلامہٕ وِلنہٕ چھُ آمُت، سُہ گوٚژھ بیوٚن تہٕ بدوٚن یُن کڈُنہٕ" (طلوع کلیاتُک بوہےپاس چھُ وِوکھ۔ یوٚن زِ نٔنٛدٕ ریٚشٕس کُن چھِ کینٛہہ دٕدِ پٔد (الحاقی کلام) تہٕ لاگنہٕ آمٕتۍ، یورکن میٚے نوٗرناس اندٕ اشارٕ چھُ کوٚرمُت "کینٛژن ریٚشی نامن منٛز چھِ تِتھۍ کلامہٕ تہٕ حضرت شیخس کُن منسوب سپٕدمُت یُس پیٚٹھے پانہٕ ووٚپر چھُ لبنہٕ یِوان۔ میٚے کوٚر نہٕ یہ نقل" (صفہ ۱۲)

مگر یہ چھُ محض اکھ ذاتی احساس تِکیازِ دٕدِپٔدن منٛز چھِنہٕ کانٛہہ سکہٕ نشاندہی سپٕزمٕژ۔ اکھ شُرکۍ ثار یہِ وولِ چھُ آزاد زِ سُہ گٔژھ تہٕ کم شُرکۍ ثادِ۔ مگر کلیات کِس کانسہٕ تہٕ دعوا دارس چھُ سُہ سوُرے کلامہٕ جمع کرُن یُس شیخ العالم سٕنٛزِ گرٛنٛز قلمبند کرنہٕ چھُ آمُت۔ ساقی صاحب چھِ وَنان ـــ" اکھ اکھ شُرک یِتھ نہٕ خاطرٕ پیوٚو میٚے اکھ اکھ درجن قلمی نُسخن مدد ہیوٚن تہٕ امہِ پتہٕ یہ کینٛژھا ژٔرس یا ژٔرس آسنس نکھہ باسیوم تہٕ کوٚرُم درج۔"

یہ گوناٛمی چھِہ پننہِ پسندتہٕ ناپسند مطابق شُرکیٖ ژاٚرِتھ کرمٕژ۔ دَدٕ پَدٕن چھُن نہٕ تعدادٕ نٕژھ آمُت۔ تو پتہٕ دَدٕ پَدن ہٕنٛد فاصلی ہیٚکہِ نہ کانٛہہ اکھ شیخٕ بنِتھ ــــــــ یِمہٕ چھِہ اکہٕ نٛژھہِ کمیٹی ہٕنٛز کامہِ آسان یوٚسہٕ تمہِ کالہٕ چٕن کاٚتٕ ہن کتھن سام ہیٚنہِ تہٕ تمن ہٕنزِ پیٚیہٕ اکھ میٖزان مقرر کرِتھ دَدٕ پَدن ہٕنز نشاندہی کرِہ۔

ساقی صابن چھِنہٕ کتھ اوٚنمُت نامنہ نٕژھ آمٕژ بلکہ چھُن یہِ ووکھ معیار نہٕ مقررٕ کوٚرمُت۔ "یمیٚ چھہِ یمہٕ سوٚہ بہرنہِ خاطرٕ تمیٚ شُرکیٖ حضرتِ شیخہٕ سٕندی تسلیم گژھی منیٖ یمِ دوہہِ کھوتہٕ زیادٕہ ریشی نامن منٛز علمداہٕ سٕندی گنزاونہٕ چھہِ آمٕتی[20] شیٚز کتھ چھہِ واتھاہ کلام شیخ چھُہ یتھہٕ کُنہٕ تہٕ پٕھر آمُت تماونہٕ لیُس زَن اَکھ سے ریشی ناٚمس منز آسہے یا دوٚن منٛز آسہے۔ اَمہِ میٖزانہٕ سیٖتی چھُنہٕ کُنہٕ ریشی ناٚمس بذاتِ خوٚد کانٛہہ بوٚر روزان۔ تمِن اندر آسنُک یہِ الہامی فاصلہٕ چھُہ عجیب نہٕ حاۓران کُن۔

ساقی صاب چھُہ سون ادب ۱۹۶۹ ہس اندر کلیاتِ آزادس متلق لیکھان ــــــــ یہِ آزادن لیوکھ نہِ سوٚرُے چھُنہٕ اتھ اندر درج۔ کلیاتِ آزاد پٕرِتھ وَنہٕ بہٕ بیٚ زِ یہِ چھُنہٕ کُلیات۔ اتھ کلیات وَنُن گوٚو لفظ کُلیاتُک موٚلہٕ والُن۔ یہ گیہٕ نہٕ اَتر بلکہ گیہِ ورتہٕ وَن"۔ــــ یہِ کتھ چھہِ اَمہٕ ندِس کُلیاتس پیٹھ تہِ صادِر سپدان یکیانہٕ نوزنا ہس چھہِ ۲۵۷ شُرکن ہٕنز اکھ ژاٚرے، یہِ کلیات چھُہ نٕخہٕ ہنٛد[21] اَشر ہاونہٕ ۳۷۵ شُرکن ہٕنز باکھ ژاٚرے۔ کلیات ناو چھُہ محض اکھ بَرم۔

---

[19] تہٕ [20] کلیات: گوڈُٹ۔ [21] نوزنا ہکیٚ شُرکیٖ نہٕ چھہِ اتھ اندر شامِل

## ( نوٗشعہ تھانڈ )

ہر گاہ اَسہِ پزٕی ننٛدٕہ رێشن کانٛہہ لوٚب چھُ، تیٚلہٕ چھُ تحقیق کارن ہنز اکھ لوٚکٹ موٚکٹ کمیٹی بناوٕنۍ، یوٚسہ تمام شٔرکین ہندی ساری پاٹھ ژٔھراوہ، تمن امکانی معتبرِ دِیہ۔ یتہٕ ہیٚتہٕ ممکن سپدہ، تتہٕ تارہٕ تمی ژٕ ولہِ (البیاض فی الاصل) سُہ کلام، یہِ وننٛہ کنُ معنے پاہ وہ گروٗمن ہیٛندہِ خاطرہ۔ یہِ ہیٚمن کرہ کانٛہہ علامت یا تانٛہ نشان دِہی غا مروجہ لفظن بناوہ ہہ فہرس بیترہ۔ پروفیسر لشپ صابن تہِ چھُ اَمہِ خاطرہ ترٕ بیٚنے تجویز پیش کرمژٕ۔ اکھ یہِ زِ گیوٗن والین تِشہ سادی شٔرکٕ تمی ژٕ ولہِ ٹیپ کرِنۍ۔ دوٚیم یہِ زِ ریٚشی تامن تہِ بیاضن اندرِ یم شٔرکیتھ پاٹھی چھِ، تِنتھے پاٹھی ناوٕنۍ۔ تریٚم اَتھ بنیادی ہیٚتھ پرتھ شٔرکیک صورت نامہ (کیس ہسٹری) ترتیب دِتھ تمیُک مۄلہ اتھا دبدہِ کڈُن ۔ (مشیرازہ شُندہ ریوٗش نمبر)

نگر أسی چھا اَمہِ باپتھ تیار؟ أسی ما چھن شیخ العالمؒ کہنا ن۔ نکیازہ وٕنۍ اَمس پیٹھ لیکھن گوٚ ناد نیرٕ ہیٚنہِ لوٚنک تہِ بٔنٛ عوہداری تہِ میلنی، یونیورسٹی ہنزِ شیخ العالمؒ کرسی خاطرہ (یےٚ نتہٕ یےٚ) رٔسہ کشتی تہِ لاگنہٕ۔ بقول اقبالؒ

یہی شیخ حرم ہے جو چُرا کر بیچ کھاتا ہے
گلیم بوذرؓ و دلق اویسؓ و چادرِ زہراؓ

## (پۆنت کتھ)

" دٕرصدٕ قسط اوّل" مرتبہ میر غلام نبی نوُرانی چھاپ ۱۹۹۰ء ناشر علمدار انجمن اسلامیہ چرارِ شریف گٔیم نظرہ۔ یہ چھَ اُردوٕ پآٹھی حضرتِ شیخ سنٛز ریوا یتی سوانح۔ کتابہٕ ہندس آخرس پیٹھ چھَ سابق سیکرٹری اکیڈمی جیالال کول سنٛز ۱ اگست ۱۹۶۴ءیح اکھ چِٹھی درج، یتھ اندر تمی نوٗرآنی صآبس شکریہ چھُ کوٚرمُت زٕ تِم تھاوٕن کآمل صآبس شیخہ شرکین مانہٕ سمجھنس اندر پرٛتھ مدد آبتٕن ـــــ نوُرانی صآب ہیکن اَتھ چِٹھہِ فریم کٔرِتھ، مگر میٔنے کانٛہہ مَدد کرُن گیا یہ بُدٕ کتھ، بُتھ تہٕ ہیوُ کھہٕ نٕہہ۔ توتہٕ پانٕہ وآتی زان پچھلےٚ سہی۔



# * * کاشُر صوٗفی شاعری تہٕ نِلہٕ وَٹھ

میانٕ صوفی شاعر (ترٛےٚ جلد) سپٹمبر ۱۹۶۴ء اندر کلچرل اکیڈمی ہندہ طرفہٕ شایع[1] ۔ اکوٗ ہہ دۄہری آو ۱۹۸۵ء اندر اَمیُک "دوٗیم ایڈیشن" دۄن جلدن اندر "کاشُر صوفی شاعری" نادس تل چھاپنہٕ ۔ ترتیب کارٕ چھُس موتی لال ساقی گۄڈنکس جلدس چھِس محمد یوسف ٹینگ صاحبن پننہٕ طرفہٕ کینٛہہ صفہٕ لیکھِ متی یِمن منٛز مےٚ ژُچہٕ پوٚنٛشہٕ چھہٕ آمژٕ ہینہٕ ۔ دٔرژٕم ہےٚ آسہِ ہَم دگ ژاپِہا، تیٚتھ ییلہ للہٕ ماجہ تہٕ سُری بییٚہ گو، تمہٕ تہٕ دِتی نالہ

للہٕ نِلہٕ وٹھ ژٔلہِ نہٕ زنہہ

—— (اکھ) ——

"گۄڈنکس ایڈیشنس منٛز اوس نہٕ صرف شاعرن ہند کم قلیلا کلامے دِنہٕ آمُت، اکھُتے آسی کینٛہہ اہم شاعر ملے مشرپنٛہٕ گامتی" گۄڈنی چھُم عرض ذہ کُنہِ تہٕ کتابہٕ ہُنٛد "دوٗیم ایڈیشن" چھُ تمی ہیٚسے لکھاریٚ سٕندس نادس تل چھپان، یمی سۄ کتاب لیچھمٕژ آسہِ ۔ خاہ سُہ پانہٕ (شیرژا آرٕ کرتھ) سٕہ

[1] ٹینگ صاحبن چھُ میانہٕ کتابہٕ ہُند ناو "صوفی شاعری" تہٕ امیُک زمانہٕ دہ پنداہ ورِی بروٚنٛہہ (۱۹۸۵ حسابہٕ) دوٗمُت، یُس نہٕ صحی چھُ۔

ایڈیشن کڈہ بانَس سُستہ پبلشر بابہ کاتہہ شخص۔ یہ کتھ نظرہ تل تھاوتھ۔ پھِنہ ساقی صابن یہ سہ میرن میانہ "صوفی شاعر گتا بہ ہُند" دۆیم بالو دۆ ایڈیشن دۆیم کتھ چھ بہ زہ "صوفی شاعر" اَس نہ کاتہہ شُشربند (PLANNED) کتاب، یہ سہ زن تأریخی ترتیبہ مُطابق تمام صوفی شاعرن دِہانہ کرِہے۔ اکیڈمی پتھ کنی جہ خاتون، رسل میر، مہجور، آزاد، خاقی، بیترِ شاعرن پیٹھ لو کیُ زاتی کتابچہ شائع کرِی۔ تِنھے کنی کوُرن صوفی شایرن پیٹھ نہ کتابچہ لیکھنک فیصلہ۔ خبر کہنہ یمہ ڈیس پیٹھ ژآری سیکرٹری صابن ژۆ شاعر، رحمان ڈار، نعمہ صاب سوہ چھ کرال تہ احمد بٹہ وآری۔ گوڈنکی زہ شاعر پھِلی اختر محی الدین صابس حِصّہ، تہ دۆیم زہ کھنی مینے منٹھ۔ اختر صابن پُشرآو پننی کھار نہ مینی ۲ بہ اَس نہ کاتہہ دفتری ڈیوٹی بلکہ چھرا اکھ شوقیہ کأم۔ مینے پیوطون بلہ مینی ژۆ لو نے شاعر تیار کرنی پھِ، اکی ہے جلدس اندر کو یہ چھاپو کھ، نو تہ بنہ کتاب ہش۔ کتھ آیہ مانہ مگر ستی کوُر سیکرٹری صابن تجویز زہ اَتھ گوُ ژھ تصوفس پیٹھ کینژھا لیکھُن۔ یتھہ پأٹھی گو گوڈنیک جلد تیار۔ دۆیمہ وُری آیہ لوُی شاعر ژُلنہ تہ کأم آیہ مینی پُشراونہ ۳ موخصر پہ زہ بیہ جلدہ بانتھ یم شاعر مشخص سپدی، تم آیہ تتھ منز شامل کرنہ۔

---

۲ اختر صابن لاجے رحمان ڈارس پیٹھ کأم کرٕنی مگر پتہ کرن تہندی کینہہ بأتھ مینی حوالہ اور کُن چھ گوڈنکس جلدس اندر (صفحہ ۷۳) اشارہ سپُدمت۔

۳ سَنہ ڈیترِہ حسابہ ترتیبک خیال آو گوڈنکہ جلدہ پتہ مگر کنھ اَس اندس گأمژ۔ امیُک اظہار چھ دوٚیمِس جلدس اندر سپُدمت۔ (صفحہ ۶)

ہیٚمہِ دۄن نِ صوفی شاعرٕ اَس مۆلی ژاَنٛ سوٚ مبرن، اَوٕ کِنۍ آوا تھ منز
پرٛتھ شاعر سُند کم قلبلا کلامَس مۄنٛہ باپتھ دِنہٕ۔ بیاضنٕ مآہسہ چھِر نہٕ ننہٕ
یِنہٕ کاٚنسہ ہندی پانٛژھ باگھ دٔژایہ، ننہٕ دِچھوہ ژاہ۔ کلامہ اوس دستیاب،
اَدٕ کاٚنسہٕ ہُندکم، کاٚنسہٕ ہُند زیادہ۔ مگر سُہ اوس نہٕ مقصد۔

ٹینگ صاب چھُ وَنان اَتھ اندر چھِ کینٛہہ اہم شاعر مُلے مشرتھ گامتۍ، اکِس
حبیب اللہ نوشہری یِس ورٲے (یُس گیٚنٛژ فہرستس منز اوس) کم زَن اہم شاعر چھِ
یم اَتھ وُسی یِنہٕ نہٕ ساقی صاَبن پھیٚژر آدی؟ حالانکہ ہیٚمہِ آس نہٕ سُتر بند
کتاب، مگر تمس آس۔ تمس نہٕ گوٚژھ نہٕ شکریوش، ننٛدہ ڈارکا ھِل بیب
دِہ ہوی تاریخی اعتبارٕ کو شاعر ینچھر پَینٛچ، یم میانہ کتابہِ اندر درج چھِ۔ ننٛدہ
ڈار چھُ "ڈولکہ شار" لیکھنہ کِنۍ گۄنٛے تاریخی شاعر۔ اَتھ برعکس چھِ مثالے محمد
بٹ تہٕ احمد ڈار یہٕ ژُنتھ کتابہِ آمتۍ کھادنہٕ نہٕ یم آسی شمس فقیرنۍ ژاٹھ جبر
تیلہ کیا اوس عبدالکریمن کوٚرمت یُس شمس فقیرنی سلسلک شاعر اوس
تہٕ یمن دہ لونٛی ہندِ کھوتہ سیٹھاہ نفیس نشابر تہٕ۔ احد زرگر صاٚبن جانشین
تہٕ ژاٹھ غلام رسول حزبن کیا زہ آو نرادنہٕ۔ لالہ آرگامی تہٕ رحمان ڈارٕ کیا نہٕ
گیہ مشرٛھتس۔ احمد ڈارنی باگھ تارہ گیوی ریڈیو ہیٚتھ اکھ گیوُن وآلی
نفیس لیہ اندر/ آکھو شہرِ شیرانو/ ڈیکہ ڈونی موپھرٛاو۔ ساقی صاَبن
تُلُ پن، تہٕ دعوا سُپد نہ احمد ڈار کوٚرے ہیٚمہِ لو'ن۔ بہرحال میانہِ کتابہِ اندر
چھِ یم شاعر آمتۍ۔ احد زرگر، صمد میر، سوچھ کرال، مومن صاب، نعمہ صاب
رحمان ڈار، وہاب کھار، احمد بٹہ واری، شاہ غفور، شاہ قلندر، نعم صاب

اسہ پرے، ننده ڈار، بیب ود، شکر پوش، شاہ ابراہیم، شمس فقیر، دانہ محمود، احمد راہ۔ ووہ نی کم "اہم صوفی شاعر چھ مینے ملے مشرپہ،" گامتی یہ ماچھ شوشہ تراوُن ہیکو گژھان؟

( زٕ )

"کینژن صوفی شاعرن منز اوس یہ باتن ہند پاٹھہ نہ ودُس
کینژن شکلن منز آس یوّن بیوّن شاعرن متلق ترتیب کار
سنزن راین ستی تہ شدید اختلافچ گنجایش موجود"

صوفی شاعرن بیٹھ آس میانہ یہ کتاب، لوُر ناگی پاٹھی، اکھ پیش پکھ کام۔ تکیازہ امہ برونہہ آس ہنہ کینہہ اکس سوہ مبرنہ اندر صوفی شاعرن ہندس کلامک نمونہ درج تھہنرہ زندگی تہ کلامس کم کاسہ سام آمژ ہیہ، صوفیانہ خیالاتن ہندین مختلف آگرن منز ونژہنہ تہ زان آمژ کرنہ۔ امہ کنی نتیجہ اوس یہ کتاب آیہ ژوہ پاری پسند کرنہ۔ امیک اعتراف چھ بنگ عالمن تہ کوٚرمُت

"یہ سلسلہ پاسیو و کاشر ادب پرن والین واریاہ زبر
تہ کینہہ کالہ بیٹھ آسی تم دورکران زٕ اکھ گوڈنیچ بیاکھ ایڈیشن
تہ شایع سپدن تکیازہ گوڈنیک ایڈیشن اوس وُچھان
وُچھان سور بومت۔"

پرن والی آسی میانہ کتابہ ہند بیاکھ ایڈیشن منگان یُس مے کلبومت اوس تمہ کس ناوس تل اکھ "ژھاپی ایڈیشن" بازر تراوُن آسیہ ونان۔

"صوفی شاعر کتابہ آیہ نمو کتابچہ بیٹھ تلنہ۔ یہند فہرس پریتھ جلدس اندر

وِنہٕ چھُہ تِمن کتابن لِس پاٹھ بھیرہ پانہٕ وٲنی موجود چھُہ، تِمچ تہٕ چھِ حاشیین اندر نشان دِہی سپٕزمژٕ۔ زبٲنی روایت تہٕ چھِ مادہٕ آہژ تہٕ کُنہٕ ہیےٚ پٔنٕ لفظ ورتاوُمتۍ چھِم، تِمچ تہٕ چھِم (اصل لفظہٕ سان) نشان دِہی کرمژٕ۔ اَمہٕ احتیاطہٕ باوجود کِتھ کٕنۍ ووتۍ ہندنا دُرس پاٹھۍ؟ وَلۍ ہرگاہ کُنہٕ چھُ تہٕ، سُہ چھُ تِمن دَرِدین (AVAILABLE) ماخذن اندر یمن تام نٕمہٕ کالہٕ پٔتن آسن اورکُن چھُ میٚنۍ گوڈنکِس جلدس اندر اِشارہ کوٚرمُت۔

"یہ کتاب مرتّب کرنہٕ وِزہ آیہٕ میٚنۍ وارِیاہ مُشکلات پیش، خاصکر یہ زہ شاعرن ہُند کلامہ یتھ پاٹھۍ ساٚنۍ کُتب فروش چھاپان چھِ، سُہ چھُ انتہایی غلط تہٕ ذمّہ دارانہٕ۔ اکس کتابِس منز چھُ کیاہ تام تہٕ بیس منز چھُ تتھ برعکس آسان" (صفہ ۷۳)

میٚنۍ چھِ ماخذ کتابن ہندی حوالہ دِتھ دی تمام پاٹھہٕ بیرن ہنز نشان دِہی کرمژٕ، یُس زَن کتاب ایڈٹ کرنُک اکھ تحقیقی طریقہ چھُ۔ سٲنی صاٲبن چھُنہٕ یتھ کانہہ تکلیف تُلمُن ضرورۍ زونمُت۔ اَوکنۍ کیاہ ہیو، چھُ (تحقیقی لحاظہ) تِہنزہ کتابہٕ اعتبار؟

روٗزِ شاعرن متعلق میانین رایَن ستۍ اختلافچ گنجایش۔ سوال چھُ کہندہ اختلافچ؟ تِمی سنزہ رایہٕ ستۍ تہٕ آسہٕ بیہ کانسہٕ اختلاف۔ ادبی دُنیاہس اندر چھُ بیہ رایہ اختلاف آمٕتۍ۔ نہ چھِ میانۍ رلے حتمی نہٕ۔ بیہ کانسہ ہنز آخری ہرکانہہ چھُ پنٕنہٕ کتابہٕ اندر بیٚہ نہٕ بوزِ شوز مطابق رلے قایم کران۔ تِمنزہ رایہ ستۍ کانسہٕ اختلاف آسنہٕ کنۍ ماکرون کتابے نابوٗد۔ پٔتھ بیٚلہٕ لوکو

سۄ پسند نہٕ آسہٕ کرٕہٕ تہٕ نایاب کنہٕ آسن نمبک نوٚو ایڈیشن تہٕ منگان۔

(تنبیہ ۳)

"کامِل صابن آسہِ شاعرن متعلق نادرٕ س اطلاع فراہم کرٕہ
ہٕتہِ تیچ اکھ مثال نغمہ صاب چھُ۔"

میٚنے اوس لیوکھمُت زِ سُہ اوس چِنکرال محلہ روزان تہٕ تٔرپرستان سپُد دفن۔ ٹینگ صابن چھہ یہے غلطی دٲہرٲو تکیاز نغمہ صاب چھُ اصلی شہلی ٹینگ دفن۔ تِمہ ساتہٕ آو پرتھ شاعرس متعلق تِنی لیکھنہٕ یہ دِ دی یاف سپُد، اگرچہ احساس اوس زِ یِم حالاتھ چھِ ناکافی تہٕ شاید نادرُس تہٕ [4] ساقی صابس روٗد بہ فٲیدہ زہ مبالغہٕ کتابہ پیتہٕ اکوٗہن وٲری ین اندرٕ آسی مختلف ذٔری لوکنہٕ واریاہ نوٚو انکشاف برونٹھہٕ کُن آمتی۔ ان پتہٕ دُہہ وہری سپدن انکہِ کیتی انکشاف غلط ثابت۔ یِی چھُ سپدان مثلن ساقی صابن چھُ (میانہ صوفی شاعرٕ چ غلطی بابہٕ نادتھہ) دوٚمُت زِ احمد بٹہ واری اوس بٹہ وار بُک روزن وول اُتھ جھُس ٹینگ صابن داد کوٚرمُت زِ سُہ چھُ پانڈچھ (گاندربل) زامُت تہٕ لوسُمت۔[5]

۱۹۵۵ء اندر لیوکھ پروفیسر سیتہٕ صابن "شمس فقیرن سوز" عنوانہٕ اکھ مضمون۔ واریاہ ژھوٚنڈ دِتھ سپُد تمس شمس فقیرس متعلق یہ معلوم زِ تسند مول اوس کریشہ پوٚر بُک اکھ بیچھ وُن فقیر تہٕ شمس صاب اوس تمس سٕتی بیٹھان آسان اُتھی منز سپُرس کٔس تام شفیع صابنہِ نظر تہٕ بیوٚ روحانی پایس۔ پتہٕ کوٚرن

---

[4] یہ کتھ چھہٕ صوفی شاعر جلد اکس اندر وَنہٕ آمژ زِ ہرگاہ دویمس جلدس تام شاعرن ہندی حالات دری یاف سپدی، تِم ین پیش کرنہٕ۔ (صفحہ ۶۱) [5] اصلی چھ تِمہٕ بانڈہ محلہ وتان۔

نبتھر بِبنار تہٕ سانگ ہیٚچھن دِاپنۍ تہٕ ژٕنجہ وآنسہ انڈ۔ دوٚن گوڈٕنیک

باُتھ ۶؎ ازچھُ اَتھ پیٹھ اُسن یِوان۔ مگر تمہٕ سانہٕ آس سوٚے شیٚچھ خبر۔

پتہٕ کرٕ پروفیسر شمس الدین احمد صٲبن تَن دِتہٕ اُمس پیٹھ باضابطہٕ کام تہٕ اصل

واقعات آیہٕ بروٚنہہ کُن ۷؎۔ پشپ صٲب ما ووت ماُرن زٕ شمس فقیر ہنٛدٕ ن

بیچھ دُن یا میٚنۍ ہو ونغمہ صٲب تر پرستان اوسوٗ دہ۔

اَمہِ اَکہِ غلطی وٕرٲے یہ کینژھا میٚنۍ اُمِس متلق تیلہ لیوٗکھمت چھُ، تہٕ

چھُ اَز تہٕ صحی۔ البتہ یہ توٗ کتھ سپز ایہٕ میٚنۍ تیلی ڈٕیاف زٕ آغہ حمام چھُ فتح کدلک

عبدالرشید وان بہان ۸؎۔ اُمی سندِ ہِس مامہٕ سندہ گرہ اوس نغمہٕ صٲب کُن

تہٕ کیول وانگج لبان۔ عبدالرشیدنی بُڈٕ ہ بَن چھس مرنہٕ وِزہٕ ترٛیش ترٛآوٕمژ

ساقی صٲبنہٕ (خیالی) اختلافہ باوجوٗ داوس نغمہ صٲب چنکرال محلے

وانگج لبان۔ تہٕ شمس فقیر اوسُس ہمسایہ۔ یہ کتھ چھَ پروفیسر شمس الدین احمدن

تہٕ دِنمٕژ۔ پتھ گو زٕ ہرگاہ سُہ چنکرال محلہ لبان اوس، شہلٕ ٹینگ کیازٕ نہٕ توکھ

دفن کرنہٕ خاطرٕ، اَتی کیازٕ کوٚ رُکھ نہٕ دفن۔ اَتھ چھُ یہ وجہ زٕ اُمس اوس

مورٕوٗثی قبرستان تتھی۔ یتھ کنۍ اَز تہٕ چھِ شہرکۍ لوکھ بیہ کُنہٕ جایہ بسنہٕ گژھنہٕ

پتہٕ مرن وقتہٕ پننہٕ بس مورٕوٗثی قبرستانس سے نہٕ یوان۔ اگر زن نتو لوٕ ہ

بسن جایہ قبرہ وادآسہ نہٕ ہیوتمُت۔

---

۶؎ کونگ پوش ستمبر ۱۹۵۵ء

۷؎ شمس فقیر مطبوعہ کلچرل اکیڈمی ۱۹۵۹ء

۸؎ ہیٚنۍ اوس غلطی کنۍ دوٚمُت زٕ نغمہ صٲبُن نیچو چھُ آغہ حمام وان بہان۔

## (ژوٚر)

"أسی رٕوٗدی گوڈٕ کامل صأبس تہٕ پتہٕ بیہ وار باہن ادیب
دوستن ہَلم داران زٕ ترٕ دِن گوڈٕ نکس ایڈیشنس وأرٕ نظر گژھُن"

بہ دَپہٕ یتھٕ زٕ اَتھ متلق ما آسہے کانْہہ جھٹھ دراہٕز، مگر نہٕ وأنژ میٚنے کانْہہ چھٹھی تہٕ نہٕ کوٚرم کأنسہِ کنہِ۔ آخر بہ کیا زٕ یژھا بنیہ بہ تاریخی کأم موموٗلی ہیر پھیرِ خأطرٕ کھباونٕ ناونی۔ شاید میٚنے تگہ ہے پرنہٕ شاعرس بیہ ہن کلامہ ہُرادُن، تعلیقی اوس کرُن، اکوٚن وٕری ینٚ ہندٕ لوٕ انکشافو مُطابق واقأتی تجرٕ تہٕ سٕنز رٕوٕنی، تہٕ ہرگاہ کأنسہِ شاعرس متلق ین وٕری ین اندر میٚنے راے بدلیہٕ آسہے سوٕ تہٕ شیرٕنی تہٕ سمبالنی۔ مگر لوٗرناکی پاٹھی آبہ یہ کمٕچ تہٕ ژھو بہٕ ژھو یارٕ ساقی صأبس پلناونہٕ۔

## (پانژہ)

"یتھٕ منزٕ چھُ خواجہ حبیب اللہ نوشہری سُند کلامہ ژوٚر۔ بیمہ
ایڈیشنٕ اکھ بٕڈٕ ڈألی چھَ ۱۸ صدی عیسوی ہندِس صوٗفی
شاعر مومن صأبنی وٕری یاف"

گوڈنی روزِ یہ وَنُن جان زِ خواجہ حبیب اللہ نوشہری بس پیٹھ لیوٗکھ پروفیسر شمس الدین احمد صأبن گوڈنچہ لَٹہِ اکھ لوکُٹ موکٹ مضمون گگریز ستمبر، اکتوبر ۱۹۵۴ء اندر۔ خواجہ صأبنی چھِ صرف نٕ ٢ بأتھ مستند نہٕ بروٗنہے عام۔ اکھ گو " دوتھو یار گژھا دوِیے " ۔۔۔ دوٚیم گو " بنٚے چھَ بار ہ سٕنز بیمأری " باقی ژوٚر کلامہٕ یُس ساقی صأبن اُمس کن چھُ لوگمت

چھُ مُحقِق بٔرم چنانچہ "کیٛنہہ تہٕ لوٗسیو پٕم سرٕ وہو" چھُ حبیب اللہ نوٗگرٕ سٕندیٚس حبیبہ تخلص اوس کران تہٕ باقٕیس چھُ یہ تخلص وِنہٕ۔[٩]

ساقی صابٕ وپان "وذہووبابہٕ گرٕھاد" بٲتھ چھُ تس نٕشہٕ ١٠١٣ ہجری اندر لیوکھمُت موجوٗد میٛلہٕ زٕ ن خواجہٕ صابٕ حیات أسی۔ اَمہٕ وِدنُک عکس چھُ أمی پنٕنہٕ کتابہ ہندِس آخری سرورقس پیٹھ دِیُتمُت۔ مگر کانٛہہ تہِ ہیکہ اَمہٕ عکسہٕ پیٹھ ٹاکارہ پأٹھی وُچھتھ نہٕ اَتھ چھُ سٲنِس قلم آمُت ڈالنہٕ یَمہٕ کِنہِ بٕ نٕشکاور چھُ بنیومُت۔[١٠] تعجب چھُ بہ نہٕ ساقی صابن چھِ مصرعہ غلط پٔرتھ درج کتاب کری متی۔ پُرمُت چھُن "ناریس رس نامبوبے" اصلی چھُ "یاریس زٔیس نامیوبے"۔ پُرمُت چھُن "وعدیے عیدآوبے" اصلی چھُ "وَعدٕ وَعید آوبے" پُرمُت چھُن "از چھُ کترِن دوٕلیے" اصلی چھُ "از چھُ گرٕشھن مُوٗلیے"

—— مگر ٹینگ صابس نٕشہٕ آسیہٕ صحی پاٹھ؟

رٔد مومن صاب۔ یہ چھُنہٕ ساقی صابن کانٛہہ تازہٕ ژٔدی یافتہٕ پٔزٕ ڈایی "شاعر۔ أمی سٕند کلامہ دِژاؤ گلریزٕ جون ١٩٥٣ء اندر۔ پروفیسر حاجنی صابن تہٕ چھُ "کاشُر شاعری" (١٩٦٠ء) اندر أمی سٕند کلامہ چھوٗپمُت۔ میٛانس "صوٗفی شاعر" (١٩٦٤ء) جلد اکس اندر تہٕ چھِ اَمہندی زٕ بٲتھ۔ ناجی منور تہٕ شفیع شوق صابن تہٕ چھُ "کاشرِ ادبُک تواریخ" (١٩٧٨ء) کتابہ منز اَمہندہ کلامُک نمونہٕ دِیُتمُت۔ خبر ٹینگ صاب کیٛنہہ کِنہِ چھُ یِتھہٕ غلط فہمی دِوان۔

[٩] بہارِ گلشنِ کشمیر ١٩٢٣ء چھاپ غلام محمد لونہٕ محمدس اندر چھِ حبیب لیکھتھ اَمہندی بٲتھ۔
[١٠] اَچھہٕ کٲم کاپی [illegible] "مختار بخس چھُ اَتھ آمُت ڈالنہٕ۔

یہ کتھ امس ساقی صابن ماہ الس منز ترآو ہرزنہ "منطق الطیر" مثنوی چھ
مومن صابن " ونیک نام کہ تحقیق موجوب "محمود گامیس بر وتھ لیچھمژ اُتھ
پیٹھ پتہ اکھ ریڈیو بحث۔ تتہ ڈرا وہ محض اکھ شوشہ[۱] امہ مثنوی ہُند
اصل نسخہ اوس اوتار کرشن رہبر صابس کتہ تام بدس آمُت، شاید آسہ
سُہ نمی سے نشہ محفوظ۔ بلکہ سپزہ اتھ بحث اندر مومن صابنہ زندگی متلق
کنھہ لوٗہ کتھہ تہ دری یاف، یمہ ہسیٹھا معتبر آسہ۔

—(شیٚ)—

"تحقیقی طور چھُس نہ بہ ساقی صاب ہنزن کینژن فاصلن سٟتۍ
اتفاق کراں ..... ییٚتھے کنۍ چھُ ساقی صاب وناں زہ "قوم
سیاہ پوش" ڈنتھ چھُ رحم صاب تمن سیاہ پوش کافرن کُن
اِشارہ کراں، یم ہیونز انگریس منز روزان آسی ...."

گوڈ ہ لوٗزِ وچھٕ۔ اکہ دوہہ پرٕ ژھک پروفیسر نوشخانی صابس "مہرا
ہجورن چھُ دوٗمُت سہ ولسہ وتہ دردہ باعث آمُت بہار آسیا" یہ
دردہ باغ کیا گو"؟ تمی دوٗ نکھ در جواب "کاشرۍ چھ موٗلی درد، پتہ بیلہ
دردستان نرآوِتھ کشیرِ منز بسے ہنٛز پٔرون وطن دردہ باغ گو کھ لاشعورس
اندر دُرتھ۔ یتھ انگریزی پاٹھۍ (SUBCONSTIOUS MIND)

---

[۱] پرکاش رام کُرۍ گامس متلق تہ اوسکھ بتھۍ شوشہ تر دوٗمت زہ تمۍ چھ
رامائن مثنوی محمود گامیس بر وتھ لیچھمژ۔ پتہ سُپد معلوم زہ یہ چھ ۱۸۴۸ء تہ تہ
زور ورۍ یوٗری آمژ لیکھنہ۔ وچھو شیرازہ اگست ۱۹۶۶ء، کاشر رامائن۔ (اقبال ناتھ وتیہ)

دنان چھ - یہ چھ سہ یاداوری [۱۴] ساقی صاب اوس لۄکہ پہان لاگ تھۄہمس ناکھنہِ - دراصل چھ رحم صابن مصرہ غلط آمت پرنہ تہ اندراج کرنہ - صحیح مصرہ چھ "سو پری ، رحمہ از قوم سیاووش" یہ لفظ چھ رسل میرن تہ ونۆومت سہ کیا ماننہ چھے زیبا / ہے ہے کوٚ تھو پا صدخون سیاہ ووش [۱۵] سیاووش چھ فردوسی سنزِ شاہ نامک اکھ مشہور کردار - نظامی چھ ونان یہ زمین تہ آسمان چھ طشت خون تہ طشت خاک سہ

بنشتہ بر آں ہر دو آلودہ طشت زخون سیاوش بسی سرگذشت

---

[۱۴] نوشخانی اوس شیخ محمد عبداللہ ہس خلاف "کشیر چھوڑ دو" بغاوت مقدمس اندر بطور ماہر ( EXPERT ) سرکاری گواہ - پرتھ ہس شیخ عبداللہ سن چھ تقریرن اندر بے شمار بار پورٕ رُت سہ یقین محکم، عمل پیہم محبت فاتح عالم ؎ جہاد زندگانی منز ہیں مردوں کی شمشیریں اتھ کیا ماتہ چھ ؟ دوٚ ینکھ یہ گو تلو شمشیر تہ ہیرہ جہادس - ہیتے بیٹھ تھاوِ و یقین زہ تھی کرون مہراج کس چھ ، سورے دنیا تہراج - خدا بخش بیر محمد افضل مخدومی صابس تمی بلہ یہ اکیڈمی منز و چھ ، ووٚنن یہ کمی چھ یور اونمت ، ینہ لو نادِن یہ چاٹھ - نوشخانی صابس تمبہ اتھ منلق پرٛژھک ، تمس گیہ گٹھ گوجہ -

[۱۵] میانس ملوفی شاعر دوہمس جلدس اندر چھ یہ صحی ینکھنہ ( ۱۳۱ص )

[۱۶] انہ تہ آس لیکھان تہ پران "صدخون سیاہ پوش" ہیتے بیڑ یاو یہ گو ڈیچہ لٹہ ۱۹۵۲ء اندر ینہ یس "رسل میر کتابچس اندر پبلشر چھس کشیر بزم ادب - یہ آیو تمی دٚری یہ گوڈیچہ لٹہ "یوم رسل میر" منادنکس موقس پیٹھہ دوٚدرِہ یاگرونہ اتھ اندر آسی رسل میرنہ زندگی ہندی واقعات گوڈیچہ لٹہ بادنہ آہتی - یم آسی بخشی غلام محمد مرحومن ہیتے ونی ہتی تہ تانکہ کوٚ رُت "ینامیون دٚکھ"

ساقی صٲب زن اوس بے خبر، ٹینگ صٲبن تہٕ چھُ اَتھ "سیاہ پوش" لفظ زٕ آنتھ حضورِ اکرمن صلعم ہنزِ سیاہ کملہٕ تہٕ صوفی حضراتن ہنزِ سیاہ پسندی ہٕ ستی واٹھ دِتمُت۔ حٲرتھ چھُ!

ٹینگ صٲبن وُچھ ساقی صٲبس، چھُ پاٹھ غلط[۱] گژھن شاعرن متلق اطلاعات تہٕ چھِس نادرُس، کینہہ فٲصلہٕ تہٕ چھِس نہٕ صحی، پیٹھ کیاہ کھوٚت میانہٕ "صوفی شاعر" کتابہٕ؟ اَتھ تہٕ کو نہٕ دِباوٕ واحسن صٲبس اَتھ نظرگذر، تہٕ چھاپون "ترمیم ایڈیشن" تسندس ناوس تل —

أندرم ضرب أندری دلس
ہے وٚنیو تہٕ دنتم باوٕ کس



---

[۱] یہ گوس تہٕ تمن موٗلی غلط پاٹھن کُن، یم ساقی صٲبس اَتھ "دوٚیمس ایڈیشنس" اندر چھ۔ بُہ چھُ اکھ الگ وِستھرنیہ دار مقالہ منگان۔

٦- | شش رنگ<br>تہٕ<br>کوہٕ کآئے

## ** شش رنگ تہٕ کوڈ کاے

عبدالاحد آزاد چھُ شاید گوڈنیک نقاد یٚمۍ پننہِ کتابہٕ "کشمیری زبان اور شاعری" منز امہِ نظمہ ہنٛز کنہٕ چھ تجزیہٕ۔ آزادس پتہٕ چھُ راقم الحروف "جدید شاعری تہٕ واتناوُک مسلہٕ" ناوس پننِس اکِس مقالس منز ...شش رنگ کہ فنی ماٲری منز رُک پاس دِوان... تمہِ پتہٕ چھُ امین کامِل "صوفی شاعر" ناوچہِ کتابہِ منز ... اتھ کاٲشرِ ادبُک تھیکُن لایق میراث ونان۔ پننِس اتھ مقالس منز اوٚسُس نہٕ یہِ نظمہ ہندِس آخری شارِس پزنہٕ پاٹھۍ وۄتمُت تہٕ وُتا ولی منز اوسُم وۄنمُت زِ نظم چھ امہِ ورٲے نہٕ مکمل۔ کیاہ تاجب چھُ امین کامِل آسہِ میانہِ وے تمو لفظو پننِس تندقا صلس واتنووُمُت"۔

یہِ چھُ رحمان راہی صابنہِ "شش رنگ" مضمونک اکھ حوالہ یُس اکہ ادبی[1] رسالس منز چھپیوومُت چھُ۔

شکادر ہی کھاتہٕ

راہی صابن مقالہٕ "جدید شاعری تہٕ واتناوُک مسلہٕ"[2] چھُ میانہِ "صوفی شاعر

---

[1] - جلد اکھ شمارہٕ اکھ ۱۹۷۷ء [2] - یہِ مقالہ چھُ راہی صابنہِ کہوٹ" (۱۹۷۹ء)

جلد اوّل" کتابہ پتہٕ پوٚدٕ نوٚو وُہری شیرازٕ ستمبر ۱۹۷۳ء ہس اندر نوٚن نیران۔ اوٚت نام چھہ کرٕ شیرازٕ تہٕ سون ادب چھاپان۔ یمن منز اشندی نہٕ کینہہ مضموٚن نیران چھہ۔ یوٚز ییٚتھ ہیٚو گوڑٕ تہٕ آری موضوع چھُ نجر کیانہٕ پتھ پتھے ڈدٕ کان انہٕ مقالس چھُ عنوان صفحس تل نوٹ دِتھ "یمہ مقالک لیکھن وَق چھہ ۱۹۶۴ء"۔ اندوانتھ چھس بریکٹن منز ۱۳ ستمبر ۱۹۶۴ء" لیکھِتھ۔ امہِ پتہٕ چھس بیلکھ یوٚت یا داش " یہ مقالہ آو کاشرمرکز کہ ڈسی منظم کرنہٕ آمتس اکس سیمنارس منز ٹوٗرسٹ سینٹر ہالس منز پرنہٕ۔ ستہٕ اوس ۱۹۶۴ء نہٕ ریتھ اکتوبر۔" ییتھہٕ کُنہ چھہ نجرکیانہٕ کَن یا آوی یا آوی پٔتھ آمٕژ یہانا نہٕ نہٕ مقالہ چھہ ۱۹۶۴ہک میاٗ ذ "صوفی شاعر" چھہ ۲۱ رجنوری ۱۹۶۴ء کتابت موکلتھ چھپنہٕ گرٕ ہان نہٕ مارچس اندر ہیوٚ واپس وانان[۳]۔ گویا یہ چھہ راہی صابنہِ امہ اکتوبر ۶۴ءکہ مقالہ بروٚنہہ ذہَن رٕتن منز بانہٕ دٕ آسان پے مٔژ۔ لہانا چھُ آزادس پتہٕ دوٚیُم نمبر صوفی شاعرکُ"۔ بلکہ چھہ امنز بہرکتھ نہٕ پھٹان نکٔشش ننگ کسِ آخری شارس متلق چھہ ییٚے امنز راے پانہٕ آومٕژ——————

——————ییرگیہ راہی صابنی حسابہ ہی کھانہٕ تارے۔

## زمانکی وٕدٕ

راہی صاب چھُ مضموٚنک گوڈ تلان جدید نقادن ہندِ یمہِ خیالہ ستنی۔

" شار موٚلہ وَنگ چھُ ..... سارٕ دے کھوتہٕ سیوٚد نہٕ بے زوال

---

کتابہ اندر نہٕ درج۔

[۳] دِچھو صوفی شاعر جلد اول صفحہ ۷۴، تارنخ دِتھ۔

طریقہ یِژ شارچ زبان مالون شارکِس عالمس منز اَژنک
یِہ تہ تنہٕ منز پھیرنچ تھو دنچ وَتھ ..... نہ ییتھ کنۍ پژ ناوُن
شارس منز تھنہٕ پیو مُت تجربہ"

اگرچہ اکِہ وقتہ اوسُن یوٚہے موٗلہ خیال یہ وٚنتھ دَد کوٚرمُت :

"تہندی (غار ترقی پسند نقادن ہندی۔ کامل) تنقید چھ ییتھ
کنۍ تام محدوٗد زِ اَدبین یہ کینژھا وٚنمُت چھُس گژھہ
وہِژھناوُن" ۴

زمانکی یم دہ اَڈ کیاسے، اُسی وُچھو زہ راہی صابن کوٚت تام چھُ اَتھ "شش
رنگ" مضموٗنس اندر شاعرس ہنز شخصیت منز آدِتھ، چھرا شعرِ پرکھے کٔرمِژ۔
تنقیدی دُگوٗش

راہی صابنہٕ موٗلہ دِنہٕ منز چھُ پیٹھے باپہٕ اکھ اہم تضاد۔ییتھ نظمہ یہ اکھ زرہ
دوہتھ وَاَسی (SUBLIME) نظم وَنان چھُ، ییتہٕ ساری زِ عائی ہندٕ نہٕ
معرفتُک حاصل عاَرتھ چھُ بنان، تتھی منلق چھُ کُنہٕ تہٕ دٕ دواٗے ییتہٕ ونان
دَنان زِ نظم چھنہٕ "علم عروٗضچ تہٕ قافیہ بندی ہنز پابندی کران" خبر اَتہٕ
کیا زہ چھ راہی صابن یہ کتھ منز آدمِژ زہ شاعری ہندہٕ لحاظہ چھ یم زہ ۲
بڈی عاب نہٕ نوقصُ ۵ ۔یہ ماگو کورہن چھُ بدل جمال، اما پوٚ زنیو رچھس یجہن
مینےاوس "صوفی شاعر" کتابہ اندر اَتھ نظمہ منلق پنہٕ نِس نوٚ سطری تبصرس
منز وٚنمُت :

۴ کونگ پوش مئی ۱۹۵۲ء ص ۸ "مارکسی تنقید کیا گو" ۵ راہی صاب چھ یا پہٕ یہ مانان۔ وُچھو
"اکھ غزل تہٕ زہ کاڈ یاَرج"۔

"شش رنگ نظمہ ہُند جنسی اظہار چھُ تیوٗت شدید زِ
امیکُ لیکھُمت معرفت ونان رحمان چھُ زن کلِہ تھہرہ پیٹھہ
دٲرِتھ دِوان ۔ اگرچہ شاعرن چھُ یہ روحانی تجربے کوہت
مگر امیکُ لطیف جنسی لہجہ چھُنہٕ پوٚنُس معرفتکُ یہ گوٚب بار
تُلنہٕ ہیکان"۔

ہرگاہ لیکھُت آسہٕ نہٕ نظمہ ہُند حصہٕ، سُہ چھُنہٕ کانہہ عٲب، تکیازِ لیکھُت چھُ محض غزل یا نظم داغنٕچ اکھ مشرقی رَسمہ یا لن، شاعرُن سند دستخط ۔ مگر عرُومنکُ نہٕ قافیکُ نقص چھُ عٲب ۔

راہی صٲبنٕ خیال چھُ زِ بٲگتکُ آخری شار "عاشقن چھُ رحمان وول معرفتن" چھُ نظمہ ہُند اژھوٚن انگ ۔ کِتھہٕ پٲٹھی ؟ دپان چھُ ـــــ "کیا لیوٚکھنم قلمن" تام چھُ تخلیٚس منز صرف زٕ ہے کردار وونلان ۔ ژھر نہٕ ژھرٹ کرِدِنی عاشق زنانہٕ نہٕ تسُند گُپت رٕدٕومُت ماشوٗق ...... مگر بندُک آخری مصرعہ "کیا لیوٚکھنم قلمن" چھُ زُ نتہٕ اَنِہ ہِوٚہس نوٚہس اکھ نوٚو عٲر دنیاپیٚتماو آیی اَتھہٕ ڈالُن ہیوان ... (ریوٚت نام اَتھہٕ ڈراماہس) ییاکھ اکھ پرٕد چھُ دپہٕ نھان .... نہٕ اکی آنہٕ چھُ سکون واضطراب باوٕن مُپل سپدان .... نہٕ موٕ سے سعید رحمان ڈار چھُ (یہ دُنیاوی ڈراما چھُتھ) عاشقن گرٛھان ۔ تسُ چھُ معرفت وَلان نہٕ اُتھی عاشقس عالمس منز چھُ ڈیتن شش رنگ ونان"۔

راہی چھُ تنقیدی دوٗنہٕ ڈگوشہٕ ستی باتُس روٗحانی ڈلیُت کران

مگر پنُ چھُ اوم پزنس کیا کھسہ۔ "کیا لیو کھتم قلمن" کین ترپن لفظن اندر چھ
کنہہ پیٹھ مانتھر زہ یم چھ اوت تام کین پانژن بندن (ژ تجھن مصرن)
ہندس لولہ لہجس تہ تابدار رومانی احساس تہ جذبہ دوہ تلاونکس تاثیرس
اُچھ ٹینٹس منز بھیش دوان۔ راہی صابن ذاتی باس تہ تاٹکہ ٹھرے
ماچھ کانہہ علمی دلیل تہ حجّت۔

بانہ چھ ٹاکارہ پاٹھی اکھ وبدآکھ غیر دکلامی۔ اکھ ذکر زمنانہ چھ ونان۔
" دیہس دلہ مزر جامن تنہ۔ سپد میٹے سنتی ہم بنز۔ مگر تہ وننہ چھم گال
گرہان۔ میٹے کوٗر پنن لولہ نارن اندری سوٗر۔ میٹے اوس کیا بہ
لانہ لیکتھ"___ محض یہ وننہ سنتی زہ میٹے اوس کیا بہ لانہ لیکتھ (کیا لیو کھنم
قلمن) چھا دِلہ ناز اذکار بنان؟ ہر کانہہ کاشر زنانہ چھ پننی داوہ پداد
باوتھ پزنس تقدیرس وَدان۔ ساُنی لولہ شاعری چھ امہ سنتی برتھ
بلکہ چھ پیچ تنی یادِ ے لانی گراو ___

کاوس اتھ چھس شیچھ سوزآنی    آلو چھنہ بوزآنی بے
داوس لاجس اندے لانی    (مہجور)

کہہ زانہ کس کیا لیو کھنے ذات    اذلنی اچھر کانسہ ونہ آے نو
رحمان ڈار چھے منز مارتن    (رحمان ڈار)

"میٹے اوس کیا بہ تقدیرس" (کیا لیو کھنم قلمن) تہ اکہ لٹہ وُچھس بتہ (واہ
وُچھن صوٗرتن) چھ دوہ لوٗے زنانہ دادہ بدادکی زہ روخ ___ "میٹے تہ
نس چھ عمرہ ہنز ملوٗن، سہ چھم ساتہ ساتہ اُچھن تل، ہی وقتن نزآدلس

ژُھتھ، موءے نام آم چھپنان، سُہ چھُم نو نہٕ گڈارہ کران۔ ووءنی چھُم اکوے
ناوس اکہِ لٹہٕ وُچھِس بُتھ۔" یم دوہ لوءے مصرعہٕ چھہِ باقہٕ کین باقے پانژن
بندن عستی خیالہٕ تہٕ جذبہ رنگی نتھٕ کنی ہم آہنگ زِ ہ شش رنگ چھُ اکھ
اکائی بنان اگرچہ وُژلس اندر چھہِ پرتھ بند بجایہ خود اکھ الگ اکائی آسان
بآتھ چھُہ اُتھی" واہِ ہ وُچھِہن صورتن" مصرس پیٹھ اندوانان۔ داہِ ہ بدائس
چھُہ اُتی نے اَند لگان ـــــــ اُتہٕ اودچھَہ مشرقی رسمہٕ پالن، "لیکھت" یا
شاعرسُند دستخط۔

راہی صابس چھُ "کیا لیو کھنم قلمن" پتہٕ ترمیس کردار سُند دُژ لوت گژھان۔
حالانکہ بآتھ چھُہ اکِسے کردارسنٛز بڈہ ہٹہٕ خود کلامی، یعنی بیہ زنانہٕ کردار۔
ـــ امی لحاظہ چھ بآتکی فعل ( VERB ) تہٕ ماہِ ہ۔ "جھنن بہ مآرس موءے آم چھپتن
مصرس اندر نہٕ چھُ باقی تمام مصرن ہندی بآٹھی فعل (VERB) ماہِ ہ تہٕ بیہ کردارتہٕ
چھ سوءے اوت تانچ خود کلامی کرن واجنی زنانہٕ۔ خبر راہی صاب کمہ
مانشھرہ چھُ "مآرنس" لفظہ کس مادہ فعلس (مورنس نہ فعل بنآونہ) "مس چھوت"
رحمان ڈار بناوان۔ دَن دِیہِہ بآتک بیہ زنانہ کردار چھ رحمان ڈار پانہٕ۔
تیلہِ چھہ نظمہ اندر زٕے کردار۔ بیہ عاشق (رحمان ڈار) تہٕ گینہ ماشوق (خدا)
مگر راہی چھُ رحمان ڈارس ترمیم کردار وتان۔ گو بآتہٕ نشہٕ بدون شخص ـــــ
شاعر یا لیکھنہ۔

یہے کتھ ہیکو پتھ کنی نہٕ وُنتھ زِ ششن رنگس اندر چھُ شاعر اکس عاشق
تہٕ ماشوق جوڑہ ہنز رُومانی (دنیاوی) کتھ وُنتھ روحانی کُنہن گژھان

یتھ کنی یوسف زلیخا، شیرین خسرو، لیلیٰ مجنون رومانی داستانو پیٹھ کینہہ شاعر روحانی مانہٕ چھہ یوان۔ گوشش رنگ بطورِ بأتھ چھہ رومانی مگر مانہٕ پشرے کنی چھُ صوفیانہ یہ سہ رحمان ڈارن یا رحمان راہی ین کرمژ چھس

## طوطہٕ بنامِ ہأر

رفیق راز صأبن تہٕ چھَ "شیرازہ زبان ناد" یَتہٕ لس مضمونس منز یہ سام ہیژمژ:

"راہی صأب چھُ پوٗرہ نظمہ ہُند وِدا آکھ لہجہ تہٕ اَتھ لہجس تحت ورتاونہ آمتی لفظ نظرانداز کرِتھ، زیادہ پہن اکس صوفی سندس اکس چھرا بیانس (STATEMENT) ستان ۔ عأرتن چھُ رحمان ڈول معرفتن تے اشش رنگ دوٚن دفتن ۔ یہ شار چھُ شش رنگ کس شان نزولس متعلق چھرا اکھ بیان ۔ راہی صأبس نشہ چھُ چونکہ شاعر سنز شخصیت اہم نوٚے چھُ تموَ نہ صرف شاعر سندس بیانس پٹھ کرمژ بلکہ چھکھ اَتھ بیانس شش رنگس ستی واٹھ دِوان دِوان کأشرِس گبون دآلی (غلام محمد صوفی) سنز تان ذکر کرمژ"[6]

---

[6] شیرازہ جلد ۱۵ شمارہ اکھ ۱۹۷۸ء ۔ راہی صأبن ہین محاورن پیٹھ بأتک روحانی فضا کو نکنیج کوشش چھہ کرمژ، تتھ تہٕ چھہ راز صأبن نظر نزاومژ۔ گلشن مجید صأب تہٕ چھُ راہی صأبنس یتھس تنقیدی وطیرس متلق لیکھان ۔ "بژھو حرفن وستی ہیکو اسی صابر صابتی ژاکھ، نازکی صأب ہنو زبا عبو کھوہ نہ زیادہ بہتر ثابت کرتھ" (واد شمارہ ۸، جلد ۲، ۱۹۸۷ء)

نقاد سنز کام چھُنہٕ اکھ قأری تاشوقہ جمالیاتی تجربُک تا بدار حظ تُلنہٕ نشہ
پیٚتھ رٹُن تہٕ اکہ کیٚنہٕ معرفتُک مُشک دِتھ نِندرہ ساوُن۔ پانہٕ چھُن اکِس جایہ
وٚنمُت ـــ "عام طورٲوس رٕسمی پأٹھۍ دۄیِکس نارس پھیرِ دِتھ تہٕ دعن
مِیٚل گرٛھنگ ہاوس کٔرِتھ پانہٕ حُسنچہِ فنأیی ہیٚتھ دُہی تہ ولے سپدان
تہٕ تصوّفُک دُرُن ہیٚتھ نِندرِ کھسان" ٥ تہٕ پانے چھُہ شُشن رنگ چہ
مہجورٕ کردارٕ زنانہِ ہندس دۄیِکس نارس تہٕ مِیٚل گرٛھنکس ہاوس تصوّفُک
دُرُن تراوان۔ تعجُب چھُ یہ زِ یأتکی کینٛہہ لفظ تہٕ محاورٕ ٹُلتھ (مثلن ہاررٕ تہٕ
طوطہ) چھُ وننہٕ آمُت ـــ "یمن لفظن تہٕ محاورن چھُ جنسہٕ کھۄتہ زیادہ
معرفتہٕ سعتی واٹھ ...... جنس چھُ پتہٕ وَتھ معرفت چہ باوٕ ژھُنڈ اکھ
سٔٹھے اہم بلکہ بنیأدی میڈیم یانے وسیلہٕ رُودمُت" ٥ یُدوے یہٕ

---

٥ مارکسی تنقید کیا گو (کونگ پوش مئی ١٩٥٢ء)

٥ یِس جایہ چھُ وَنان۔ "صوفیانہ شأعری ہنز اکھ نمایاں خصوصیت چھُ تمیُک لولہٕ
انداز... لب ولہجہ زن آسِہ مجأزی مگر کتھ چھِہ اَتھ منز حقیقتٕچ ہنزے آسان... اَتھ برعکس
چھِہ حبہ خوتونہٕ تہٕ تہندہ رنگہٕ کین باقی نمایندن ہُند عشق تہٕ بنیأدی طور زمینی تہٕ حُسن تہٕ"
(قدیم کأشر شاعری ، شیرازہ اگست ٦٦ء) گۄڈٕ بوزو وچاٹھ۔ اکس انجمن چہ ادبی مجلسہ منز
میٚلہ کاہہ شأعر غزل پرِہے اکھ حضرتا وس بُتھ نۍ کرأوِتھ وَنان "اَتھ منز چھُ کیا غنأییت"۔
مگر مِیٚلہ رٲہی صأب پرِہے، اُچھن چمک أنِتھ اوس وَنان "گیہ غنأیتھا" یی چھُ رٲہی صأبن
تہٕ کورمُت۔ حبہ خوتونہٕ ہُند لولہٕ لبہ لہجہ "مجأزی" رحم صأبُن لولہٕ لبہ لہجہ "حقیقت"۔
اَتی چھُ نَنان رٲہی صأب چھُنہٕ مۄلی نشارہٕ کھادان بلکہ چھُ شأعرو چھِنتھ شارن مانہٕ بُشراوان

صحی مانو تیلہ چھا ہارہِ تہٕ طوطہٕ سِتہٕ وبیلہ مین شارن صوفیانہ مانہٕ ژارُن؟

طوطہ وۄلنس۹ بہ چانی امارے لو — سوزدل میون بوزونہارے لو

چھُس وۄدال تتی مے پیارے — مارمتی دل کوٚرم نارے

طوطہ مینے دۄ وُم ہارے — (مہجور)

ہارے نہاوکنکن تہٕ لولو — زارمیانی طوطس ونتہٕ لولو

خوتن اوٚش چھس ہاران دارے — موتُن مس ما چادم کا لے

طوطُن دۄ دچھم ہودون ہارے — (رسل میر)

کانہہ محاورۍ۱۰ یا لفظ چھُنہٕ "جنسہ کھوتہٕ زیادہ معرفت سۭتی وابستہٕ"۔ یژھہ لفظہٕ شمارِ ی چھُنہٕ سپنہٕ مژ نو پتہٕ میزان کیا دوزہٕ کمہٕ ہارہٕ تہٕ طوطہٕ پژھ مس قلندر تہٕ کمہٕ چھَ یار باش؟ کیٛنہٕ بیٛہ وُچھوزہٕ تمن بولہٕ نادن وول چھا صوفی کیٛنہٕ لولہٕ شاعر؟

شاہ نتقید وزہ چھَ یہ اہم کتھ ژیتس نہاونی ضروری زہٕ باضے چھُ پتہٕ سپدان زہٕ اکھ تا شوقہٕ شاعر ہرگاہ کانہہ بالافطری تجربہ پراوان نہٕ چھُ، تمی سنز بادتھ تہٕ لفظ ژار چھَ روٗمانی چالی دوزان، یمیک سُہ عادی پژھ آسان۔ تیتھے کنی یدۄے کانہہ صوفی شاعر چھوٚن روٗمانی باتھ نہٕ وَنہ، تمی سنزہٕ بادژ پیٹھ دونہٕ صوفیانہ ترایہ گرایہ ہندے اثر۔ اوکنی شو بہ تہٕ لفظن ہندس مابازلس

۹ "دوٚل موقتن" ترکیبہ اندر چھُ راہی صابن "دوٚل" لفظس کم مانہٕ گتھ دتی ہتی۔ مہجورن تہٕ چھُ یوٚہے لفظ ورتومُت، خبر اتھ کیا میٛون وَنہٕ؟

۱۰ باقے محاورن تہٕ چھُن محاورٍ آتی مراد بدلہ سوٚنھری مانے نیٛہتی۔

اندر تہٕ غلط پأٹھۍ وَلنہٕ یِتھ مانہٕ بٲم کھیوٚن۔

شاید یہ اشارہ کرُن راوِہ نہٕ یِزہ اکھ رۄمانی شاعر تہٕ ہیٚکہ "صوفیانہ" وٕنِتھ یعنی مزاجہٕ تہٕ خیالہٕ رنگہٕ صوفیانہٕ بادبآوتھ ہرگاہ شاعر تخلیق وِزہ تسنزِہ آگاہی ہُند آ گُر کانہہ بالا فطری کاٗفیت آسہ رۄزان۔ تیتھے کنہٕ ہیٚکہ اکھ صُوفی شاعر تہٕ "شوٚد رۄمان"۔ یعنی مزاج تہٕ خیالہ رنگہٕ زمینی لولہٕ باو، کُنہٕ انسانی اَندرٕ چہِ یٹھی کُنہٕ کاٗفیژ کنہٕ بأوِتھ۔ اَوکنہٕ پزِ نہٕ شاعر وُچھنہٕ تہٕ شارن مانہٕ آپراونچہ بُلی تھپہ دِنہٕ۔

بس کأنسہ شخصس تہٕ صوُفی ناوہیو، تمس چھُ خأہی کرتھ عارفانہٕ مانہٕ پُشرِے سپدان خاہ تمی کوٚ یہٕ آسہ نیچی عشقہ باوتھ کرمژ۔ ہرگاہ رآہی صأبس تہٕ شش نگس عارفانہ ناگبی آس ہیٚنہٕ۔ گوڈہ پیٹھے گژھس سوٚے نظر تراونی اَتھ کیاوٕس "کیا لیوٚکھنم قلمن" لفظن تام پرأن۔ یتھ کنہٕ صمد میرنس "ویسی کار مشکل بار گوٚب گوم" بأتس صوفیانہ مانہٕ پُشرتہٕ چھِنہٕ کرمژ۔

> "باطنی مطلبس تام واتنہٕ چھُ پنن پنن ہُر لیلہٕ پأٹھۍ چھُ وَننہٕ
> یوان، کور گیہ روح آدم، مالین گو ایزدی وصل، وٲرو گو
> عالم مجاز، اوش گو مرشد، ہش تہٕ زام گیہ مرشد سندی مطالبہٕ!
> نوسہٕ کتن گو ریاضت، موہ کپار گو ترک دنیا کرُنگ سوُن سوٚن

گو دوگنیاوُک باس"

دراصل چھ اُسی تصوّفن تِتھی تل اُنی ہتی نہ پڑ یتھ لفظس تہٕ محاورس پیٹھ چھ گوڈنی تمہِ کی گمانہٕ گژھان [11]۔ خبر اَسہِ کو ہٕ چھِ تاشوقہ شارن۔

حظ لگان ثُلُن۔ فارسی شاعری اندر چھِنہٕ تصوفکی ژھابہٕ گتی او کنی نہٕ ہ نتیوک ہر کانْہہ شاعر کیا چھُ صوفی بلکہ یہ چھُ محض تہِنْدِ مزانٕہ بنیومُت، بہ قول حافظ شیرازی سے سٕہ ماہ مے خور و نہٕ ماہ پارسای باش

لفظن مانہٕ آپراونکہٕ اُمہ بے گنڈ وطیرہ کنی ہیٚکہ حبہ خوتن تہٕ بُڈ صوفی باسے ثابت سپدِتھ۔ چنانچہ غلام محمد حنفی چھُ وتان سے سعہ عارف، عارفن منز سرکشیدہ تہٕ شاہق چھِ لیکھان سے یکی عارفہ بود صاحب مقام۔ چپادہ کرہ میون مالنو / چھنا مالنہ دہن گذآری / ژہ کمیوسعہ نہ میانہ / بیترِ ہم باتن اندر نہٕ چھُ مالین، وآریو، ہش، زام، بندر، اوش، سون بیترِ سعے لفظہٕ وَرتن یتھ صمد میرلس باتس اندر راہی صابن روٗحانی مانہٕ چھُ کڈمتی۔ [12] ہرگاہ تنقیدک معیار ( CRITERION ) یوٗہے ہمو، تیلہ کتھ زَن وَنو اُسی "لولہٕ باتھ"؟ امدزگرن باتھ چھِ سے

سٚئے زذُر یاونہٕ ہرے ژام     کوٚنے ولیسی دلبر خبرے آم

پاران پاران دونٚم شام     کوٚنے ولیسی دلبر خبرے آم

یس یار ہیٚیہ دوٚرنس گژھ تنہٕ سوٚر

---

[11] یہ چھُس نہٕ تصوفس منکر مگر میانہٕ تصوفک تصورٚ (دیتھ یہ "دینی تصوف" وتان چھُس) چھُ بلکل میون

[12] وہ زما چھُ کانْہہ لفظ یا دُنتُ معرفت سیٚے عہ تنیو زیادہ یہن والبتہ

وس نارہ ژاَجنم گوم نے رام کونے ویسی دلبر خبرے آم

اَسہ وُنہِ حوٚرے، مسہ دُنہِ موٚ رے

کھسہٕ وُنہ لوٚڑے شرنے درام کونے ویسی دلبر خبرے آم

رشکہ میر شکاری، تشنہ کاتیا ماری

عشقہ تیرہٕ دل تہٕ سینہ کتھ درام کونے ویسی دلبر خبرے آم

بسَ بتہ موٚت گوٚ، سُہ چھ پہٕ زن دوس

تس احد زرگر سوزان سلام کونے ویسی دلبر خبرے آم

ہرگاہ یہ صوفیانہ کلامہ گو تہٕ روٗحانی مانہٕ ہیموس ثابتی، اسل میرُن یہ باتھ کتھ گیچہٕ گنڈون[13] ؟

زولہ چھم نہ کرنس لولہ پیکرے ولہ ویسی ونتس کونے آم

لولہ نارہ زولنم سینہ سوندرے دَرہ مالاجنس کیا بہ چاو

بسَ دَیہ دآنج سُہ ہتہٕ مادرے دَلہ ویسی ونتس کونے آم

مسَ دِتھ کرنشَ کوٚرہ بابرے حبہٕ ولسہٕ آولس کس کرہ گراو

---

[13] راہی صاب چھُ اکس جایہ لیکھان — "کُنہِ کُنہِ چھ اسل میرن تہٕ صوفی شایرن ہندی یا تھی تمثیل کاری ہندی دَم دِتی مِتی مگر زانن وآلی چھِ زانان زہ یہ چھُ محض اکھ بٔرم" — (جدید شایری تہٕ واتنیارُک مسلہ) یہ فتوا چھُ عجیب۔ ہرگاہ لولہ شایر پنُہ نہ آیہِ تصوف دَ تہٕ، سُہ چھُ بٔرم تہٕ ہرگاہ صوفی شایر تاشوقہ رنگہ جنس دَ تہٕ، سُہ چھ عآن عرفان۔ گوڈہ یہ کُس تنقیدی اظہار گو "زانن وآلی چھِ زانان"۔ یہ گوا اسل میر اوس زنانہٕ یوٚژ (ظہرا) سُہ کتہٕ ہیکہ صوفیانہ تجربہ کرتھ تہٕ باوِتھ؟

صبا یہ گوم کرتھ پوشہٕ شہٕ ٹھرے ‏ ‏ دلہٕ ولیسی ونتس کوسنے آم
عشقہٕ تیر لو ینم بے خبرے ‏ ‏ کمہٕ رشکہٕ ونس یم تیر تراو
مرٕہ ناسُہ تہٕ لیس عشقہٕ تیر تیمے ‏ ‏ دلہٕ ولیسی ونتس کوسنے آم
رسٕل تس یارہ سنزہ لولرے ‏ ‏ وطن ترٲو تھٕ وتن دراو
سنہٕ چھُس جگرس کیاہ کرے ‏ ‏ دلہٕ ولیسی ونتس کوسنے آم

بیتھے پاٹھی تلون میہجو دُن غزل ہمیک گٕژھ ڈُچھہٕ ـــ

دلارامہٕ ذل تمبہٕ لاوٕن رواچھا ‏ ‏ گل اندامہ گل ژھایہ تھاوٕن رواچھا

تہٕ اتھی سٕتی پرٕ ون احدٕ زرگرُن جوابی غزل ـــ

یہٕ دوس آر وِتھ راو راوٕن رواچھا ‏ ‏ یہٕ یاوُن ییٚن سٕتی چھاوٕن رواچھا

دِوہ لوٚنے چھِ کلہٕ نٔہ لولہ باوٕن ہنز وَکھنے۔ دوہ لوٚنے کیاہ نٔہ مالوٗکھ نٔہ "لولہ بٲتھ"؟

رحمان ڈارنہٕ لیکھتہٕ سٕتی گمراہ سپدتھ ما ہنو اکھ زنانہٕ لہجہ وبدِ اکھ بٲتھ صوفیانہ۔ ادٕہ چھُ اُمی یہ کانہہ رُوحانی تجربے کوٚرمُت، مگر بٲتس چھُس جنسی لہجہ تیوٚت پیٹھہٕ ہنہ زٕ ہ یہ چھُ چھرا اکھ "لولہ بٲتھ" موٗ ژوٗمت۔ یہ کتھ آس میٚنے پنہٕ نس تبصرس منز نہٕ وَنُمٕژ، مگر لوٚن سطرن اندر وٕژھنے نہٕ آسنہٕ کنہٕ چھنہٕ راہی صاٮ۪بس پلہٕ ہیمژ۔ تمی چھُ لیوکھمت۔ "ممکن چھُہ کامل صاٮ۪بس آسہٕ جنسس تہٕ معرفتس دوشونی سٕتی اکی آنہٕ برابری یوان"۔ اکھ فارسی شار چھُ ـــ گرچہ پیرم تو شبی تنگ در آغوشم گیر / تا سحر گہہ زکنارِ تو جواں برخیزم۔ یہ چھُ اکھ مٲدی مٕژ ند تا شوقہ شار لیٚس اکھ لطیف ادبی احساس

وزنآ دنہٕ جمالیاتی آنند چھُ بخشان ۔ یہ سروٗر چھاوُن چھا گوہ ناہ؟ یہ کیازہ لگہٕ اُتھ صوفیانہ مانہٕ ژھاڈنچ ژھرٕ؟ شاُرک حظ چھا صوفیانہ مانہٕ بس اندرٕ پہے؟ صوفی وَنہ نا (کُنہٕ اَندرٕ ٹہٕ کنی) ژھوٗرنا شوق؟ تتھ کیازہ چھُ جنس تہٕ معرفت ملناوُن لابدی؟ میٚنے چھا گوہ ڈنی بآ تگ شاعر ژھارنُ اَدٕ تتھ مانے ژارُن؟

ہرگاہ شش رنگس اندر ہجرک اضطراب تہٕ وصلک امار اکھ استیارہ مانٕتھ، صوفی مانہٕ پُشرن کروس، یوٚہے استیارہ چھُہ لولہٕ بآتن اندر تہٕ وزناو تہٕ آمُت ۔ تتہٕ کیازہ بنیوس یہٕ روحانی مانہٕ مُراد؟ کنہٕ وَنِن دول شاعر چھُنہٕ صوفی ہرگاہ شاہ قلندرن تاشوانچہ کس تام مہتابہ متلق گیوٗن لہر تراوِہ ؂

منز تاشوالس ماشہ مار تھ چھم پانس تے
شری باشہ مے کر عاشقن ہیٚنٛھ چھےنا
اشارہ عشقُن شاہ قلندر ہشارس نے
مہتابہ میٚنے تاب کر ہیم دیوالس نے

اُتھ وَلواجنسس تہٕ معرفتس آڈرن تہٕ مہتابہ ہندی کنہٕ عالم حقس سیتی لین گرُھن؟ ہرگاہ رسل میرامی تاشوانچہ کس تام مالہٕ متلق گیوٗ ہِ ؂

| | |
|---|---|
| تاو چون ماٚلی | موم ختے مالی |
| مشہور وزنا شوانہ | چھکھ جان جانانہ |
| رسل چھُ عاشق | ژ بیٚنے پیٚتھ بلاشنگ |
| روزنس مہربانہ | چھکھ جان جانانہ |

یہ گوا "زانن وٲلۍ چھِ زانان" نہ رسل میراوس مالہِ اندرچھ برٛژرٛزان؟
راہی صاب چھُ وَنان "صوٗفیانہٕ شاعری ہٕندِس اَکِس بٔڑِس حصَس پیٹھ چھُ
لولہٕ شاعری ہُند گُمانہٕ گژھان (کھوٹ ص ۱۱۰) گُمانہٕ یوت چھُنہٕ سپدان سوٚ چھَے
لولہٕ شاعری۔ ہرگاہ شاعِر طریقچَس پیٹھ تھاوون اَتھ ہیکہٕ وِے نہٕ صوٗفیانہٕ وَنِتھ۔

## سنگ برافلاک

بَتہٕ لِس تبصرس منز اوٗسُس یہ "رحمان دوٗل معرفتن" بجا یہ "معرفت وَنان
رحمان" لیکتھ گومُت میہ بُل چُک اوس اَوکنی نہ شش رنگ بٲتس عہ ستی
اوس (دُچھو صوفی شاعر) میٚنے برونہہ کَنِہ اَمہِ عنوانک اہندرے بیاکھ بٲتھ
بے خیالی منز گوس تی لیکتھ نہٕ راہی صٲبس آو طنزک موقہٕ۔ بہرحال اَمِچ
چھنہٕ فرق پیوان۔ معرفتُک کانہہ تہٕ "ہور کاد" لیکُتھ ہیٚکہ نہٕ یہ بٲتھ وَنتراوِتھ
راہی صٲبن چھُ دوٚمُت زہ تمی لیوٚسہ رائے شش رنگ نظمہ ہندس آخری
شارس متلق اکتوبر ۶۴ء اندر وُنا ولی منز قٲیم آس کرٕمٕژ۔ کامل صٲب چھُ
تمی رایہ "صوفی شاعر" کتابہ منز پَتہٕ لِس تُند فٲصلس واتو ومُت۔ مون
یہ چھُ صحی۔ کانہہ تہِ ہیکہ کٲنسِہ ہنز رائے پانناوِتھ ہرگاہ سوٚ تَس وبہِ پشرٕ
بتھ کنی راہی صٲب کینژن مغربی نقادن ہندِین خیالاتن ولو ہارکران
چھُ۔ بَتھ کیا ضرورت پیوٚ وامُس میاَنس نَوٗ سطری تبصرس خلاف ترٛوٲہ[۱۳]
وِہری مضمون لیکنہٕ میٚنے ہیدُن نہٕ گیلُن۔ میون قصوٗر چھُ، اُہندی وَننہٕ
مُطٲبق، یُنے زہ میٚنے دُہرٲو اُہنزٕ رائے۔ نیلہ چھا اُمی یہ مضمون لیکنہٕ یانہٕ
سے ہیٚوڈمُت نہٕ گیوٚلمُت۔۔۔؟

سنگ بر افلاک دادن، روئے خود شکستن است

## اَڑ پئی قافیہ

راہی صابس چھَ بیاکھ غلط فہمی تہٕ یہ سہٕ کیٚنژن طالب علمن گُمراہ ہیٚکہ کرِتھ۔ اُمی چھُ عبدالاحد آزادس کتھ دٔرٕٹان لیوٗکھمُت:

"تس چھُ باسیومُت زہ نظمہِ ہِندِس کانہہ بَند چھُ ہم قافیہ آٹھن مصرن پیٹھ اندٕ واتان۔ حالانکہ یتھ کنہِ تہٕ ژاپن، دپن تہٕ پَن پانہٕ وآنی قافیہ ہیکوک گنزرِتھ، تتھِے کنہِ چھینہ عالمن، سمن تہٕ قلمن تہٕ صحی قافیہ، نہٕ چھ ساتَن، ہِتن، صوٗرتن تہٕ دَفتن پانہٕ وآنی ہم قافیہ۔ آزادٕن یہ بَلُن چھُ دراصل شش رنگ کہِ قوٗتک ٹاکارہ ثبوت۔ یمہ کنہِ یہ ظٲہر چھُنہٕ روزان ز یا یہ نظم چھا ضابطہ پاٹھی علم عروضس تہٕ قافیہ بندی ہنز پابندی دِتھ لیکھنہٕ آمٕژ یا نہٕ۔ یتھ کنہِ چھُنہٕ روزان ز آزادٕن کیاہ اوان کِنہٕ نہٕ"

آزادن چھُ شش رنگچ چھراذ کرِ کرمِژ۔ لیکھان چھُ ـــ "دمان ڈار کی ماچھ تُلراور شش رنگ دو مشہور نظمیں ہیں۔ اول الذکر شہد کی مکھی کا مکالمہ ہے اور شش رنگ کا ہر بند آٹھ ہم قافیہ مصرعوں پر ختم ہوتا ہے" مگر راہی صابن چھَ قافین ہندیں اَن ہِشرس تھپہ ژھنِمژ۔ دپان چھُ ژاپن، دپن تہٕ پَن، ہیکوک تہٕ قافیہ گنزرِتھ۔ مگر یہ اظہار چھُ موٗلی غلط۔ اصلی قافیہ گو لفظُک آخری اَچھُر (حرفِ روی)۔ یمن منز چھُ نوٗن (ن) قافیہ تہٕ یم ۔[1]

---

[1] مثلن شانَن تہٕ بامَن چھینہٕ ہم قافیہ مگر شانَن تہٕ شیٖن یا بامَن تہٕ دمَن چھِ ۔

ہیکوک بلکُل صحی قافیہ گنٛزرنہٕ[15] دوٚنی ہرگاہ راہی صابُن مُراد چھُ زِ ژاپن
لفظس اندر چھُ الف تاسیس وَرتاونہٕ آمُت، یہ گوٚڈہ نیلہ پرٛتھ لفظس
اندر یُن لٲزمی[16]. یہ خیال تہٕ چھُنہٕ صحی. الف تاسیس ہرگاہ سارنٕے قافیہ ٹُکرِ
وَرتاونہٕ آمتین لفظن آسہِ، ہیوٚ ترمندی چھَ، آسہِ نہٕ کانہہ نُقص تہِ چھُنہٕ
ہنِھے پٲٹھی ہرگاہ آخری اَچھرہ برونٛہِ اعراب مختلف آسن مثلن ہِتَن تہٕ چھتَن
قافین منز چھُ گوڈنِکس لفظس کَ اَچھرس زیر تہٕ دوٚیمس لفظس چھُ، چھُ
اچھرس زبَر. یہ چھُنہٕ کانہہ قابل گرفت خأمی. فارسی مثال وُچھو

اے عشق تو با جان من از مبدا فطرت — وصل تو صفائے دل و ہجر تو کدورت
صورت نتواں بست کہ از خامۂ قدرت — پیدا شدہ باشد چو رُخ خوب تو صورت
لے کسوتِ ادراک تو بر قامت فکرت — نے دامن اوصاف تو در دست فصاحت

یوسہٕ خأمی راہی صابن ششن رنگ کین قافین رٕٹ، بلکُل سوے خأمی
چھَ اتھ فارسی بندس اندر تہٕ. دوٚنوی کِس راہ کھوٚت رحمان ڈارس یا آزاد
بچارس. اُردو مثالہٕ ثوہ مبرہ تہٕ وُچھو

---

[15] بحرالفصاحت چھُ وَنان — "قافیہ کا اطلاق نو حروف پر ہوتا ہے- ردف، قید، تاسیس، دخیل، روی، وصل، مزید، خروج، نائرہ- لیکن ان سب حروف کا جمع ہونا لازمی نہیں خیال رہے کہ حرف روی اصل قافیہ ہے اور اسی پر قافیہ منحصر ہے- باقی آٹھ حروف لانے نہ لانے کا شاعر کو اختیار رہے۔" (صفحہ ۲۸۳) [مصنف مولوی محمد نجم الغنی، مقبول اکیڈمی لاہور ۱۹۸۸]

[16] نہٕ گو، مثلن لادن لفظس منز چھُ لام اچھرہ پتہٕ تاسیس الف. اَمہِ الفہ پتہٕ چھُ متحرک دالہٕ اَچھر دال (عربی پٲٹھی دخیل) یہ چھُ قافیس تہٕ تاسیس الفس منزس یوان

ہے کان اُس کے زلف معنبر لگی ہوئی ۔ دیکھے گی یہ نہ بال برابر لگی ہوئی (ذوقؔ)

بولا کہ وہ رات کو اُفق میں ۔ خورشید تھا آتش شفق میں (نسیمؔ)

کہوں کیوں کہ یکبار وہ جل گیا ۔ کف خاک ہو خاک میں مل گیا (میرؔ)

کہ یہ سنگ اُکھڑے یہاں سے ہلے ۔ کسی طرح چھاتی سے پتھر ٹلے (میر حسنؔ)

بہرحال یم آسی یہ آزکو ، یمن کُن "جدیدن" کمہ ہین افر نکھ شوبہ تُلنی عروضچ عامی کو سرچھ اتھ نظمہ اندر ، نیح وصاحت چھپنہ کرنہ آمژ۔ اَتھ بانس چھُ وَثُن بآتن ہندہ ہیو گرُت ، ییہ کِن چھُندن پیٹھ دُنہ کام چھنہ سپز مژ ، یوسہ ژُن اَمہ بلا دلیل عروضی عامی ہنز کھوٹ ہیکہ ہے بنتھ رنگ تہ پیشواز۔

اصل حقیقت چھ یہ زِ وِششش رنگ چھنہ تمہ زولہ ہندہ بآتھ ، ییتھ اندر زن قافیہ پیمآیی ہنزِ تنگنگی کا تہہ اہمیت چھ۔ اگرچہ بند قافیہ (نون ساکن نہ برونہس اچھرس حرکتھ) یعنی دَن ، وَن ، یَن ، کَن ، مَن ، نَن چھس پژ بتھ بندس حُسنے بخشان۔

راہی صاب چھ اغا فل آسنہ کنی لیکھان ۔۔ "خبر یہ بحر چھا[۱] ، یہ مصرہ بندی ہنتھ ، ییہ کاتسہ شاعرن وزنادہ مژ ؟ میانی کنی نہ کانسی ؟" ۔۔ حقیقت چھ یہ زِ وِششش رنگ چھنہ کاتہہ شارادا تھ۔ رنگ گو مولی زثرُن یاسوہ سانزہ لے یوسہ گنڈتھ زوبرتھ ژنہ خاطرے تیار ییہ کرنہ ۔ یہ چھُ مولی

---

[۱] خبر بحرو نہ منزہ کیا چھ راہی صابن مُراد ؟ یہ چھ محض اکھ "لے" یوسہ نہ کنہِ عربی فارسی بحرس کا نہہ زحافہ دناسری وزنادتھ بناونہ چھ آمژ۔

فارسی لفظ ۂتہٕ رٕنگ (ڈراپھرس زیر)[۵]۔ سازہ لَیہ تہٕ نٔژن گتن اٹھ دار بناونہٕ خاطرٕ آسی اتھ عہٕ ستی شادنہٕ گژھنہٕ یوان، یم عام طور اَمی خاطرٕ آسی دَنینہٕ یوان ینٛہ کنی کاتہہ کلاسیکی راگ گاینہٕ ونہٕ[۲] نہٕ ترٕ[۳] بۄہہرٕ پھرنہٕ تھُرنہٕ چھ یوان

رٕنگس چھُ مقامن اندر نٔژلس عہٕ ستی نہٕ تولُق اُو سمُت، یمہ کنی امیُک کم کاسہٕ کلاسیکل نٔژُن آسنُک گمانہٕ چھُ دِوان۔ امیُک اکھ ثبوت چھُ بانڈٕ جشنہٕ۔ کاتہہ پآٹھر کران ییلہٕ رقاص بانڈ (بچہٕ) نٔژان اوس (از کل خال کاتہہ)، تَسُند سُہ نٔژُن اوس مقام بند آسان۔

اَمی "نٔژ نِمِچہٕ" پآٹھی آسہے چہار رنگ، شش رنگ، ہفت رنگ مقام بندی منزٕ گژھنہٕ نٔژنہٕ یوان۔ رنگ کِنہ کنی اوس نٔژنہٕ یوان، تہٕ چھُنہٕ وۄنی معلوم۔ سۄ رلہٕ ابتہٕ چھ ہُٹمژ۔ اما پۄتہٕ بانڈچھ پآٹھرس منزٕ اَنہٕ دیتہٕ دِگرہٕ بینٛہ شام تام نٔژان، اَتھ چھ وَنان زوک تہٕ زاکس اڈُن گو "رٕنگس اڈن"[۱][۶]

---

ش[۴] اُردو تہٕ ہندی پآٹھی تہٕ چھُ رنگ محل بیترٕ نٔژلس گژھنس عہٕ ستی تولق تھاوان۔ مگر میٲن خیال چھُ اَسہٕ چھُ یہ وسطِ ایشیا پیٹھے ینومُت۔ تتہٕ آس نٔژنُک روایت موجود۔ ایرانس اندر آس یژھ روایت کرتام موکلیمژ۔ وِن کوٚپۄت آثار رنگی چھ دُوہٕ گامن اندر دُنہٕ تہٕ مرد تہٕ زنانہٕ یکجا نٔژان۔ (سانہٕ پرانہٕ رؤفکی پآٹھی) ـــــ نٔژان کیہٕ؟ ڈلوہٕ پالُس "بُلی" "یَل" دِوان۔ اَتھ چھ تِم "رقصِ دستہٕ جمعی" وَنان۔ [بحوالہ ایران صدیوں کے آئینے میں ص ۳۸۸ ڈاکٹر امرت لال عشرت، بنارس ہندو یونیورسٹی، ۱۹۶۶ء

ش[۵] امکی پتہٕ آثار چھ رنگہٕ رِوٚن، رنگہٕ راے، رنگہٕ بوٗنی، رنگہٕ ہاوٕنی، "کرٕنی" لاگنی بیترٕ۔ نندہٕ ریشی چھُ وۄنمت سۄ کیلکی گرِگرہ ریشی لاگن / ییتھ پآٹھر لاگن منزٕ رنگن۔

بیاکھ مثال چھ دمباآلی۔ چنانچہ دمباآلی چھ "چرخہ دمباآلی" تشہ بہ وتھہ چبنی
راگہ ہیتھ رنگس اژان۔

اکھ رنگ گیاو آٹھ مصرہ (گتھ) ششہ رنگس چھ ہیتھی شے گتھ اوے پیوس
شش رنگ ناو۔ پرتھ رنگس اندر چھ قافیہ رنگ آمتین لفظن ہنز پوت
آواز یعنی تنہ گتھ (شش رنگس منز واچھری) اہم۔ یعنی زن گوڈنکہ
رنگچ دن، دویمچ ون، تریمچ ین، ژورمچ کن، پانژمچ من تہ شیمچ
تن پوت آوازہ، یمہ ششن رنگن ہندین آٹھن آٹھن مصرن (گتن) اندر
ژزی وزی رو تہ شروتی چھ کران۔ اتھی منز چھ اکھ نغمگی۔ نغمگی ہند پوہے
دل ژھل چھ یدل چالہ شاعری منز تہ ورتاونہ آمت۔ باضے اکوے
ترما تہ لفظ ورتاوتھ تہ باضے شارن اندر قافیہ گنڈنہ آوتھ۔ مثلن سہ

بیہ دلبر مارس برہ ہے پیالہ برہس مالا مال
برہ اژنے دین کتھ برہے کآلی برہ ہے گرزھہ گلستان (رسل میر)
خالے سیاہ تمہ فقہ زبر بالے میٹے گو حالے دگر
چالے لگے طالے وزے دلہ ہوکرے دلہ ہوکرے (احد زرگر)

کہے کال گو ریڈیو پیٹھ کوڑ اکی صاحبن اکھ پروگرام "ہفت رنگ" پیش۔ یُس
شاید او نار کشن رہبر صابس نشہ ژھرتھ آسہ۔ تمہ پیٹھ شنید چھٹ
تہ۔ پروفیسر حاجنی صابن تہ چھ "کاشرہ شاعری" اندر اد اہمہ صدی
ہندس کاظمہ گنے شند رنگ چھومہت۔ یتہ چھ فی رنگ آٹھ مصرہ
(گتھ)۔ گوڈنکس رنگس چھس نار لیے، دویمس مار لیے، تریمس

زارابے تہٕ ژٕدری مس بارایے، تٕتہٕ اچھری پوٚت آوازٕ وٲلۍ نٔژن شروٗع[۲۰]۔
راہی صابنہ حسابہ چھ یمن تہٕ قافیہ کوتاہی، بٕتھہ کنۍ شش رنگس اندرٕ وٕنۍ
مٕژ چھن۔ میٚنۍ تِتھہ چھ نُندہ ڈارکۍ ٹھلیٚن تہٕ حبہ خوتنہ ہندی رنگ۔ یم
دوشوے چھہ "چہار رنگ"۔ پرتھہ رنگٕ آٹھ مصرہ تہٕ قافیہ یتھی
امی پوٚت آواز چالہٕ۔ مثلن حبہ خوتونہ ہندِہ رنگُک ژوٗرم بند یتھہ پٲٹھۍ:

آدۍ آدی ووٚنمے اَز رو تکھنا دولتی یے
چھُے بڑ ما دنیا اکھ دمار و تکھنا دولتی یے
بہ دوا آسہٕس دولت سمساری لایم دُلتی یے
وچھان وچھان حبہ خوتونہ رنگا ووٚننے دولتی یے
نٔنے تانہ تنہ نٔنے تانہ تنہ تنے تا تالے[۲۲]

تہٕ نُندہ ڈارٕنہ رنگُک ژوٗرم بند تہٕ وُچھوٗن[۲۳]:

کژ ہِنیاو لوٚ مبرُ ژھاران تہٕ گاران
تس یمبرزالے
رِندہ وُچھ پہٕ نبرُ شمع ڈیشتھ
پان ہین زالے

---

[۲۱] چونکہ اتھ چھ ژورے بند چھپیے متی، اوکنۍ چھ چہار رنگ۔

[۲۲] گوڈنکِس بندس "لالے للہ وَے"، دوٚیمس "تالے تالہ وَے" ترٛیمس "سوون تامت" قافیہ پرتھہ بندس چھیکرس "تنہ ننہ" سیتی

[۲۳] گوڈنکس بندس "نٔۓ"، دوٚیمس "کلے" ترٛیمس "شیٚے" قافیہ

عاَن وُچھ تٕمۍ لَس حورٕ للہ وحنے
لوٗرٕ منزَرٕ اے
وۆنے یہ رنگ کاٗ ڈھلکی نندہ ڈارن
ژینتو نشنرٕ لے

ازبر وٕتھٕہ ہَتھ وُرٕی رحمان ڈارنہٕ وقنہٕ تہٕ اوسا وُتہٕ "رنگ" ژنگ رلواج، تہ وَنُن چھُ مُشکل۔ باسان چھُ کیتھہٕ نتے کیاہ نام لیہ گنگرا اے چھَ پوٚت آثار کنٛہ موجود آسمژ، یَتھ پیٹھ یم رنگ و ننٛہ اَسی یوان۔ ہرگاہ امیک کانٛہہ تصوٗرٕ ے باقے آسہے ہٕ، رنگ نہٕ آسہے ہٕ کنہٕ۔
آخرس چھُم عرض ؎

در ہوا چند معلّق زنی و جلوہ کُنی
اے کبوتر نگراں باش کہ شاہیں آمد



# ** پرٛون کاشُر تہٕ پرٛۍ بنڈت

کُنہٕ نہٕ مسلس پیٹھ تِیلہٕ علمی رنگہٕ کنھ بیہِ کرنہٕ ہنٛتھ وادکرن واٮ۪لس نہٕ پزٕ نمی آبہٕ قلم تُلُن۔ یَتھ ہےٚ اوٚرِ یوٚرٹسا نہٕ بیہِ ژٕکٕٹِنہٕ تہٕ پتہٕ بیہِ سَتنَے کانٛہہ چھرا ٹسنے آنٛز ژٕرٕٹہٕ زانُن گژھہِ سُہ چھُنہٕ مَنہٕ شوٚد۔

## پوٚتنے منظر

واد ستمبر اکتوبر ۸۷ء اندر چھپیوو غلام رسوٗل سنتوش صابُن اکھ مراسلہٕ" کاشرِس منز چھُنہٕ صحت مندٕ وٚپ وفہ تلان"۔ اتھ منزاوس سنتوش صابن کاشرِ زبانٛۍ متعلق ییتھ کنٛہ مذہبی رنگ دِتھ پیش کوٚرمُت۔

۱ــــ" شاید چھِہ اسی بٹن ہندِس کاشرِس سنسکرت زانٛنہ دِہ دِہٕ کران تہٕ فارسی تہٕ اردوٗ ہُرِتھ زبانٛۍ اصلی کوشُرُ ونان"۔ ۲ــــ" کاشُر چھُ بٹن ہندین رتین تہٕ رسمن ہنٛز زبان"

۳ــــ" اگرٕ نےٚ یہِ زبان لیکھہٕ پرٛہ منز بیہِ تبلہٕ کنھ پانٛٹھی مانٛزن کاشرِ بٹہٕ کاشرِ زبانٛۍ۔

۴ــــ" اگر کانٛہہ لکھارۍ شعوٗری طور پٕرتھ زبان پانٕٹھ وہِ، بیہِ دٲیرا وِتھ زہِ یہ لفظ ہندا گوٚژھہ نہٕ راوُن، تَس وَنوا سُہ چھُ سنسکرتی زبان لیکھان یوسہٕ نہٕ عصری حقیقت چھُہ"۔

## پیش منظر

وادکِس ٲتھی شمارس منزاوس اختر محی الدین صابَن "اَند" لفظس مُتلق اکھ مضموٗن بحثہٕ خاطرٕ دیتمُت۔ تہندین خیالن وادکرٕ تہٕ لیوٚکھ میٚے اکھ مضموٗن ییتھ منز

ضِمنن سنتوش صابنہِ امہِ مراسلچ نہٕ وُنہٕ کتھ مینٛے کرٕ گژھن تام سطرن منٛزٕ
بیٚرِ ییلے ظاہر نہٕ وِنہِ زبانٕچ مُہند مسلہٕ چھُہ اکھ سماجی تہٕ تہذیبی مسلہٕ نٔزِ مذہبی۔ بیٚیون
یہِ مضمون دیُتُو وادٕ اگست ۸۸ءٕ شمارس منٛز۔ بہترٕ ووٚزٕ یہِ کینٛژھاہ مینٛے اتھ متعلق
نٔمہ ووٚزِ لیٚو کھمٕنا وس سُہ تِنہٕنٛدٕ پاٹھی پٔرن تہٕ یہِ کینٛژھا تتھ وٕژھنیہِ خاطرٕ ووٚنی
لیکھہٕ نہٕ برٕ ہکٕن اندر تھاوُن۔ مینٛے اوس ووٚنمُت:

" زبانٕچ مُہند مسلہٕ چھُہ اکھ سماجی تہٕ تہذیبی مسلہٕ۔ کاشرٕ بٹٕو ییلہِ اسلام
قبوٗل کوٚر یِہنٛد سماجی تہٕ تہذیبی پوٚت منظرٕ بدلیوو۔ سنسکرت شبدن
ہنٛز جایہ ہیٚت فارسی تہٕ عربی لفظو۔ نہِ مابٔنہِ یتکی مُسلمان بَنِن دُبارٕ
ہیٚندی، تمدّنی پوٚت منظر بدلہِ تہٕ تِم ہیٚن دُبارٕ سنسکرِتی کاشُر بولُن۔"

[ ییلہِ کُنہِ سماجس، یِمہٕ نہو یا پَرٕ دلو انَھو، جان یا ناکارٕ ژٕنٛڈ پھُنٛڈیوان چھِہ، سُہ چھُہ
تَتھ سماجس بُنٛتھ انہارٕ بدلاوان۔ باضے چھُس پرانی پٔرزنتھ تام مُولہٕ معجٕے مُہنٛتھ
نِوان تہٕ باضے چھُس کم کاسہٕ ژانٛتھ صوٗرتھ بلٕقے تھوان۔ مثلَن اسلام دِیُتو عربستانہٕ تہٕ
ژاو مصر، شام، عراق ہوٚین ڈٕہ بکھل مُلکن اندریمن تِن نِنہٕ زبانٕچ، پنٛنہ رسم خط تہٕ
پنٛنہ تھکنہ لایق تہذیب تہٕ تمدُن آسی۔ مگر یُتھے ہِمو اسلام قبوٗل کوٚر یِہنٛد سوٗرے پنٛنہٕ ون
تہذیبی پوٚت منظر بدلیوو۔ اَتھ حدس تام نوٕ یِہنٛزٕن زبانن تہٕ رسم خطن مُہند رٕووُنہٕ
کُنہِ نوٚم نیال بلٕقے۔ وونی چھِہ یم عرب۔ یوٚہے اسلام ووت ایرانس اندر تہٕ تتکی
زرتشتی، یوٚسہٕ بٔڈ بارٕ آبادی آس بنے مسلمان۔ اَدستھامی زبان تہٕ تمیک رسمِ خط
ووٚت ہکٕہ بل۔ تمام ایرانی قومک تہذیبی تہٕ تمدنی کردارٕ بدلیوو۔ اما یوٚزیم دِرا
مصری، عراقی تہٕ شامی لوکو نِشہٕ اَڈٕہ ژدی تہٕ مُولہٕ زبانٕچ دَنٛگھ تہٕ ازٕ دُس گژھنہٕ۔

زِموٗ وُہرآوی اَتھہٕ تہٕ پننہٕ زبان مالدار بناونہٕ موکھہٕ لگی یِسلہٕ پٲٹھی عربی لفظ ترکیبہٕ محاورٕ بیترِ وَٹنہِ تہٕ پانس اندر شرٕ بپاونہِ ۔ بیخہٕ کُنہٕ آیہٕ اَزٕچ فارسی (دَری) بارَسس ۔

یِی سپُد کشیرِ اندر تہِ ۔ یتینہٕ اوس ہیٚندی تہٕ بود دھرم بارَسس ینسکرت ہٕش باگہِ ئژٕ ژکلا یکی زبان آس سرکاری تہٕ لیکھہٕ پٔرِہ ہٕنز زبان ۔ عام ماجہِ زیوٗ آس کٲشُر ۔ فارٕہِ کاتَس سنسکرتس لَرہِ لوٚریسنہٕ کنہٕ تہٕ پنہٕ نِس باوَن بَلس وُسجاردنہٕ موکھہٕ گیہٕ یہ اکہِ طرفہٕ سنسکرت شبد، محاورٕ، تلمیح بیترِ پننہِ مزاژٕ رٹان تہٕ بیٚیہٕ پاسہ اَتھ زبٲنی ینتی مذہبی واٹھ آینہٕ کنہٕ بنے اکہِ "سنسکرتی کٲشرِ" (ہرگاہ یہ شبد بنآوِتھ ہیکون) نمدُرنچ اثھیون انگ ۔

مگر یُتھے اسلامَن کشیرِ اندر پنُن کھوٕر ترٕ وو یہے آبادی ثابہ امہِ کَسِ دآیِرس منز یِندہٕ یہ سوٗئے سنسکرتی تہٕ دھارمِک پوٚت منظر بدلیوو ۔ چونکہ یمِن نشہِ ووت اسلام فارسی زبٲنی رِکنہٕ (ایرانی تہٕ وسط ایشیائی مبلغن ہندِ ذریعہ) اَدٕ کنہٕ ہیوٚت یموٕ اَتھی نوٕہ سرکاری تہٕ دینی زبٲنی کُن ہلم دارُن ۔ دوٚ یمِن لفظن منز کوٚرُکھ پانے سنسکرتس جوٚاب ۔ امہِ سماجی تہذیبی تبدیلی ہُند نتیجہ ڈلاو یہ نِہ یِے کالکی ہیٚندی تہٕ کاجکی مُسلمان گیہِ سنسکرت زِنشہِ مُچھہِ تہٕ امکہِ شار دارسِم خطِچ تہِ رُونٕکھ ہٕ پآر زنان ۔ یِم کینہٕ ہیٚندی یَنتھ کُن موٗژیے نموٗ رٚوٹ، وُق پٔرٕزِ ناوِتھ ، سنسکرتہٕ بدلہٕ فارسی نالہٕ مَتہِ ۔ اَتھی منز بنے نوٕکنہٕ دلان تہٕ قلم زن ۔ اُسی زَن یُژھ نِہ عراقی ، شآمی ، مصری ، ایرآنی تہٕ کٲشری گرٕ تھی بیہِ پننہِ پرانہٕ زبٲنی بولنی تہٕ زِمے رسم خط ورتاوِنی ۔ یِم یَتھ کالہِ بولان وَرتاوان آسی ، تِتھ چھہ اکآسے وَتھ نہِ یِم مُلک کرن دُبارٕ زِمے پرآنی ثار ۔ یِہی حالاتھ پآدٕ یُتھ زَن تہذی سماجی کِردار بدلن ادٕ ہیکہ نہٕ ممکن سپدِتھ — مگر تہٕ اند یا ؟

"سنتوش صاب چھِ دپان ہرگاہ اُسی بہِ کاشُرِ وَژناوو نہٕ، بٹہٕ کِنھہ
گٔژھ مازَن کاشرِس۔ بہٕ دَپکھ بیٚنھہٕ گٔژھ دینا ناتھ نادم، اوتار کرشن رہبر،
بنسی نردوش، ہری کرشن کول، موتی لال ساقی، ہردے کول بھارتی
بیترِ شاعر تہٕ افسانہٕ لِگار مازان چھِس۔ ہرگاہ بہٕ مُروجہٕ کاشُرِ وَژناوَن نہٕ
بہٕ روزَن نہٕ تہٕ یِم زَن یِم چھِ۔ وَن ہرگاہ کانہہ زمانس روشہٕ زمانہٕ
کڈلِس شری پیٹھو ژھٹھ۔"

[مسلمانَن تہٕ بٹَن ہندِ کاشرِ ڈھانچہٕ چھُ اکوے، زٕ چھنہٕ۔ محض کینٛہہ کینٛہہ دھاریک
کردار وآلی لفظ ییٚنہٕ سینٛتھ چھنہٕ یہ کانہہ الگ زبان یوٚس بٹَن سینٛتھ مخصوص کَروِن۔ بٹہٕ شاعر
تہٕ ادیب یوٚس زبان وَرتاوان چھِ سوے چھِ مسلمان شاعر تہٕ ادیب لیکھان۔ مگر سنتوش
صاب بیٚنہٕ زبانہٕ بٹَن کیٚن لاگتھ "اصلی کاشُر" ناؤتھ رَچھِ کران چھُ سو چھُ کرتام لوکھ
تہٕ دوہہ دِش چہٕ زندگی نِشہٕ ژھیٚنہٕ گامژ۔ سو چھنہٕ وۄنی بٹَن ہندِ دوہ مۄدشچھِ عام کتھ
باتھِ اندر تہٕ سمکھان۔ سمکھِ نہٕ کتہٕ۔ سہٕ اوند پکھ رٔژتس تہٕ نہٕ زبانۍ ہنداوند پوٚکھ
چھُ رنٛچ عوامی بنیاد یوٚس نِتھ پھانچہ لاوان تہٕ اُتھ لاے کران چھِ۔

کاشُر چھِ اکھ زندہ زبان۔ تہٕ دٔپتھ گوو، یہ چھِ اکہِ قومِچ ماجہٕ زیو۔ یہ چھنہٕ
سنسکرتکی آپٹھ چرا لیکھ پیٹھِ اندر بند۔ سنسکرت ناہہٕ وۄنی اکھر ودوان، اکی لکھاری
آسی ہندوستانکِس پرہتھ علاقس اندر، کشیرہ پیٹھہٕ راس کماری تام۔ مگر تمِن سارِنی
آس یہ اَرزٔنی (اکتسابی) زبان۔ ماجہٕ زیو آسکھ پننہ پننہ آبے ہیلہٕ سماجی اندی
اکس اندر اَرزٔنی زبان بدلے (فارسی، انگریزی، علاقائی ) سنسکرت گیہ روٹہٕ۔
ماجہٕ زیو چھنہٕ بیٚنہٕ گٔژھ روٹہٕ گژھان۔ زندہ زبانۍ آسنہ کِنہ چھِ تمن اَرزٔنی زبان بدلنہٕ

سینز نوی نبہٕ دندی تھٕزلان۔ تمہٕ چھہ اَتھ توٚ اردٕتی زبآنی تہٕ شبدٕ و یوٚزٕ تلنہٕ نٕن باوَن بل بیہٕ ہیٚن ہُر راوان۔

دوٚنی ہرگاہ کانٛہہ شینٛز دوٚ ہمٕ شیچہٕ عام زبآنی طلاق دِتھ، سوٚ زبان وَزناوٕ یوٚسہٕ کرنام آسہٕ چھہ مگراز چھنہٕ، سُہ چھہ سٕدی پآٹھی پتھ کانٛس اندر زُوان۔ سُہ یوٚسہٕ زبان وَزناوان چھُہ تتھ چھنہٕ ہیگاہ تہٕ بیپرتھ ژٕنچ کانٛہہ صوٗرتھ موجوٗد تکیازِ کانٛہہ تہٕ زندٕ زبان چھنہٕ اَبدس نام اکہٕ سے لفظہٕ بھنڈارس آوبزٕ روزان۔ لفظ چھہٕ اُڈی زبوان، اُڈی مران اُڈی یوان، اُڈی گژھان، اُڈی بُڈان، اُڈی لوٚکٹان اَدٕ کینٛہہ کنہٕ اکس لفظہٕ بھنڈارس کوٚم کرِتھ روزنہٕ سینز ہیکہ نہٕ سُہ امہٕ فطری اَدلا بدلی نِشہٕ پان بچآوتھ۔ لفظہٕ زنگی یہٕ ژکرٕ پھیرُ چھہ زبآنی ہنٛدٕ زندٕ آسنٕچ نشانی۔

سنتوش صآبس چھُہ وسوسہٕ زٕ سنسکرتی لفظہٕ بھنڈار راوٕ۔ پرٛتھ چیزٕ چھُہ اکِس خاص سمیس تام نینٛہٕ کام دِتھ چھکرس راوان۔ سنتوش صآب تہٕ راوٕ اکہٕ دوٚہہ تہٕ اپین کآمِل نہٕ۔ تمہٕ پتہٕ ادبس اندر چھُنہٕ معنآوس (متروک) گژھتھ کینٛہہ تہٕ راوان۔ کنہٕ وَقتہٕ یوٚسہٕ زبان مُتنآوس گژھان چھہ سوٚ نہٕ چھہ تمی مُسلسل ادبی تاریخُک اتھہیوٚن انگ بنان ژٕمح۔ تمہٕ وَقتہٕ چالو زبان تمٕ تہٕ ماز آسان چھہ۔ صاحب کولن، بھٹہٕ اوتارن لل دیدٕ تہٕ شیخ العالمُن سنسکرتی تہٕ پراکرتی لفظہٕ بھنڈار نہٕ پھیرٕ وانٛس، نہٕ دوٚ۔

"سنتوش صابُن یہٕ اظہار تہٕ شاید چھہٕ اَسہٕ سنسکرتس دِیہٕ دِیہٕ کران تہٕ فارسی تہٕ اردوٕ عربہٕ زبآنی اصلی کآشر وتان، چھُہ وارِہیٚن شخصن ہُنٛد پوٚنٛ آلو۔ پروفیسر توشہٕ کآنی تہٕ چھُہ لیوٚکھمُت —" اَسی چھہ

وُچھان زِ واد، واد، چھِ یِمآنی کٲشری لفظ تراونہٕ یوان یا پوٚنت پلون
سٮ۪نس دآرنہٕ دِنہٕ یوان" (کٲشر ڈکشنری جلد ٧، دیباچہ)۔

[ پروفیسر جیا لال کول صآبن لیو کھ —— "ساننہِ شاعری اندر ہِیوٚ بے شمار کٲشر لفظو
مانہِ ساو یِہ نہٕ اہمیت لبہٕ زِ چھِ تم چھِ فارسی عربی لفظ اَنِتھ مُنساونہٕ (متروک کرنہٕ)
یوان یِمن ہٕندرآپھی چھِ ضروری [١] "(سٹڈیز ان کشمیری ص ٢٣) دینا ناتھ نادم من
"تام وون نہ ہِ پرٕون کٲشر چھُ زآمِتھ مانِتھ تراونہٕ یوان (انٹرویو کشمیر ٹائمز جموں
١٠ اپریل ١٩٨٨ء) ایشور کول ہُندِس "کشمیری شبد امرت" ناوی کٲشرِس گرامرس
یُس سنسکرت پآٹھی چھُ، تہٕ ١٨٩٨ء اندر چھاپ سپُد چھُ گریرسن لیکھان ——
"ہیندِ بن ہٕنزِ زبآنی تہٕ چھُ پٔنُن موٗل۔ یہِ چھِ پرٕینہٕ تہٕ حاکم لوکن ہٕنز زبان یوسہٕ
فارسی چھِ اولو دگی نِشہٕ، روایتہٕ پآٹھی پٔنتھ چھِ آمژٕ رٹنہٕ .... یہِ چھِ زبآنی ہٕنز
زیادہٕ شوٗد صورتھ" [٢]

یِمن کینژن حوالن ہٕنز (بیٚیہِ تہٕ چھِ مگر اَنِتھ آیم نہٕ) ہرتہٕ چھُ یہِ زِ پرٕون
نہٕ شوٗد کٲشر گوٚو وُنِتھ اندر سنسکرت لفظ آسن مگر فارسی عربی لفظ آسن نہٕ۔ پٔزر چھُ
یہِ زِ زبآنی ہٕکن [٢] روٗخ آسِتھ اکھ گو پرٕون (OLD) کٲشر اَتھ چھِ شوٗد
(PURE) تہٕ ونان۔ دوٚیم روٗخ گو آسان (SIMPLE) کٲشرُ یُس تام
پرٕون کٲشر رٕژھِ راوِنکُ نعرٕہ دِنہٕ والین ہندو لُکن چھُ یِمن پرٕزہِ کینژ ہاہ

[١] ١٩٣٦ء اندر آیہ اہندی ففتہ پرتاپ میگزینس اندر یہ "ژینہ وِتی" دِنہٕ زِ یوٚت آسی فارسی
لفظ ترآوِنہٕ شوٗد کٲشر دنا وٕنیوٚت لبہٕ کاشر زبان "پٔنُن مقام" (مقالات ص ٢٣)

[٢] گریرسن سنزِ دیوِ یہِ کنہ چھِ عجیب زِ سنسکرت دار کوٗشر گو شوٗد تہٕ فآرسی دار کٲشر اَشوٗد

نمونہٕ خاطرٕ لیکھتھ ہاوُن تہٕ پٔرون کاشُر وٕنہٕ مٔنزٕ کیاہ چھُہ تِہنٛد مُراد۔ مثلن توشخانہٕ ٹ
صاحبن لیکھیو ڈکشنری سٕنٛز جلدن دیباچہٕ، کینٛہہ مضمون تہٕ چھِہٕ لیکھی منہٕ مگر تمن اندر
ہووُن تہٕ امہٕ پرانہٕ کاشُر یک بُنتھ انہار ییتھ پوٚت پلوٚن سینٛز تراونہٕ یِنک واوِیلا چھُہ
کران۔ پرفیسر جیا لال کولن تہٕ لیکھی کُنہ مضموٚن اَدٕ ییٚتی وٕتھی مگر تمن اندر ہووُن
تہٕ فارسی کڑِتھ سُہ مانہٕ سوو کاشُر لفظہٕ بھنڈار" ییتھ رٔچھی کرٕنۍ ضروٗری چھُہ نا ناں؟
دینا نا تھ نادم صاحبن کر بیٚنز شاعری، اوپیرا تہٕ لیکھمن، نثر تہٕ وَرتوٚوٕن، مگر سُہ پٔرون
کاشُر وَرتوٚون تہٕ یُس زَن لوکھ "زانتھ ماَنتھ" تھاوان چھِہ ـــــ آخر یہ سوٗرے
کٔرکٔھ ادٕ پتہٕ کیا؟

یہ زانٛن چھُہ ضروٗری تہٕ سنسکرت آس تہٕ آرین ہنٛز زبان، تِہنٛز لوہس چھوک
یور آیہ تِہنٛزٕ زبانۍ آو ویدی وٕنہٕ۔ تہٕ لوہس چھوک یران واتِھ، تِہنٛزٕ زبانۍ پیوٚو اوستھانی
ناو۔ دوشوے زبانہٕ چھُہ قدیم آریایی زبانۍ ہنٛزٕ زٕ شاخہٕ، زٕ سُخ بیٚنہٕ۔ اکِس عالم
ہیکہِ بیاکھ تہٕ سہل پاٹھۍ سمجھِتھ۔ مثلن اوستھا ہند شلوک نموٗن" تم امہٕ وَنتم میٚنز تم سوٗرم
مام ہو۔ سُوشتم تہٕرم نیٚراے زوتر"۔ سنسکرت ترجمہٕ سپدِ یس" تم امہٕ وَنتم یجتم سوٗرم
دھام سو۔ سُوشتم منٛزرم یجائے ہوتر"۔ اوستھا یی زبانۍ رُٹ ساٚمی لفظ یا ناو تہٕ پہلوی
ڈٔری تہٕ موجودہ فارسی شکل۔ تہٕ ویدی زبانۍ رُٹ پینی سندہٕ ذریعہ شمس کرت،
(سنسکرت)، زبانۍ ہنٛز صورت لوہس آوازٕ (صوتی) اقبارٕ سُربانی تہٕ ارامی چھِہ، تہٕ
لفظہٕ وٕنہٕ حسابہٕ ویدی، کلدانی، سبایی تہٕ سینایی زبانہٕ ہنٛز ملہٕ مش چھِہ۔ لہٰذا کیا سنسکرت
تہٕ کیا فارسی، نہٕ چھُہ ہہ کاشُر تہٕ نہٕ چھُہ یہ کاشُر۔ امابوٚز دوشوے مُشکا او دوٗن وُکھر
وقتن پیٹھ کاشرِ زبوٚہ ہنٛز لوپنہٕ وات۔ ووو ہرگاہ اکھ کوشر گو بیاکھ نہٕ گونی۔ کاشرِس

منز چھ کیتھہ نے تہٕ ژٕ نجہ فیصد سنسکرتہٕ ہیتھ آمُت لفظہٕ وونُن ونہ تہٕ چلان۔ یُہ ہے
نیرہ ژٕ نجہ فیصد کلہٕ کاشُر زبان۔ فارسی عربی لفظ ہرگاہ شیٹھ فیصد مانوکھ تیٚم کڈتھ کلہٕ
شیٹھ فیصد زبان۔ لفظ چھنہٕ پیہہ تہٕ منگتہٕ انان کلنہٕ باپتھ بلکہ زیادٕ تہہ دار، پلن ہار
تہٕ تیز طرار بننہٕ خاطرہ۔

کاشُر زبان چھہ لسانی لحاظٕ ہٲرِی ہندٕ زندہ مثال۔ امہٕ ژھر آوی تتھ شمہ تہٕ
تدبھو رنگی، بے شمار سنسکرت لفظ تہٕ ینہ پتہٕ مزاکس براہ پانسوٚن فارسی لفظہٕ امبر تہٕ۔
گویا یہ چھہ ہندن تہٕ مسلمانن ہنزِ سرہٕ زٕ زندگی ہنزٕ اکھ ماری ممنز علامت۔ امہٕ
زبانی اندر سنسکرت یا فارسی لفظ بدر کرِتھ کاٹہہ تہٕ آواز چھہ تتھ وُتہٕ بُنلس سال
کرنس برابر یُس موجودہ کاشرِ تمدنی زندگی ہندن تمام خط خالن ملہٕ ڈیریناوہ۔ ییم
لوکھ فارسی لفظ کڈتھ "پنٕزون کاشُر" وننا ونکُ مشورٕ دوان چھ تِم چھنہٕ صرف کاشرِ
زبانی کجراوُن یژھان بلکہ چھہِ وَن زنہ نڈس نٕکھ دیُن یژھان۔

پہانہٕ کاشرِ بدلہٕ ہرگاہ سہل (SIMPLE) کاشرِ نعرہ دِنہٕ ییہ ہے تہٕ تہٕ حق
بجانب اوس۔ بلکہ یہ پتھ قلم کارس ینزہٕ اتھ سنتی اتھ واس کرِتھ ہُنز قلم زیادہ
کھوتہٕ زیادہٕ اتھ آیت تھاوُن۔ مجبور تہٕ اوس ٹھیکنھ ونان زہٕ تمی ونی ۲۰ پرانین
شاعرن ہنزِ گوہ زبانی بدلہٕ سہل زبان۔ تمی چھہ دوٚمُت زہٕ پرانی کاشری لفظ
یم منسادس چھہ گامنی، چھنہٕ دوہ ونا دِ جان۔ چنانچہ اخبار "گاش" کس
دوٚیمس شمارس اندر چھہ "کاشُر زبان" عنوانہٕ لیکھان زِ مادری زبانو۔ باوجود —

"سانی کاشُر زبان ہیچ نہٕ بدلتھ۔ صرف سپز بیٹھرہن زہٕ ہین زبانین
ہندی واریاہ لفظ رلے اتھ سنتی۔ واریاہ کاشری لفظ گیہ نابود۔۔۔۔

مگر وِنی کیٚن نٕم پٔرٚ آنی لفظ ژھینہٕ شوبان ورٚناوِنی ــــ اصلی زبان
گژھ نہٕ"۳؎

سہل زبان ورٚناونک نہٕ گژھِہ نہٕ غلط مطلب نیُن۔ بول چالہٕ ہٕنز یا عام لیکھہٕ پٔرٚ ہٕنز
زبان ییٚژ لوٚتٕ (سہل) آسہِ، تیٚژ روزِ پٔرٕنہٕ تیٚوٚت کرہٕ اژنہٕ۔ مگر علمی زبان ہٕشکہِ
نہٕ کُنہِ پٲٹھۍ نہٕ بول چالہٕ ہٕش سادٕ نہٕ لوٚت وٕسے آسِتھ۔ سو آسہِ ہرٕنگہٕ ژھٕ نشہٕ تھٔز۔ یُمو
علم پٔرٕ وُمُت آسہِ، تمن کرِ آسہِ سو بول چالہٕ ہِنٛدی پٲٹھۍ سہل۔

دراصل ییٚژ انسانَس نظرِ یاش نہٕ آگاہ سو کلان ژھُہ تیٚوٚت ژھُ تس زنگہ زنگہ
باوٕنہٕ مانہٕ کا پُو خاطرٕ لفظن ہُنٛد ضرورت پیوان۔ سُہ ژھُ لآزِمن تِتھ زبآنی مٕنٛز پرٕنان
"رٕمح نس" نہٕ تسندِس سماجس پوٕرٕ نان کآری آسہِ۔ یہے دٔمباز نہٕ لفظٕ ڈکجل زبان ژھہٕ علمی
پٕ ہیچہٕ رٹان۔ نفظٕ وٚونہٕ موکھہٕ امہٕ نٔژھہٕ ٹھوسہٕ وِزٕ ژھُنہٕ انسان یمن یِہٕ نفظن ہٕنٛدِس
نٔونِس گوٚلِس تسان۔ یِہ ژھُہ ژھو رنہٕ آسان گومُت۔ اکھ بوٚ ژھہٕ ہوٚت۔ یہ ہیوی نہٕ نہٕ
بوٚرِن آسَس۔ مگر وانہٕ وانہٕ ژھُہ ییمَن لفظن کُنگنہٕ کھآرِتھ نٔوٚم دِوان۔ یہٕنٛدِس
گرٕنِس، مانہٕ سادٕرِس، خوشا آزی، مزازٕ یمآہی بینٛزِ کَتھن سَنٛن ہیوان نہٕ
ژھَل ہَل دِنہٕ، آڈبن تماوان، آڈبن رٹان، یا مٔولی نٔوی لفظ تھٔران۔ یِتھہٕ کنۍ ژھہٕ
زبان زمانہٕ پٔتہٕ زمانہٕ "تازٕ دم سپدان نہٕ نوٚ برلبان"۴؎۔ زبآنی ہِنٛدی یم بدلوٚنی پِرہٕ ہیچھ

۳؎۔ کاژاہ صاف نظرِ حیس آہِسٕ۔ زہ "اصلی کاشُر" گو امیک بنیادی ڈھانچہٕ۔ سُہ بدلیوو
نہٕ ووٕ پرٚ زبانن ہِنٛدی لفظ انہٕ سیتی۔ البتہ پرٚ آنی لفظ یم منسا اوس گیہِ، شوبن نہٕ ووٕ نی
ورٚناوِنی۔

۴؎۔ یِتھے پٲٹھۍ لیٚس فارسی لفظن ہُنٛد خشارٕ ضرورتہٕ موکھہٕ انہٕ اوس آمُت سُہ گوو وارٕ وارٕ صاف

چھےٚ اکھ فطری عمل ۔

بیاکھ اہم کتھ چھےٚ یہ زِ نہٕ زبانِ منٛز یہِ ژٕھ کیٚنٛژھ یاوُن تہٕ وۄنہ تہٕ پوٚ عمل
چھُنہٕ سماجی تہذیبی کِردارہ بدوٚن ہیکان سپدِتھ ۔ تکیازِ یہِ تہذیبی کردار
چھےٚ اَمِچ شناخت (IDENTITY) بنان ۔ یوہے چھُہ اَتھ نِتھ انہار
تہٕ خط و خال بخشان ۔ موجودہ کاشرِ زبانِ ہٕنز شناخ چھےٚ تمہٕ مین سنن
ہنٛن وۄریٚن ہندِس ادبس اندر لفظن، ترکیبن، استعارن، تشبیہن،
ضرب المثلن، تلمیحن، شارٕ ذٲتن تہٕ داستانن ہٕنزِ شکلِ اندر ٹاکارہ
پٲٹھۍ جلہِ گیر۵ پزٕ ون تہٕ شوٚد کاشرُن گو موجودہ کاشرِ اَندٕہ
زٕم چیز گُڈٕ نتہٕ ، اَمِچ شناخت مسخ کرنۍ ۔ مگر یہِ ما چھُہ کانٛسہِ ہندس اَتھس
منٛز ۔ اتھ ہیٚکہِ سمٲجی وۄنہ تہٕ بوٚہِ نہٕ زِ کانٛہہ فطری عمل بدلٲوِتھ ۔ تتھ
عمل بوہ سہ سماجک تہذیبی کِردارے بدلاوِ ۔ یہِ چھےٚ گۄڈٕ کتھ ]

## ناگری خط

زبان چھنہٕ رسمِ خط ۔ نہ چھُہ رسمِ خط زبان ۔ کانٛہہ تہٕ زبان ہیٚکہِ کانٛہہ تہٕ رسمِ خط ناوِتھ یا
پانناوِتھ ۔ مگر بیلہِ کانٛہہ رسمِ خط کُنہِ زبانِ سیٚتۍ وابستہ سپدِ تہٕ چھُہ رنٛگ شناخت بنان ۔ ہندی
اردو، تلگو، تامل، بنگالی بیترِ زبانن ہٕنٛدۍ رسمِ خط بنیٚ کُنہ تِہنٛز شناخت تہٕ تہذیبی
کردارک اژہ بنٛو انگ ۔ کُنہِ تہٕ شناخت تہٕ تہذیبی کردارس کانٛہہ ژٕ نگ دِین گو نچہ جذباتی

---

۵ ۔ کٲشر ادب چھُہ ہیٚژنہِ کُدی یِن مُند پاداوارنہٕ ۔ یعنی اسلاس سیٚتۍ ردٕٹ کاشرِ زبانۍ
ادبی انہار ۔ اَمی سانہٕ پیٚٹھہٕ لوٚب اَماکھ مخصوص سماجی تہذیبی کردار نہٕ ۔

زندگی کھوژدِ نہٕ خطرناک ہیوٚ دۄہَرس اندر وٚلنہٕ یِوان۔

کأشرِ زبأنۍ ہٕنٛدِ پأٹھۍ چھِ اکھ موجودٕ رسم خط نہٕ امہِ کِن بولن والین ہٕنٛدِ کُلہم تہذیبی کردارک آینہٕ۔ اتھ رسم خطس سہل بناونچ کانہہ تہٕ کوشش ٹلیٚ اَتھ تہذیبی دأیرس اندر سپدِ نیلی گژھِ سۄ عوامس اندر مقبول۔ سانہِ زبأنۍ ہٕنٛد صوتی آہنگ نہٕ چھِ سنسکرتُک نہٕ چھِ ہندی، نہٕ چھِ عربی تہٕ نہٕ فأرسی بلکہ چھُ یمن ہٕنٛز اکھ مِلہٕ مِشہٕ یِنہٕ ذَن سأنِس کأشرِس صوتی آہنگس سیٖتۍ مِثل نہٕ واتھ چھِ۔ سانہِ ٹُلہ آوازہٕ (VOWELS) نہٕ چھِ عربی زبأنۍ اندر تہٕ نہٕ چھِ سنسکرتس اندر۔ بلکہ سانہِ کینٛہہ گُلہ آوازہٕ (CONSONANTS) تہٕ چھِنہٕ یمن دۄشوٕنۍ اندر موجود۔ یہ چھُ سون کأشر صوتی نظام۔

ناگری رسم خط ہیکہِ نہٕ ییٚتہٕ ۹۸ فیصد آبأدی قبول کٔرتھ۔ یہ چھُ اکھ عملی پرٛمہٕ۔ یکیازِ لوکن باسہِ عربی ہیچھٕلے اَچھو نہٕ اَتھو منزٕ ژلان۔ یُس دۄشوٕنۍ بہنہٕ ہٕنٛدیٚن تہذیبی ہُمو تمیٚکر دارُک اَڈٕ ہیون انگ تہٕ شناخت چھُ بنیومت۔ ییٚتہٕ کٔنۍ تامل، تلگو یا بنگالی رسم خط تِمن لوکن ہٕنٛدِ تہذیبی کردارُک شناخت چھُ بنیٚمتۍ تہٕ تِم رسم خط ترأوِتھ ہیٚچھہٕ ہیکن نہٕ تِم آمادٕ سپدِتھ، اَدٕ کیٛازٕ کأشرِ خأطرٕ دیوناگری رسم خط

---

۵۔ عربی رسم خط چھِ رومن خطٕ پتہٕ دوئیم عالمی خط۔ یہ چھُ کأشرِ کِ پأٹھۍ مقأمی آوازن مطابق ہیر پھیر کرتھ وارۍ ہیو ملکو پانوومُت۔ مثلن ایران، عراق، شام، مصر، عرب امارات، سوڈان، بربر، ساحل سنہ، کینٛہہ افریقی علاقہٕ، کینٛہہ روسی ریاستہٕ، صوبہٕ سرحد، اردو، بیترِ

تجویز کرن وٲلی باقہ چھِنہٕ حقیقژ واتان ننہٕ چھِہ نہٕ آنتھ اژ آتی لاگان ۔ جیالال کول چھُہ ونان :

" ناگری اَچھرن ہُنز خوبی چھِہ اصواتن پیٹھ مبنی آسُن۔ اوہٕ کنی چھُہ کٲشرِ خاطرٕ موزُون تکیازِ ناگریس اندر ہیکو آسان پاٹھی تِلہٕ نہٕ گژھن اَچھرن ہندِ خاطرٕ علامژ بناوِتھ ۔ " (سٹڈیز ص ۱۷)

" فارسی، عربی اَچھر چھِنہٕ صوتی لحاظہ کٲشرِ خاطرٕ تیتی موزُون ییتہٕ زَن ناگری اَچھر چھِہ (ص ۔ ۱۹)

موتی لال ساقی ین تام لیوٗکھ زِ رسالہ بہار کشمیر لوہور (۱۹۳۱ء) دُسی آیا یہِ " کٲشرِ مزاجٕ مطابق " ناگری رسم خط بناونچ کوشش کرنہٕ ۔ (پرتو، صحافت نمبر ۹۴ء) سروانند کول پریمی ین لیوٗکھ زِ مہجورن دوپ شو دھان سنگھ چوہانن زِ کٲشرِ خاطرٕ بہترین رسم خط روزِ شاردا ۔ (شیرازٕ مہجور نمبر ۶۸۸)

---

اکثر آریائی زبانو تہٕ کورسامی خطٕ اختیار۔ ناگری چھُہ پانہٕ خروشتی خطٕ منزٕ درامت ییُس موٗلی سامی (ارامی) خط چھُہ۔

۴۔ ناگری ہیچھُل چھِہ بے شک آوازٕ ترتیب مُطابق مگر لکھنہٕ آسٕ چھِہ فار سائنسی ۔ تو یتہٕ رسم خط گژھِہ نہٕ ہتھ فیصد اصواتی آسُن۔

۵۔ شاردا اوس نہٕ کٲشرِ خاطرٕ بلکہ سنسکرت باپتھ بناونہٕ آمُت ۔ یتہٕ آسہٕ اَنکہٕ ژ ژ چالہِ اتھ منز کٲشرُ تہٕ لیکھان ۔ یتھے کنٕ رُود فارسی خط تہٕ کٲشرِ یک اَنکہٕ ژ ژ خط واریاہس کالس ، تہٕ زَن گو ولیکھان کیاہ تام تہٕ پران کیاہ تام ۔ موٗلی کٲشرِ یک خط آسُن گو واتھ چیز تہٕ اَنکہٕ ژ ژ حساب آسُن گٔے بدل کتھ ۔

کوٚنگ پوش اکتوبر ۱۹۵۵ء کس شمارس اندر تہٕ اوس ایڈیٹوریلس اندر یُتھے کلامہ کرنہٕ آمُت ـــ "پرانِس زمانس منٛز بیلہِ سنسکرتُک زور اوس تہٕ شاردا رسم خط عام اوس تیلہِ آو کاشُر ادب تہٕ شاردا اَچھرن اندر لیکھنہٕ .... پتہٕ یلہِ کشیرِ منٛز فارسی زبان زورس منٛز آیہِ کاشُر ادب تہٕ گوہنا پتھ۔ چونکہ سرکاری زبان تہٕ آس فارسی، تووٕ کیٛنژ اوس نہٕ کاشُر ادب ترقی لبان۔"

میٚہ چھِہ عجیب آنی ما آنی گژھان۔ خبر سنسکرت دورس منٛز کمہِ کتابہٕ آیہِ کاشرِس اندر لیکھنہٕ؟ اکھ نہٕ نہٕ۔ اَتھ برعکس ہیٚنٛز ہو فارسی زبانی ہندہ پیٹھے کاشرِ زبانی پکھہ وَہراونہٕ۔ سنسکرت دوَرن دیُت نہٕ کاشرِ زبانی کَلَے تُلنہٕ۔ تاجب چھُہ میٚہ زہٕ اکھ مخصوص تمدنی اوند پوٚک مشراونہٕ تہٕ وسیع حقیقژ نِشہٕ اَچھی وٹنہٕ کِنٛہہ پاٹھی چھِہ کاشرِ زبانی متعلق تجویزہ لوان پیش کرنہٕ یمن نہٕ زنگہ چھِہ نہٕ کھُر یکن یلے۔



سنتوش صابس کُن آیہِ میٚنے یمہ کتھہِ کینژن سطرن اندر وَنہٕ مژہ۔ یمن ہیکہِ ہے کانٛہہ تہٕ نانہٕ وُن پانہٕ وضاحت آونہٕ (دوہہ فی پیشہٕ میٚنے وضاحت کرنی) مگر رتن لال شانت صابن تُحجہِ خبر کیانہِ تووٕ نمبرہ تہٕ واد جنوری ۸۹ء شمارس اندر ژٹن علمی کنہاہ کرنہٕ ووٚنی ژھری ٹسنہٕ۔ تہِہٕ تہٕ پوزِ و۔

"کامِل صابن دوپ خبر سنتوشن مانیو ماملہٕ چکاونہٕ تہٕ پژون سنسکرتی بنیادی کاشُر ماونُن بارسس۔ تمِہ ووٚنُس صلفی زہٕ ہے ووہ فی کتہٕ سابِن مسلمان واپس ییٚتہٕ تہٕ تیٚتھے کاشُر بولن۔ یعنی کہ خطرہ اوس

اگرٚے نہٕ گژھہِ سنسکرت بیہِ بیٚیہِ پایہِ سٕس۔ نوشٕتہٕ آسٕنٛ صاحبن اوس وونمُت

زِ یِہٕ آسٕنٛ کاشُرِ لفظ چھہِ نراونہٕ یِوان۔ بڈٕ غلط اوسُن ناوونمُت۔

—کاملٕ صابٕس چھہٕ خوٗشی زِ اکثرِ بٔیٚس چھہٕ فارسی بٔیٚس سیٖتہِ لچہِ واٹھ

یعنی کامِلٕ صابس نہٕ چھُہ بہتھ زِ سنسکرت بنیادٕ ژھرٕنٛ گیہٕ بُٹلِ

رٕژھرٕنٛ نہٕ فارسی مسلمانی۔"

گوڈٕ کیہٕ بہٕ شانت صابس عرض زِ سنسکرت تہٕ فارسِیٚس متعلق چھُہ میٚے ہمیشہ

وونمُت زِ یِمو ناگہ راد چھہٕ ساٹنٛ زبان مختلف وقتن پیٹھ سگوٚمژٕ۔ بروٗنہہ کُن تہٕ ہیٚکو

اَسی یِمن کُن اَنٛتھہٕ واتِتھ ہرگاہ کانہہ ضرورت پیٚیہِ۔ ۱۹۵۶ء اندر چھہٕ میٚے کوٗنگ پوش

فروری شمارس اندر وونمُت —"اَتھ پٕژ سنسکرت، فارسی تہٕ پراکرتس کُن اَنٛتھہٕ دارُن

نِمو منٛزٕ لفظ اَنٛگ تہٕ یِمنہٕ زبانٕنٛ ہندِ مِزازٕ مُطابِق تِہُنٛز شکل بدلاونٕ۔۔۔" دونٛزٕ ما

چھہٕ میٚے ژٕتہِ سنسکرت بُٹلِ تہٕ فارسی مسلمانی؟"

شانت صابس چھُہ افسوس —"ازیلہ درجن کھنڈ طالبِ علم لسانیاتُک علم پرٕنھ

چھہِ آمٕتۍ اَز تہٕ چھہِ اَسہِ زبانٕنٛ متعلق یِتھۍ ہوی فاصلہ دوان" — خبر کَم فاصلہ؟ ظٲہر یہ

فاصلہ زِ پرٕنھ زمانس منٛز چھُہ زبانٕنٛ اکھ سماجی تہذیبی کِردار آسان تہٕ تمٕۍ دایرس اندر چھہٕ

سوٚ پھیان تہٕ تمہٕ نیبر یِوان تہٕ تمٕۍ دایرس اندر ہیٚکہِ تِتھ متعلق سوٗچنہٕ یِتھ تہٕ کانٛہہ فاصلہ

رِتھنہٕ۔

لسانیاتھ چھُہ اکھ سماجی سائنس۔ اَمہِ نظرٕ چھہٕ زبانٕنٛ ہنٛزٕ مروجہ عوامی بنیادٕ پیٹھ

روزان۔ یہِ علم چھُہ زبانٕنٛ ہند خمے تہٕ سوٚ باو وٕثرہِ ناوتھ ہاوان زِ کُنہِ سماجس اندر

(یا کُنہِ زمانس اندر) کُنہِ زبانٕنٛ کیاہ رنگ اَنہار چھہِ (پامرسٕس) تہٕ امکہِ خط و خال کیاہ چھہِ

(یا آسِس) گویا زبانٕ ہندِس یک زمانی ( SYNCHRONIC ) مُطالَس چھِ لسانیاتھ وَنان۔ وَل یِم درجن کھنڈ طالبِ علم یہِ علم پرنہٕ آمتی چھِ تِم دِنا یہِ فاصلہٕ زِ مُروجہ کاشُر تراوِتھ تہٕ فارسی عربی لفظ کڈِتھ لاگو "وبارٕ" پرون" کاشُر لوبُن یہٕ لیکھُن۔؟؟

آخرس چھُ شانت صاُبس وَہمہٕ ژامُت زِ — "خبر زبانٕ ہندِس مالِس منز ما چھ سانی بنیاد پرستی زنگ تراوان۔ اگرَے نہٕ چھُ تیلہِ چھُ خدایی حافظ"۔

یہ اظہار چھُ حدٕ روٗس افسوسناکھ۔ سوچنچ کتھ چھَ زِ ۹۷ فیصد آبادی چھُ دلے لوان دِنہٕ زِ فارسی تہٕ عربی لفظ ژھینوک تراوِتھ (زَن چھُ یہِ کانسہ ہندِس اَتھس منز) بموٗ دوٗنی ہِنز بدلہٕ وٗری یوٗ بیٹھہٕ زبانٕ اندر موٗل چھِ دِتی متی۔ سامی رسم خط بجایہ یِمُس سماجی حالُو بارَس اوٗن، کرِ دیوناگری خط اختیار ___ نہٕ چھِ یہِ دلے دِنہٕ والی بنیاد پرست، نہٕ چھِ تہندی وَرگہٕ حمایتی[۹] مگر یِمُس شخرٕ یہِ وَنہٕ زِ زبانٕ چھُ آسان اکھ سماجی شناختی کردار یُس نتھ زمانہٕ پتہٕ زمانہٕ رنگ رٕچھ

---

[۹] اونزَے دیُت کینژو دوستوٗ دِلہٕ اندر کاشرِ زبانٕ متلق وَرگہٕ آیہٕ سُے بیانہٕ یُس جیا لال کول تہٕ جیا لال جلالی وَنان اوس، یعنی کاشرِ خاطرٕ ناگری خط (تہٕ) تہٕ ناگری خط واجنین کتابن (تہٕ) نمہِ سہولژ بمہ فارسی خط واجنین چھَ دوٗمین لفظن منز مذہبی بُنیاد بیٹھ اُکِس زبانٕ ہٕزِ رسم خط بناونُک مشورٕ، امایہِ کتھ چھُ ازتام سپُدمت تہٕ کتھہِ پأٹھی چھُ روا تہٕ ممکن۔

بدلاوان چھُہ، سُہ گو بنُیاد پرست[۱]۔

بسُ شہزٕدٕ ری داوَن میون ہم کال آسہٕ رودمُت، تہٕ توَپتہٕ نہٕ لاگہِ میٚے کُنُ "بُنیاد پرستی" ہُند چھُہ تُس دَنہٕ بہ بُتےُ ——

میون مَن بٕرٕ ندائٕن تہٕ لولو
تَتھ منز چھُ نارائٕن تہٕ لولو

میٚ چھ ییٚنس انترس تہٕ بیترس سنگاٹھ کوٚرمُت۔ میانہِ ہم کال پٕری ینڈتہٕ، ژٕرٕے تہٕ چھےُ یوٚہے ووپدیش۔



---

[۱] یہ بنُیاد پرست طانہٕ چھُ اُمی میٚےسٕنتی (دہ یہ کُنُے) اختر محی الدین صابس ہیوٚرِس اُدیبس تہٕ دیوٚنمُت، "تکیازہ تمی چھُہٕ کینژن جاین کلہن تواریخ دالس سٕنتی اتفاق کوٚرمت، یہ تہٕ اُمیدہ خیالہ تمُس کرُن پٕزہے،" تکیازہ کلہن چھُ امس تِشہ "پنڈت" مگر اخترس نِشہ چھُ اُموٚرخ، ییٚمس سٕنتی صحی یا غلط اختلاف ہیکہِ پیدٕ۔ آرل سٹاینن چھُ اُمِس مُتلق وونمُت "کلہن گژِھ نہٕ تنقیدی نظرِ روٚس ووچھُن۔ اُمی سٕندی تأریخ چھِ نا درُس۔ اُمی سٕندی ماخذ چھِنہٕ صحی تہٕ اُمی سُند دِل چھُنہٕ ژھایہ گژایہ روٚس"۔ — اختر صاٗبن چھُنہٕ بذاتی کلہن بلکہ یوٚہے سٹاین کامہِ روٗمُت تہٕ اُمی سٕنزٕ غلطی چھَن تٔژ رادٕمٕژٕ۔

# ** گُلریزنہٕ اَپھَروٚٹھ

وہب پٔرے مرحومس تُلکھ کیاہ نام تٔوس نہٕ دِتِن بِلاد :

وَنتہٕ کاآ تیاہ نیر ثالہٕ گیر کوٚدہٕ ۂس کتھ

پَھیراوٚتھ ہم کیاہ سمبالہٕ

ہیٚے لیُس سنیجہِ وۄنہٕ نتہٕ گنٛڈِتھ شکل عزیز حاجنی صاَبنہٕ تِمہِ مضموٗنہٕ پیُس شیرازہ جنوری فروری ۸۸ء کِس شمارس اندر "محی الدین حاجنی" عنوانہٕ شایع چھہ سپُدمت[1] اَتھ منز چھُہ پروفیسر حاجنی صاَبن گلریزہٕ رسالس متلق مضموٗن لگارس اِنٹرویو دِوان وۄنمُت[2] :

گلریز ناوُک رسالہٕ چھپِتھ وکاشرِ زبانِ منز یِہنز وِے کوشِشہ سیٖتھ ..... اَتھ رسالس اوس محمّد صدیق کبروی ناوی وۄستہٕ کھارِ سندِس ناوس نیران..... اَتھ اوس یہِ وجہ زِ سرکاری ملازم سندِس ناوس پیٚٹھ اوس نہٕ رسالہٕ کڈُنُک اجازت..... یہِ رسالہ چلاونس منز آسی مِن مرزا غلام حسن بیگ عارف نہٕ امین کاَمِل تہٕ سیٖتی..... یہِ رسالہٕ بند گژھنس متلق دوٚن حاجنی صاَبن زِ امیُک اصلی وَجہ اوس سُہ فتنہٕ یُس

---

[1] - اَتھ دٔنادِ میٚنے واَدِ جلے ستمبر ۱۹۸۸ء اندر جواب - ووٚنی چھُس بیہ ہِن وِہ شہنے سپنز فژ -

[2] - مضموٗن لگار سندِ فٹ نوٹ مطابق چھہ یہ انٹرویو ۲۷ جُلے ۱۹۸۶ء ہینہٕ آمُت -

کامِل صاٗبس تہٕ عارف صاٗبَس نفہکرِ لوٗنِسہٕ باگراونَس ہیچھ وٚتھ۔
بیٚرِ فتنہٕ اٗنٛز راوِنہٕ خاطرٕ دٛنا یہ رِپیٚے تہٕ ژٕعافلی فاصلہٕ۔ مگر اَتھ پٮ۪ٹھ
آیہٕ تہٕ حِصہ دارَن برابری۔ اَمہِ پٮ۪تہٕ دٛنا یہ رِسالکہِ تمِے نٕوٕ ژوٗرٕشمارٕ
ہِمَن سُمب مَواد پٔروٗمہِ جمع کرِتھ اوس (ص ۷۰)

اَتھ بیانس چھِ ژور پہلوٗ:

(ا) گلریز چھاپیوٗ پٔنٛژن وٕرۍ کوٗشِشو سٟتۍ۔

(ب) یہ رِسالاونس منٛز آسی مِیَن عارف تہٕ کامِل تہٕ مٕہ سٟتۍ۔

(ج) ہِمَن وٚتھ نفہس ہیچھ نیاۓ تہٕ رسالہٕ گوٚو بنٛد۔

(د) حاجی صاٗبن دٔژ اَکھ فاصلہٕ مگر حصہ دارَن آیہ نہٕ برابری۔

ا

کتھ سپٕز یہ زِ گلریز کوٚڈ عارف صاٗبن تہٕ ہیٚپے یکوٹہٕ دٔلیتھ نومبر ۱۹۵۲ء اندر۔ اَتھ
چھُ باٗنی مرزا عارف، نظر و ترتیب امین کامِل، تہٕ پرنٛٹر پبلشر محمدؐ صدیق کرُوی
چھپِتھ۔ محمدؐ صدیق اوس عارف صاٗبنس موٗرشِد غلام قادر دوٚستہٕ کھارُند نیچُو۔ اوٚہ
کیٚنٛز اوس عارف صاٗبُن بروٚسہٕ وول نفر۔ اَسی دوٚنوٕے آسی سرکاری ملازم لہٰذا ہیکہٕ
ہَو نہٕ پانہٕ رسالہٕ کڈِتھ[۳]۔ رسالہٕ کِس ایڈیٹوریَلس منٛز چھُ صاف پاٹھۍ لیکھتھ:

”کشمیر بزمِ ادب دوبارٕ زِندہ کرنہٕ خاطرٕ رٹوٗ مرزا عارف صاٗبن
امین کامِل پانس سٟتۍ تہٕ ہِمَو دوشوٕے ادیبو کوٚر اَکھ منصوبہٕ تیار تہٕ
اَکِہ فولادی ارادٕ مہ سٟتۍ ہٕشرکھ ابتدائی کام شروع کرنۍ..... گلریز

[۳] حاجی صاٗبن چھُ باس دِتھمُت زِ تِہ سرکاری ملازم آسنہٕ کِنٛز نتہٕ محمد صدیق بٹہِ اوس تھوٚدمُت

چھُ امی اِدارک ترجمان" (صفحہ ۲)

برونٹھہ کُن ژہ چھُ "بزمِ ادب کے بانی" ناوی مضمونس اندر ونہٕ آمُت:

"۴۷ کے بعد کشمیر بزمِ ادب کو نئی لائینوں پر چلانے کے لئے آپ (عارف)
اکثر بے تاب رہتے تھے۔ اور اس سلسلہ میں آپ کسی ایسے شخص کی تلاش میں
تھے جو آپ ہی کی طرح کشمیری زبان و ادب کو فروغ دینے کا جنون رکھتا
ہو۔ آج سے دو مہینے پہلے آپ کی نظرِ انتخاب کامل پر پڑی۔"

حالانکہ چھُ یہ ژٕ کٕنہٕ اَتھ منز نہٕ آسنہ تہٕ کینہہ تہ پاٹھی چھُ حاجنی صابن مضمون لِکھاس باس دیٚیمُت زِ گلریز دراو تہٕ ہاروٚے کوششو سیتی۔ حالانکہ امہٕ برونٹھہ چھُن انہارس منز پانے لیوٚکھمُت ـــ "۱۹۵۰ء، اندر ییلہ عارف صابس تہٕ کامل صابس کلچرل کانگرس سیتی کیاہ تام مُتر کرِی گیہ، ییٚمو کوٚڈ گلریز رسالہ [4]" ـــ باسان چھُ عزیز حاجنی صابس یہ انٹرویو دِنہ وِزِ چھُ حاجنی صابس نۅ وٕدی برونہہ مُت نیُن یہ تحریر مشتہ گومُت۔

ب

الف چھُلہ ہندِ جوابہ پٕننہ چھُ حاجنی صابُن یہ بیانہ پانے پھُٹان زِ گلریز چلاونس منز آسی تِمن مرزا عارف تہٕ امین کامل تہٕ سٕتی۔ ژٕ نتہٕ رسالہ اوس یوٚہے چلاوان تہٕ اُسی آرسس اَتھہ روٚٹ کران۔ نجر اَمہٕ وِزِ ما چھُ سوچنہٕ آمُت زِ سُہ کُس بہتر گلریز فایل تہٕ کرِ واد [5]۔ مگر انہارَ تہٕ چھُس دُمبال۔ لیکھان چھُ:

"دُنہٕ آسی تہٕ انھٕ رسالس تہٕ یہ ریٚتھ تہٕ چلان گامُتؠ زِ مین دوٚن دوٚتھ

---

۴ ۔ انہار جلد ا شمارہ ا ۱۹۷۷ء، کاشرہ ادبچہ تحریکہ، حاجنی ص ۸۰

۵ حالانکہ اِیہ فائل چھُ حاجنس اندر تہٕ۔

پانہٕ وٲنۍ اختلاف نہٕ عارف صٲبس آسہٕ کٔنۍ یوت اعتدال پسند بوٗزنہٕ

نہٕ دوٚپُن مےٚ گلریز رسالُک اڈیٹری سمبالنۍ۔"

بنہٕ کُنۍ چھُہ حاجنی صٲب پانٕے مانان زِ میانہٕ کشیر بزمِ ادب نہٕ گلریز نِشہٕ الگ سپدنہٕ پتہٕ بنیوو

ُہ محض ایڈیٹر۔ حالانکہ یہ نہٕ چھُن اوٚ ڈُے پزر بوزمُت۔ میانہٕ نیرنہٕ پتہٕ دٕنا یہ عبدالحق برق

سندِ ناوہ لاٹری نہٕ حاجنی صٲب نہٕ تھووُنس سٕتۍ۔ ہرگاہ عارف صٲبس حاجنی صٲبے یوت

اعتدال پسند لبنہٕ آو، برق صٲب کیا ہیوٚ آیوس درِ ینیٹھو نتہٕ گوٚ تہٕ وَنُن۔ تتہٕ چھُن

یَندِس ناوس تٕلۍ سے کرُمُت۔ برق صٲب رٕود مارچ ۵۳ پیٹھہٕ جُلے ۵۳ ہس تام پانژن

شمارن سٕتۍ نہٕ اوَہ پتہٕ ژِنُن داماٖنہٕ[6]۔ تمہ سندِ نیرنہٕ پتہٕ آیہٕ اَدہٕ حاجنی صٲبس کنُن ژٕلُس

دٲرۍ۔ ڈیوِ رسالہٕ جاری گژھنہ پتہٕ پوٗرہ نوِہ رٕتۍ۔

# ج

گلریز بند گژھنُک وَجہ چھُن مضموٗن نِگارس یہِ وونمُت زِ عارف صٲبس نہٕ کامل صٲبس

ووٚ نہ نِہکو پونسہٕ بٲگرا ونُس پیٹھ پانہٕ وٲنۍ فتنہٕ۔ اَمہ پتہٕ دٕنا ے رسالکہ زٕو[2] ژوٚر[4]

شمارہٕ نہٕ گو بند۔ یہ چھُہ محض غلط۔ یہ گوس فروری ۵۳ ہس اندا الگ۔ تیلہ گوٚ تہٕ رسالہٕ

جون ۵۳ ہس اندر ہیو بند گژھن نہٕ سپدنہٕ بلکہ رٕود جلے ۵۵ ہس تام پوٗرہ ترٕیِن[3] وٕرِین

اژھین پٲٹھۍ نیران۔

اَنہارس اندر چھُہ حاجنی صٲب گلریز بند گژھنُک یہ وَجہ ونان — "تیلہ ۱۹۶۲ء اند

---

[6] - میانہٕ نیرنہٕ پتہٕ آو گلریزس اندر لیکھنہٕ زِ امین کامل آیہٕ سبکدوش کرنہٕ۔ برق تیلہ دٕنا ونُس نہٕ آو لیکھنہٕ برق صٲب آیہٕ سبکدوش کرنہٕ "برق صٲبن دوٚن تہ او ونا • سبکدوشان گلریز" ناوچ انجمن نباوِتھ ووٚتہٕ چھنہٕ خبر کینہٕ گژھن سبکدوش سپدان۔

آٹھ وہری[ے] ڈیاے نیرِتھ عارف صابَن اَتھ منز پنُن "چینی سفرنامہ" چھاپِتھ ہیوتُن نہ گژھنہٕ گوو بحکم سرکار بند"[ش] مگر یہ سفرنامہ چھاپنک ابتدا اوس حاجنی صابنہ ۱۹۵۵ء اندر پننہٕ اڈیٹری دوران کوڈمُت۔ نبر یہ سفرنامہ اوس کیاہ تیوٚت ماوزے تُنگ "شُد" لانگ مارچ" یُس کشیرِ نہٕ تھٕ کڈِتھ ہے نہٕ حکومتس پیوٚو یہ قدم تُلُن۔ بہرحال ۵۵ء پتہٕ کوٚر عارف صابَن رسالہ بند تہ اکتوبر ۱۹۶۰ء اندر کوٚ ڈُن دُبارہ نہٕ غلام نبی خیال بنووُنس اڈیٹر (یہ سِتی تھوونس پنُن نیچو حبیب الحسن) دوہ ڈ دِژاو یہ خالص کاشُر پاکھیٹ اوت نام وُس یہ ڈُز بانیل نہٕ چینی سفرنامہ ہیوتُن دُبار چھپُن۔ یمہٕ نے دوہن کوٚر حکومتن یہ رسالہ دُبارہ نیرنس سِتی تمام سکول لائبریرین ہند خاطرٕ زیر نمبر جی ۸۲۸۸۔ ۳۸۷ محررہ ۲۲۔ دسمبر۔ ۱۹۶۰ء منظور۔ یہ چھُ رسالس اَندرِ مس ٹائیٹلس پیٹھ درج یہے اکھ کتھ چھ حاجنی صابنہٕ (تہٕ عارف صابنہٕ تہٕ) غلط بیانی پھٹراونس کافی۔ دراصل وس عارف صابس رسالہ بند کرُن بیٹھٕ کُنہٕ ۱۹۵۵ء ہس اندر کوٚرُن نہٕ محض پانس "انقلابی" تُھر کھارنہٕ موکھ نہٕ زووُن یہ شوشہ[۹]۔

---

[ے] آٹھ وُہری نہٕ بلکہ پانژہ وُہری ژکیاز یہ دِژاو ۱۹۶۰ء اندر نہٕ ۶۲ منز۔ بیاکھ کتھ چھن بیٹھ غلط ڈُذ منز یہ دُبارہ نیرنہ پتوٚل نہٕ کینژو دِ تٔوز یادہ۔ حالانکہ یہ رُوٗد برابر دوٚن وُریین اکتوبر ۶۲ء تام چلہٕ وُن۔

[ش] - نشاط انصاری صابس لیوٚکھ عارف صابن نہٕ گژھ نہٕ بند کرنُک یہ سرکاری حکمنامہ چھُہ تس نشہٕ موجود۔ تمہٕ مونگُس نقل۔ سوزِہس کیا۔ امیک اظہار چھُ نشاط صابن رسالہ شیرازہکس کاشرِس صحافتس متلق اَکس مضمونس منز کوٚرمُت۔

[۹] - مرزا عارف ذکر دفن تاوی کتابہ اندر چھُن (ص ۷۴) مرحوم محمد ابراہیم سنزِ ذیوہ دِ نموت نہٕ کینژو دِ ہیو دیُت حکومتس غلط رپورٹ زِ مرزا عارف بیگ یُس مرزا افضل بیگ مُند تہ پی آشناد

حکومتن کوٚرٕ نہٕ کلچرل کانگریسک ترجمان کونگ پوش بند کرنک زانہہ ضرورت محسوس یُس زَن
کلہٕ نلہٕ "دٔدِ روٗس تہٕ مادٕ چین" اوس، گلریزنے تتھ "مقابلہٕ" "بزٕ ہند" تہٕ اوس۔ بلکہ اکہٕ لٹہٕ گوم شیرازہ
جلد ۴ اشمارہ ژورِ ۱۹۷۷ہس اندرٕ نہٕ یہِ سفرنامہٕ نظرِ۔ سُہ کوٚرٕ نہٕ حکومتن بند۔ کینژہٕ کالہٕ دژ
عارف صابن ییٚن مضموٗنن کتابی شکل تہٕ "میون چینک سفر" تاوی کوٚرُن شایع۔ حکومتن
نہٕ کرہٕ یمہٕ کتابہٕ ضبط نہٕ کوٚرٕ دٕکھ عارف صابہٕ گرفتار بلکہٕ ییژہس سکولن ہندِ خاطرٕ کینہہ
کتابہٕ مُلی تتہٕ۔

## د

حاجنی صاب چھُہ دپان نفکھ پونسہٕ تاگراونُس یہندِس نیابَس دژاو میٚنے تہٕ عاقلی فاصلہٕ
مگر تتھ ییٚنہہ آبرٕ نہٕ حِصّہ دارن برابری یٹلہٕ گلریزٕ کِ حِصّہ دار بہٕ نہٕ عارف صاب آسی، حاجنی صاب
کیا زَن اوس؟ یہٕ نے میانِس نیرنَس نام کُنی اوس۔ تمہٕ پتہٕ ہیوٚ عارف صابس گلریزٕ کڈٕ نہٕ
خاطرٕ کانسہٕ ہُنٛد ضرورت نہٕ سُہ اوس برق نہٕ حاجنی۔
سُہ کُس انسان کرِ زبن یُس کُنہٕ تہٕ رسالکہ زہٕ ترِیٚے شمارہ نیری تھے نفع ہیٚیہٕ ژھارُن
سُہ نہٕ کاشِرس رسالس۔ ونہٕ اوس نہٕ پوٚت رامُت ٹھوٗل کتھ ساہوس۔ اصلی واقعہٕ سپد یہٕ
زہٕ بہٕ اوسُس کلچرل کانفرنسہٕ ییٚٹھہٕ آمُت یوسہٕ اکھ باضابطہٕ تنظیم آس۔ یتھ اکھ مجلس عاملہٕ

---

چھُہ، چھُہ سفرنامہ چین لیکھتھ ہندوستانس مقابلہٕ چینس بجر دوان۔ امیک تحریری ثبوت چھُہ
عارف صابس نِشہٕ موجود۔ گوڈنی آس حکومت تمہٕ وزہٕ شیخ صابنی تہٕ تمی سندِس دست راس
افضل بیگنی۔ ادیب (خبر کم) کس نشہٕ گیہٕ رپورٹ دنہٕ؟ یم ہیکہٕ نہٕ ترقی پسند ادیب تہٕ شاعر
آسِتھ تکیازِ تم آسی پانہٕ مانان زِ چین چھُہ ہندوستانس برونٛہہ۔ تم آسی "رستہ چین کا ہے" نعرہ دِتھ
ہندوستانس اندر تتِھے انقلاب انُن یژھان۔ "کونگ پوش" اوس امی اشتراکی فلسفک ترجمان۔

آس۔ اَسہِ اوس یہِ رَٹے کو رُمت زہِ بزمِ ادب بناوِن تٔھتھ طرزس پیٹھ اکھ عملی تنظیم۔ ”کشمیر بزمِ ادب میں دُبارہ روح پھونکنے کے لئے اور ایک ریسرچ اکاڈمی قایم کرنے کے خیال اور اسکو عملی جامہ پہنانے کے لئے دونوں ادیبوں نے ملکر ایک پلان بنایا“ (ص ۳)۔ اُمی ہتوو پانَس سرپرست ناو تہٕ مےٚ جنرل سیکرٹری ناو۔ نہ کانٛہہ ممبر تہٕ نہ مجلسِ عاملہ۔ دراصل اوس یہِ اَندری کھوژان زِ مےٚ گژھہ نہٕ ورکنگ کمیٹی کُنہٕ سانہٕ نوٚئچ لِمح کرٕنٕی۔ مےٚ کورُس اصرار ورکنگ کمیٹی بناونَس پیٹھ۔ پیٚٹھہٕ پوٚسہٕ رقم چندہٕ تہٕ عطیہِ جاتٕ رٔنگی جمع کرنہٕ آیہ، سو ترٛاو عارف صابن پنہٕ نِس بنک کھاتَس منٛز۔ مےٚ دوٚپُس ”کشمیر بزمِ ادب“ کِس ناوس پیٹھ گژھہِ بنک کھاتہٕ کھلُن۔ معاملہٕ زیٹھیوو۔ اختلاف ووت عدالتس پیٹھ۔

میون دعوا اوس زہِ کشمیر بزمِ ادب چھُہ اکھ ادارہٕ۔ گلہٕ نہٕ چھُہ تمیُک ترجمان نہٕ نمی طرفہٕ نیران۔ ادارکِس ناوس پیٹھ آو وارِیاہ چندہٕ جمع کرنہٕ مگر سُہ کوٚر ادارکی سرپرستن بددیانتی کرِتھ پنہٕ نِس ذاتی بنک کھاتس منٛز جمع بجایہ ادارہٕ کِس ناوس پیٹھ بنک کھاتہٕ کھولنَس۔ عارف صابن کوٚر گلہٕ نِکہ دفترٕ بیٚٹھہٕ (یُس کوہ کرایہٕ کِس مکانس اندر اوس) ریکارڈ غآب (مےٚ آس تتھ ہن پھرٛےٚ منٛز) عدالتی پیادن تٔیلہٕ تہٕ دفترٕ بیٚٹھہٕ کانٛہہ ریکارڈ میوٚل مےٚ تیہٕ تم یہٕ وُنتھ عارف صابنہٕ سرکاری کوچھہٕ تلاشی کرنہٕ خاطرہ زہِ اُمی چھُہ سُہ ریکارڈ سوٚرُے توٚری نیو مُت۔ مگر توٚت اُژِتھ (خداگواہ) وٚن مےٚ پیادن زہِ بَس تلاشی چھنہٕ کرٕنٕی، بیثہ ہن چھُہ کآفی۔ عارف صاب اوس ہےٚ بنگہٕ وُچھان۔ لازمَن سپُد مقدمہ داخلِ دفتر۔ مگر اُمی کرہٕ نوو مےٚ کِس نام ”مقدمہٕ بازس“ اَتھہٕ بلی مقدمہٕ۔ عدالتس سپَدس حاضر تجن وُچھُس بڈٕہ ٹیپ ریکارڈ ٹیپ وول مہنوا۔

تازٕ نٕخ روٗد۔

منٛز گیہِ کرٕ تام دوہ زِ یہ گوٚس بخشی غلام محمدنِس کوچہِ بیٹھ صبحاے اکہِ ذاتی کامہِ بٲپتھ۔ تتہِ آسی ژٕنی وُہہ مرہ جمع ییٚتہِ منٛز یہ زج تہِ اوس۔ زج اوس پنجابی۔ بخشی صاب دژاو کوچہِ اَندٕ۔ دٲری تراوِن سارنے پیٹھ ژٕلہِ وٕنی نظراہ تہِ اَمہِ پتہِ کوٚرُن میٲنے ناوہتھ آوٕ ترانٛھا وِنم پیٹھ (دغہ جن دوٚ یِم....) تہِ پرٕژھنم یِنک وَجہ۔ دوٚپمس۔ دمہ دِتُن مگر پتہِ کوٚرُن نہ کانٛہہ سوٗچ۔ بہرحال اوٚرہ یِنہٕ یہ پھیوٚرس زج صاب آوٕ میٲنہِ نِش تہِ دوٚپنم زِ تمس چھُہ نیچو وظیفس پیٹھ نیبر آمُت سوٗزنہٕ مگر وظیفہ چھُس نہٕ واگذار سپدمُت تہٕ چھُہ پریشان۔ میٲنہِ زوٗن اَمس لوٚگ ژِم زِ یہ چھُس بخشی صابُن کُس تام خاص خاص۔ میٲنہِ کوٚر نگہٕ دام تہٕ دوٚپمس کانٛہہ تہِ فِکرِ چھُنہٕ۔ نیچوی سُنٛد ناو بیترٕ ہیوٚتمس تہٕ دوٚپمس زِ یہ کرٕ ناوٕ پانے یہِ مسلہٕ حل۔

اَمِس آسہے بخشی صابس نِشہِ کام ڈراھر۔ ییٚلہِ پیشی لٔج، اَمی روٚٹ عارف صابُن یہ مقدمہٕ باز، تہٕ دِتُن زِ اَکِس معزز انسانس پیٹھ چھُکھ گند اُچھالنہِ درامُت تہٕ کوٚرُن مقدمہٕ خارج[لہ]۔ ہوٗنی کھیٚیہِ لسنہِ کھٔلر۔

پرٕنٛز خبر نہٕ آسنہٕ تہٕ کُنہِ اَتھ منٛز نہٕ آسنہٕ وٕنی حاجنی صابن گگر یزس مُتلق، یم بَرٕ وٕدہ، اوٚہ ییٚلہِ سانہِ اصل نیابِچ تہٕ اختلافچ (لیوٗسہٕ میٲنے و ژھٕٹہٕ ناو) خبر آسہس یہ وَنہے کم اپھروٹھ۔

---

لہ۔ عارف صابنہِ سرکاری کوچہِ پیٹھ تلاشی نِنہٕ کنیٚ، اَہُنٛد نقلی مقدمہٕ داخلِ دفتر گرٕژھنہٕ رکنیٚ ہرلو یدٕ اَہُنٛدِس روحانی مرشدِس شک تہٕ یہ چھُس بخشی صابن ایجنٹ۔ توٚرے چھِم ییٚتہِ لدر۔

## اکھ وٕژھنے

انہارس اندر چھُ حاجنی صابن لیوکھمُت زِ "۱۹۵۰ ، اندر گیہ عارف صابس تہٕ کامل صابس کلچرل کانگرسس سٟتؠ کیاہ تام مژکری تہٕ بیوٚکوٚڈ گلریز" گوڈنی چھُنہٕ یہ صحی زٕ گلریز دراو ۱۹۵۰ء اندر سہٕ دراو نومبر ۱۹۵۲ء اندر۔ عارف صاب آسؠ اَتھ تنظیمہ سٟتؠ بطورِ سرپرست ۱۹۵۲ء تام وابستہ تہٕ یٕہ اوسُس تمام ادبن ہندی پاٹھؠ امیُک فدا آسے تہٕ ۵۶ءہس تام ییلہِ یہ ادارہ بند سپُد، باضابطہٕ ممبر۔ گلریزکس گوڈنکہِ شمارس منز چھ میانی زان ییتھہٕ کٕنہ ژنہٕ مژر ۔۔۔ "آپ کشمیر بزمِ ادب کے جنرل سیکرٹری ہونے کے علاوہ انجمن ترقی پسند مصنفین کشمیر کی مجلس عاملہ کے بھی ممبر ہیں۔" (ص ۴۰) امہِ نِشہٕ الگ سپدنُک اوس نہٕ سوال۔ عارف صابس متلق تہِ چھُ اَتھی شمارس اندر لیکھتھ ۔۔۔ "آپ آج بھی کلچرل کانگریس کے سرپرستوں میں شمار کئے جاتے ہیں۔" وونی کیا آری گیا یہ اکھ تنظیمہ سٟتؠ اَسہ مژکری ؟

## پوٚت کتھ

پروفیسر حاجنی صابنس اَتھ اِنٹرویوس پٮ۪ٹھ بیٚیہ وادس اندر جواب دیمت، سہٕ پٔرِتھ لیوٚکھ عزیز حاجنی صابن وادس (جنوری ۸۹ء) یہ مراسلہ : ۔۔۔ "کامل صابُن ادبی مرتبہ چھُ میٚنہ مولوم تہٕ بہ چھُس یُہند مدّاح تہِ۔ یُتہٕ جان غزل گو شاعر تہِ چھُ کافی ادبی سفر طے کرنہٕ باوجود

اَپرِ کِس حدس تام جبلت خود نمٲیی ہُند شکار۔ ... کاملؔ صٲب چھُ دیان حاجنی صٲبنُ (گلریزس متلق کلامہ) چھُ سراسر اَپُز۔ خٲر' زبان درازی کرنۍ گو نہٕ جان" (ص ۲۰)

انسان سنز اکھ جبلت چھَ خود نمٲیی (SHOW OFF.) یمیُک اظہار سُہ مختلف رنگہٕ لو کہٕ پانہ پیٹھ کران چھُ۔ فنکار چھ اکی ژٔدی یہن شکار' آسن یِنہ نہٕ تَنی مۆنڈی چھ۔ مگر میٚنے چھَ چھراپٕز پاؤتھ کرمٕژ تہٕ بیٚزر باوَنس یا کأنسہِ ہندِہ طرفہٕ پأدٕ کرنہٕ آمٕژ غلط فہمی صاف کرنس چھنہٕ اَپزٕ ونان بلکہٕ جاء الحق وزہق الباطل۔

پروفیسر حاجنی صٲبنٕ آسی میٚنے تہٕ گلریزس متلق پننۍ خیالاتھ بٲدی متی' ییٚتھٕ کنی تمَن بادنُک حق اوس' تیٚتھے کنۍ اوس میٚنے نہٕ جواب دِنُک حق۔ اَدبس اندر نہٕ چھَ ژٔھرِ کنتھہٕ نکھہٕ وَسان' نہٕ ژٔھری ٹیپھہٕ تہٕ ٹٔنہٕ۔ اُتہٕ چھَ کھوٹ چھرا دعوا تہٕ دلیل۔

ہاتوا برُہانکُم اِن کُنتُم صادقین



---

۱؎ یہٕ چھُس نہٕ بہے یوت ونان ٹلی کرٕ بیٚیلہِ حاجنی صٲبن کشمیر یونیورسٹی ہِندِس اُکس سیمنارس منٛز یِہے غلط بیانی کرٕ' عارفؔ صٲبَن تہٕ کوٗرُس دوکھ واد تہٕ تیز کلامی (وچھو رسالہ انہار ۱۹۷۷ء ص ۱۸۶ کأشُر سیمنار' اکھ رپورٹ)

# ** ترقی پسند تنقیدٕچ مُتی بژم

کَتھ دٕپنہٕ اَتھ چھپٕنہٕ وُچھ میٚنے حآراں
مانہٕ دٕپنہٕ اسرارِ حق باوال

غلط گیا گژھِہ ہرگاہ اَسہِ نٔز گرٔن یہ شار غلام نبی فراق صٲبنس یتھ اظہارس سٕتی
واٹون :

"ملک آزاد سپدنس سٕتی چھُ کلچرل فرنٹ ناوی اکھ محاذ منظم سپدان یتھ منز واریاہ نوجوان اِدیب شرکت کران چھِ، یمن منز اکثریت ترقی پسند آسان چھِ۔ یمو منزہ چھُ رحمان راہی، اختر محی الدین، غلام نبی فراق ترقی پسند ادبی تنقید کٲشرہ زبٲنی منز اتان تہٕ یتھ پٲٹھی چھُ ادب[1] تہٕ ادبی تنقید سیاستس وارِیاہ نزدیک واتلوان ۱۹۵۰ پیٹھہٕ ۱۹۵۶ تام چھُ کونگ شس منز یمُس اَمہٕ سیاست نما ادبی ادارٕک[2] ترجمان آسان چھُ، سہٕ ادبی تنقید چھپان......"
(ترقی پسند تنقید، سون ادب ۶۸۰)

---

[1] کونگ پوش نبرتھ ژھ ہیکِ وُرِی ین تام (یوٚت تام رٲہی تہٕ فراق چھپان چھِ) اوس نا "ترقی پسند سیاسی ادب" لیکھنہٕ یوان؟ یتھ ادہ؟

[2] "اَمہٕ" لفظکُ اشارہ چھُ کلچرل فرنٹس کُن گژھان یمیک ذکر بروٚنٹھہ کوٚرمُت چھُن۔ کلچرل فرنٹ گیو ۴۷ء اندر قٲیم تہٕ ڈوڈہ وہری گیو بند۔ اَمی کوٚڈ یہٕ کونگ پوش۔ سہٕ کوٚڈ اَمہٕ پتہٕ قومی کلچرل کانگریس کہ آیہ بینی حِصہٕ انجمن ترقی پسند مصنفین کشیرِن ستمبر ۱۹۴۹ء اندر۔ سُہ تہٕ گوو ۵۴ء پیٹھہٕ آل سٹیٹ کلچرل کانفرنس اندر تبدیل تہٕ کونگ پوش بنیوو تمیک حِصہٕ۔

أتہٕ چھ ترٛ یہٕ کتھ نیران:

١۔ ترقی پسند ادبی تنقیدُک گوڈ ترٛووٕ، راہی، اختر تہٕ فراق صٲبو
٢۔ کٲشُر ادب تہٕ تنقید ووت یہندی ذریعہ سیاسنس نکھہ۔
٣۔ یہ ادبی تنقید چھےٚ کونگ پوشس اندر چھپیومٕت۔



دپان انگریزی شاعر کولرجن، یُمس بالا فطری تہٕ غار ناسوٗتی سوخنن اندر مزہ اوس میٹھان، تٔمۍ چھ دۄہ خاب تہٕ "کبلا خان" ہِش نفیس انگریزی نظم کرٕ ن تخلیق۔ گو دۄہ خابا وُچھن۔ ننہٕ گو فراق صٲبُن دۄہ خاب یتھ اکہ عنوان ہیکہِ اُسنہ ۔ "امتی برٛم" وٕ بیسے چھہ اُسی سٲدی اکہِ ننہٕ بی رنگہ برٛمن ہندی شکار

---

فراق صٲبنس اَتھ بیانس سام ہیٚنٛز چھاوکنی ضروٗری نہٕ۔ یہ ہیکہ نوٚوٕ پیر غلط وٕ تہٕ آگتھ۔ ییٚتھ چھ کونگ پوش فایل تہٕ عنقا یوسہ تِرٛہن بیانن کھوٹ ہیکہ ہے بٔنتھ۔ بہر حال یہ سام ہیٚنٛز چھ اکہِ سیٚود سادٕ وَنٛنہ نہٕ۔ اُسی پھرِوک ١٩٤٩ء پیٹھ ١٩٥٦ء تام نوٚن، آٹھن وریین ہندی کونگ پوش شمارٕ۔ تِمن منز یم کینہہ ادبی مضمون شایع گامتی چھ، تِہندٕ بناوٕ اکھ تاریخوار فہرس۔ پتہٕ وُچھو نہِ راہی تہٕ فراق صٲبو کمو مضمو نو عہ ستی چھ کٲشرِ زبٲنی ترقی پسند تنقیدٕچ بادی کرٕ مٕژ۔

شاید یہ وَنُن نِچھ ضروٗرت نہٕ۔ راہی تہٕ فراق اَسی دوٕ نوے کونگ پوش تہٕ انجمن ترقی پسند مصنفین کشمیر سٕتی کلہٕ کا پہٕ جوڑنہ ییٚتھ کنی

نادم، علی محمد لون، اختر، زنتشی، خیال، کامل، مجبور تہٕ باقی ادیب حضرات امکہ قلم آینی تہٕ زۆ ژٕٹھ کارکُن آسی ——— مضموٗن ہُندٕ ناریخوار فہرست چھ یہ۔[۳]

| | | |
|---|---|---|
| ستمبر ۴۹ء | مگر کارواں سون... | نادم |
| 〃 | سنگرمالن پیوپراگاش | پشپ |
| اپریل ۵۰ء | کاشُر شاعری تہٕ محنت کش | پشپ |
| نومبر ۵۱ء | لل دید | کامل |
| جنوری ۵۲ء | کشمیری شاعری اور اسکے اصناف | کامل |
| اپریل ۵۲ء | مہجوٗر زبن بوٗزبن تل | کامل |
| فروری ۵۴ء؟ | کاشُر شاعری ہُندٕ گوڈٕ کال | پشپ |
| ستمبر ۵۵ء | شمس فقیرن سوز | پشپ |
| اکتوبر ۵۵ء | سون گندن وڑوہ کن | ناٗدم |
| فروری ۵۶ء | کاشری زبان تہٕ شہری گامی سوال | کامل |
| جولائی ۵۶ء | طبقاتی شعور تہٕ ادب | اختر |

کوہ نگ پوش فایل دٕھراون واَلی دِن باپہٕ نظرٕ نادم، پشپ تہٕ کاٗمل سندی یم ادبی تحریر چھِ علمی، تاثراتی، تحقیقی تہٕ معلوماتی مِلہٕ مِش آسنہٕ سئتی محنت کش طبقس سئتی ہمدردی تہٕ پاسداری ہاونچ کٔنی کوشش۔ یمن اندر کٔشر پاٹھے آسی ژٔن ٹیکے چھ آٹھن ؤری یٔن ہندہِ امہِ بالادس ترقی

---

[۳] کوہ نگ پوش اوس باضے شمارن تاریخ دِنس کینٛہ دٔلا ترٛ ؤو۔ یمن شمارن تاریخ چھینہ دِنہ، تمن چھُہ مینے پننی کنی محنتہ سان تاریخ کھرہ کوٚرمت۔ تو تہٕ ہیکہ غلطی ہنز گنجاٗئش نیرتھ۔

پسند دورکہ کاشرٕ زبانٔی تہٕ ادبس پیٹھ تنقید کُنٕی منوٕ [۴۵]۔ ہرگاہ
یمن اَزٕ شِیٹھ معیارٕ وکِنی تنقید دٕ لوٗ نہٕ، سام تہٕ ہیکوک ڈٕنتھ۔ راہی
تہٕ فراق چھِ ییمٕ ابتدٲئی سام تام ہیٚنہٕ والین منز کُنہٕ نظرٕ گژھان۔

انجمن ترقی پسند مصنفّین چہ آسہ باضابطہ ادبی مجلسہ لگان۔ یمن منز ادس
مختلف تخلیقاتن پیٹھ بابہٕ وآنی تنقید نہٕ سپدان۔ یہ آس اکھ مشترکہ تنقیدی
عمل امِچ کارٕ وآیی آس قلمبند نہٕ سپدان۔ سومناتھ زتشی، غلام نبی فراق،
غلام نبی خیال روٗدی یہ کارٕ وآیی مختلف دفتن پیٹھ لیکھان۔ خبر فراق صاب
کِتھ پاٹھی چھِ یہ ساڑے مشترکہ تنقیدی عمل نہٕ منساوان تہٕ چھرا پنُن تہٕ
راہی سُند سُہ ادبی تنقیدی دیت چھِران، یمٕ نہٕ قلم دُچھ نہٕ کاغذ۔
البتہ یمن وُٕریٕن اندر چھ راہی، اختر تہٕ فراق سندی یم نظریاتی مضمون
چھپان۔

| | | |
|---|---|---|
| مئی ۵۲ء | مارکسی ادبی تنقید کیا گو؟ | راہی |
| | سرمایہ داری تہٕ کلچر | فراق |
| نومبر ۵۵ء | افسانہ کیا گو | اختر [۴۶] |
| فروری ۵۶ء | ادب کِتھ گو پادٕ | اختر |

---

۴۵ ممکن چھُ اکھ زٕ مضمون ما آسن ییمتی، مگر ییتر ہیٚنہٕ چھِ سبکہٕ: راہی تہٕ فراق سُند چُھنہٕ کانٛہہ ادبی تنقید زٕنہہ درامُت۔ ادبی مضمون آسہٕ نہٕ اوموکھ لیکھنہٕ یوان زٕ پرٛون ادب اوس تہٕ کالنہٕ تہٕ ژھونڈمت

۴۶ اختر صاب چھُ ستمبر ۵۵ء اندر نصیبہ ڈراما ہیتھ گوڈنچہ لٹہ کونگ پوشس اندر یان ہاوان چنانچہ کونگ پوش چھُ ایڈیٹوریلس اندر لیکھان ـــ "اختر محی الدین ڈراما یس اکس پرانہ دلیلہ ہنزٕ بنیاد پیٹھ لیکھنہٕ چھُ آمُت، چھپان پاٹھو ورتاونہ آمُت۔ اختر صاب تہٕ چھِ ازگوڈنچہ لٹہ کاشرس کونگ پوشس سگونہ آمُت" ـــ اختر چھُ کونگ پوش نیرتھ ستہٕ وہری ۵۵ ہس اندر نتھ کاشری پاٹھو سگوان مگر فراق چھُس ۵۰ء پیٹھے خباثلی ممرآیی دِوان۔

بین نظر باتی تہٕ مولوٲتی مضمون منز نہٕ چھُ کاشرِ زبٲنی ہُند کانہہ کوٚنہے
آمُت نِبشہٕ نادِنہٕ، نہٕ چھُ کاشرِ ادبُک نثری یا شعری، کانہہ گوشہٕ
آمُت گٲشراونہٕ۔ اگرچہ دعوا چھُ کرنہٕ آمُت ترقی پسند ادبی تنقید کاشرِ
زبٲنی اندر اَننُک۔ اَمہِ علاوہ گوٚژھ وَنُن زِ، ترقی پسند مصنفین چِھن
مجلسن اندر یِم تنقید (کاشرِین تہٕ اُردو تخلیقاتن) سپدان آسی، تِم آسی
نا مارکسی نظریہ مُطابق سپدان؟ یہ نظریہ زانن وٲلی آسیا صرف راہی تہٕ فراق
صٲبی یوت؟ اکِہ طرفہٕ اوس پروفیسر سُتیپ صٲب کاشرِین شاعرن تہٕ
شاعِرن، بِننہٕ آیہٕ، ییتھے ژٔنِنھے پھیٖر دِوان، تہٕ بیہ پاسہٕ اوس راہی
صٲب سوویٹ رُوس چِھن ریاستن یہ کُنتھ زان کرناوان زِ "بین
ملکن منز کم لوٗکھ چھِ کمہِ طریقہٕ زندگی گذاران" خاص کرِتھ یہ ما وچھ کوشش
کران زِ ــــ "ییلہ کُنہٕ ملکس منز موٚزدورن ہنز حکومت چھِ قٲیم سپدان
سہٕ ملک عٲکِس کالس منز چھُ زیادہ کھوتہٕ زیادہ ترقی لبان" مضموٗن چھِ
تاجکستان (شمارہ ۴، اکتوبر ۵۰ء) ازبکستان (شمارہ ۵، ۶) قزاقستان
(شمارہ ۷، ۹) آذربایجان (شمارہ ۸)۔ یہ ہیکہٕ رُت رُوسی گایڈ آسِتھ
مگر کاشرِ زبٲنی ہُند ترقی پسند ادبی تنقید ماہیکوس وُنِتھ۔

کوٚنگ پوش پتہٕ کینژہ کالی دراو نومبر ۵۲ء اندر گلریز۔ یِم دوٚ لوٚے
رسالہ گِیہٕ، اکھ وُزی پتھ بروٚنہہ، بکو ٹسو رگواس۔ دَپہو کوٚنگ پوشس
منزیٚ تہٕ اَنھی گلریزس اندر ما چھُ بہنُد ترقی پسند ادبی تنقید شایع
سپُدمُت، تہٕ تہٕ چھُنہٕ۔ نومبر ۱۹۵۲ء پیٹھہٕ ۵۵ء تام ییلہ زن گلریز بند سپُد،

چھ نتھ اندریم کینہہ ادبی مضمون شایع گآمتی ـــــ پرمانند (جیالال کول) رسل میر (امین کامل)، فردوسیٔ کشمیر وہاب (پروفیسر حاجنی) کشمیری زبان میں مرثیہ نگاری (تنہا انصاری) اسمال بٹ صفاپوری (حبین نقشبندی) حبیب اللہ نوشہری (پروفیسر شمس الدین احمد) روپ بھوانی (نندہ لال کول طالب) حبہ خاتون کے گیت، سید شمس الدین غمگین (تحقیقی پیشکش ؎۵) ـــــ یمن منز نہ چھُ فراق تہٕ نہٕ راہی ۔ یتھ کوٗت گو یہُندسُہ لیو کھمُت ترقی پسند ادبی تنقید یمیٔ کاشر زبان تہٕ ادب سیاستس نزدیک واتنو تہٕ یمیچ ذکر فراق صاب ٹھینکہٕ کران چھُ ؟

## دوٚیم

سوٗدہک مُشر چھِے پوٚز پوٚز باوُن
ایمان ژونگ چھُے رٔچھ واوَے

نندہ ربشن یہ شار مشرآونہ چھُ فراق صاب بروٹھہ یہن لیکھان:

"۱۹۵۷ء پیٹھ ۱۹۶۰ء تام چھُ سُہ وَق یوان یتھ اُسی تیارٔی ہُند زمانہٕ وَنو ۔ مقامی ترقی پسندی چھُ ٹھہراویوان تہٕ اتھ مقابلہ چھُ زیادٕہ جاندار تہٕ ادبس عہ سنتی انصاف کرن وول تنقید تلاش کرنگ بندوبست سپدان۔"

---

؎۵ آخری زٕہ چھ میانہٕ قلمہٕ، اگرچہ ناو چھکھ نہ دِتھ، صرف چھکھ تحقیقی پیش کش لیکھتھ حاشہٕ پٮ٘ٹھ کانہہ تہٕ ذور تہٕ چھُنہٕ ۔ اما پوٚز یم چھُ گوڈنکی سے شمارس (نومبر ۶۵۲ء) اندر، یُس میٔے تیار چھُ کوٚرمت ۔ یمن ہرگاہ کانہہ اہمیت چھُ سہ چھُ محض تاریخی ۔

فراق صابُن مُدا چھ یہ وَنُن زِ ہیوَ ژوٗرَو ووُزی لوٗ پیپٹھ چھ اُد بین اثر اکی نفیپہ منہ کلان۔ دوہی نی بھۍنہ شِٹھ ترقی پسند نظر یہ کنہ اَدبس پیٹھ کھاٹے سپدان، بلکہ چھُ ہر کانہہ ادیب پننہِ پننہِ اَمانہِ تہٕ آناد سوچہٕ تنقیدی قلم ژلنگ منز کران۔ یہ چھُ سُہ نیارِی ہند زمانہ یتھ اندر انصاف کرُن تنقید نھنہ چھُ ہیوان۔

مگر فراق تہٕ راہی صاب چھِ اَتھ نیاری ہندس زمانس اندر تہٕ نا نیارِ آسان اَتھ نیاری ہندس زمانس تہٕ یم وِس ژُلان چھ، تم چھِ، پروفیسر حاجنی، پروفیسر لیشپ، محمد یوسف ٹینگ، امین کامل، غلام نبی خیال، شمس الدین احمد، اختر محی الدین، پروفیسر حامدی، لوز محمد بٹ، بیترِ۔ یم چھ لوکٕ کہو بڈی اَدبی مضمون لیکھان، کلچرل اکاڈمی ہندہ خاطرہ ادبی کتابچہ ترتیب دوان، سونَ ادب تہٕ پرتاپ میگزینکِ صفہ پارَان۔ اما پوٚز فراق تہٕ راہی چھ دوٚدی نمانشہ وُچھان اَتھ نیاری ہندس زمانس تہٕ انصاف کرُنس تنقیدس ز سُہ کتھ پاٹھی چھُ زایُن لبان۔

کوتاہ تعجب چھُ زہ فراق صاب چھُ ترقی پسند ابتدآئی زمانکی پاٹھی، نیارِی ہُند یہ زمانہ تہٕ پننہِ ناوہ کران، لیکھان چھُ:

> "یمو یہہ دٔرس منز شامل کینہہ اہم شاعر تہٕ ادیب روٚدی شعوری طور پننِ پان نظریاتی تھکہ بوٚتہ پابند بوٚنتہ آزاد کران..... راہی چھ تہٕ اَتھ جدوجہدس اندر گنے زوٚن بلکہ چھ تس عہ ستی مزید کینہہ نفر آسان، یمن منز غلام نبی فراق تہٕ اختر محی الدین شامل آسان چھ۔"

وُچھنا مُتی برم ـــ؟

## ترٛیمہٕ

دوٚن وکھرٕ وقتن ہندی ہرگاہ ٲسہٕ بزٕم پانہٕ وٲنی رٔلن تہٕ، تہنٛد نہٕ رٔلُن تہٕ چھُ اکھ بزٕم۔ فراق صاب چھُ سون ادب ۷۶ء اندر "کاشُر تنقیدنگاری" عنوانہٕ تحت ۴۸ پیٹھہٕ ۵۷ تام کِسِ تنقیدِ متعلق لیکھان۔

" رحمان راہی، لوٗن محمد روشن، اختر محی الدین، امین کامل تہٕ غلام نبی فراق چھِ ترقی پسند نظریہ موافق ادب تہٕ تنقیدِ برونٛہہ پکناوان۔ یمن ستی چھُ یہِ اپنہِ پنٕنِ منزٕ منزٕ پیٹھ کالہ کیٛن کاشرِن شاعرن پیٹھ تنقیدی مضمون لیکھان یم مولوٗماتی آسان چھِ۔ کاشُر تنقید یہِ دور چھُ ۴۹-۴۸ پیٹھہٕ ۵۷-۵۶ تام روزان ـــــ یہِ چھُ کوٚنٛگ پوشس منز چھپان ـــــ یہِ تنقید چھُ آسان مارکسی، تاثراتی، مولوٗماتی، توارٕخی بٕہرِ ہُنٛد اکھ وجود۔ ۵۶ء پیٹھہٕ کُن چھِ نظر، تن منز تبدیلی یوان۔ ادبُن ہُنٛد یوٚہے دور پیٹھ منز راہی، اختر، کامل تہٕ فراق آسان چھِ، پتہٕ یمن تخلیقن منز اکھ تبدیلی جاے ییران" ـــــ بٕہ ما چھِ سمسار!



---

۱ۓ پیٹھ منز چھِ روشن تہٕ کامل ہُریانہٕ۔ خبر روشنن کم تنقید لیکھ۔ نتہٕ تمی منز شاعری تہٕ افسانہٕ مراد چھِ۔ نادم، زتشی، ہاروٗن، مجبور بیتر آسا دٕرمیہ پیٹھ یان؟

۲ۓ بٔشین تہٕ ہرگاہ مولوٗماتی تنقید لیوٚکھ، اگر ہیوٚ کیا ٲسہٕ آوکھٕ نہٕ؟ پیٹھ دپان ٲسہٕ اوس "منزٕ منزٕ" لیکھان، نتہٕ کمی سا لیوٚکھ "پوٚنُس پیٹھ"

## ** خطِ ارشاد تہٕ ژور پوکھابہٕ

پیری مُریدی روایت چھہٕ صوفی سلسلن منز بڈٕ وَتھ آمژ۔ پیر چھُہ پننِس مُریدس رُوحانی وَتہِ لاگان، راہ یاوتھ کران تہٕ منزلس تام واتنکہ طور طریقہٕ ہیچھناوان۔ بلہ مُرید یُس ناہکو ندٕو نیران چھُہ، اَدٕ چھُس پانس مرشد بننہٕ لوکن روحانی تربیت کرنکُ اِذن میلان۔ یُتھے اکھ تحریری اذن (خط ارشاد) چھُہ جناب میر محمد ہمدانیؒ سُند نُند ریشی نہِ ناوٕ خانقاہ معلّاہس اندر موجود۔ تاریخ تحریر چھُس ۱۵ رجب ۸۱۴ءؔ[1] کشیرِ ہِند بِن تذکرن تہٕ تاریخن سام ہینہ وِزہٕ چھہٕ تژھہ کینہہ کَتھہٕ تہٕ بروٗنہہ کُن یوان، یمن کُن یاتہٕ ظوٗنے چھُنہٕ گومت، نَتہٕ چھَنہٕ تِمن اَند بوٗد دِچ کانہہ سبیل دراہژ۔ مگر کُنہِ تہٕ قومچہ علمی، ثقافتی تہٕ ذہنی زندگی خاطرہ چھُہ تِژھن وَرداتن پھیر دیُن تہٕ کوس کڈُن سیٹھے اہم۔ اَدے چھِ اَسی اَتھ خط ارشادس اکھ تحقیقی نظر تراونچ کوشش کران۔

گوڈنیچ پرکھ

ساٗنی ساری تواریخ چھہٕ یک راے زِ جناب میر محمد ہمدانیؒ آیہ ۷۹۶ ہجری[2] اندر کشیر۔ چنانچہ "کاشرن بیراہ آو"[3] ابجدی تاریخا نہِ چھُہ نندہ

---

ؔ۱ ۲۔ نومبر ۱۴۱۱ء

ؔ۲ ۶۹۴/۱۳۹۳

ؔ۳ ابجدی تاریخ چھُہ "کاشرن" بجایہ "کاشرن" لیکھنہٕ سیتی ۷۹۶ھ نیران۔

ریشس کُن لاگنہٕ آمُت - یم چیز یکطرف، اُسی وُچھو جناب میر محمدؒ ہمدانیؒ کرگیہ کشیر پیٹھہٕ بیٚن وطن واپس روانہٕ -

سارنیے پژِون تاریخ چھُ سیّد علی سُند" تاریخ کشمیر" (۱۵۷۱ء) سیّد علی اوس پانہٕ ہمدانی ساداتو منز - یمیٚلہٕ خانقاہ معلاّ تامیر سپُد، اہنٛد مول سید محمدؒ لیُس حضرتِ امیر کبیرسٕ رشتہ دار (بنی عمام) اوس آو تمیک مُتولی مقرّر کرنہٕ - سُہ چھُ لیکھان :-

"جناب سید محمد ہمدانی روٗدی بہن وُری ین یتھہ ملکس اندر- دینیات سِتی تولق تھاون واجنی کانہہ تہٕ کام آیہ نہٕ اُہنٛدِ اجازَتہٕ ورأے کرنہٕ" ؎۴

اَمہِ پتہٕ چھُ محمد اعظم دیدمری (۱۷۴۷ء) تہٕ پننس " واقعاتِ کشمیرس" منز بہن وُری ین تایید کران :

"خدایہ سندی ٹاٹھی حضرتِ میر محمدّ ہمدانی چھ امیر کبیر سند فرزند ارجمند۔ بہن وری ین رُود ی کشیر اندر" ؎۵

بیٚیکنی چھُ عبدالوہاب نوٗری (۱۷۴۹ء) پننہِ " فتحاتِ کبرویہ" اندر بیمنیے بہن وُری ین تصدیق کران :

---

؎۴ "تا مدت دوازدہ سال جناب سیّد محمد ہمدانی دریں دیار گرفتہ۔ ہر کاروباری کہ منعلقہ دینی بود بے اجازت ایشان نکردہ۔"

؎۵ "مقرب ربّانی حضرت میر محمّد ہمدانی فرزندارجمند امیر کبیر است۔ دوازدہ سال درکشمیر وارد بودند۔"

"جناب سیّد رؤدی بہن[۱۲] ورٕی ین کشیر تہ اندی پکھی علاقن
منز پھیران تھوران........... آیہ مشیدہ تہ
خانقاہ بنا دنہٕ" ۶ھ

ہیتون تو آریخ گوہر عالم" (۱۷۸۵ء) سُہ تہ چھ بہّے ورٕی ونان:
"جناب سیادت مآب رؤدی بہن[۱۲] ورٕی ین خدائے گارٕن
والین طریقتکی طور طریقہ تہ حقیقتکی اسرار کشیر اندر بادان" ۷ھ

ییتھے کنہٕ چھ باقے تو آریخ تہ ونان ز جناب میر محمّد ہمدانی[۲۰] رؤدی کشیر
اندر چھرا بہن ؤرٕی ین۔ ۷۹۶ ہیپھٕہ یلہ تم کشیر آیہ؛ بہہ[۱۲] ورٕی گنز رٕ آوتھ
چھُ تہنٕد والپس گرٕ ھنک سَنہٕ ۸۰۸ھ بنان۔ ۸ھ اتھ صورتس منز کتھہ
پأٹھی چھ خط ارشادس ۸۱۴ھ تأریخ دِتھ؟

البتہ زٕہ[۲۱] تو آریخ چھ ونان ز میر محمد ہمدانی[۲۰] رؤدی بتہٕ ز تو وہن[۲۲] ورٕی
ین۔ اکھ گو پیر حسن کھو یہامی سُند تأریخ حسن (۱۸۹۲ء) دؤیم گو حاجی محی
الدین مسکین سُند "تاریخ کبیر" (۱۹۰۴) یوت تام مسکین سُند تولق
چھُ، سُہ ییتھہٕ کنہٕ باقے واقاتن حسنس پِٹہٕ لوٚدچھ پوٚکمت، تتھے کنہٕ چھن
اتھ تہٕ تمی[۲۳] سے پأٹھی ورٕی گرٕمژ۔ حسنس چھ مٕنبے باسان کتابت غلطی

---

۶ھ "جناب سید دوازده سال در کشمیر و اطراف گذرانیده در جائیکه.......
....... مساجد و خوانق بنا نمودند"

۷ھ "جناب سیادت مآب دوازده سال ارادتمندان بارگاه الهی را تلقین امور طریقت
و معارف حقیقت... بکشمیر کردند" ۸ھ ۱۴۰۵ء

لجمرٕ ۹ھ۔ سُہ چھُہ میر محمدؔ ہمدانی پشٕنز وآنس یوٗ ریٚتہٕ وِزٕ ۲۲ وٕری وتان۔ جُملہ کُنۍ آسنہٕ کنۍ چھُہ بے خیالی منز تہٕندِس بیٚتہٕ رٕ وزلس تہٕ ۲۲ وری لیکھتھ گوٚمُت

"بہ عمر بیست و دو سالگی بمرافقت سی صد رفقا تشریف ارزانی داشت و مدت بیست و دو سال درین بلاد اقامت نمود"

ڈاکٹر محبّ الحسن تہٕ چھُہ پنہٕ لِس "کشمیر انڈر دی سلطانز" (۱۹۵۹ء) تاریخس اندر بھۍ وری مانان:

"محمدؔ ہمدانی روٗدی کشیر اندر تقریبن بہٕ وری ین" [۱۱]۔ حالانکہ اَمِس چھُہ نظر حسنس تہٕ مسکینس پیٹھہ تہٕ اعسمٕر، اِمۍ ژٕ ینہٕ وَن چھُن فٹ نوٹس اندر دِژمٕژ۔ موٗرخ آر۔ کے پارموٗ تہٕ چھُہ اَتھی پکھ رٹان ــــــ

"تم گیہ بہٕ وٕری ین یتہٕ قیام کرِتھ واپس" [۱۲]

---

۹ھ حسنَ اوس سیف الدین کاتب، ممکن چھُہ یہ سہو آسہٕ تمۍ سے گوٚمُت۔

۱۰ھ یہ چھُ ممکن زٕ یتھہٕ کنۍ حسنَس سلطان سکندر بڈشاہ تہٕ شیخ العالمؒ سندِ ین توارِخی سَنن اندر ہیپیر چھُہ گوٚمُت، اَتھ اندر تہٕ آسِہس گومت۔ کرِی توٚ حساب۔ میر محمد ہمدانی چھُ سلطان سکندرسندِس وفتس اندر واپس گامتی۔ سلطان سکندر گُذریوو ۸۱۶ھ (۱۴۱۳ء) اندر۔ ہرگاہ میر محمد ہمدانی زٕ وری یروتہہ ۸۱۴ھ اندر یا اکھ وری یروتہہ ۸۱۵ھ اندر واپس گامتی مانوکھ، تیلہ چھِہ تم یتہٕ کُل بلِ ۱۸ وری یا ۱۹ وری روٗدی متی۔ وہٕ نی کوٚت گیہ ۲۲ وری؟ اَتہٕ چھُ ژوٚن پانژن وٕری ین ہٕند ہیپیرٕ بوان۔

۱۱ھ "محمدؔ ہمدانی نے کشمیر میں تقریبًا بارہ سال قیام کیا" (ص۹۰) ترجمہ علی حماد عباسی، دار المصنفین اعظم گڑھ

۱۲ھ

حَسنَس ییٚمہ تہِ پآروی کرمژ چھہ، تمیٚ چھہ تِسٕنزِ کتھہ (۲۲ ؤری) پھِرِ مژِ مشلَن ڈاکٹر صوفی[۱۳]۔ ییتھہ کنِہ چھہ اکس حُسنس ورٲے (بُل چِک پھٔتر تھاوِتھ) تمام قدیم کہو۔ جدید تاریخ دان ونان زِ جناب میر محمدؒ ہمدانیؒ گیہ ۸۰۸ھ اندر واپس وطن روانہ۔

### دوٚیِم پرکھ

۱۹۵۲ء اوس نہِ اکس مجلسہ اندر وَون اَکہِ صاحبن زِ خانقاہ معلاہس اندر چھُ سُہ اصل خط ارشاد موجوٗد ییُس میر محمد ہمدانی صاحبن نُندرِ ریشس دیتمُت اوس۔ محفل اندر اسی غلام حسن بیگ عارف تہٕ بہ تہٕ۔ لازمن گوسُہ وُچھنکُ شوق پٲدہ۔ مگر خانقاہٕ چی حضرات اَمہِ خاطرٕ آمادہ کرنکُ سوال آو بُتھِہ۔ آخر ہیوٚ عارف صاحبس غلام احمد زہرہ مرحوم سُند ظوٗن۔ تمی سنٛزہ کوٗششہِ تہٕ وزیر اعظم بخشی غلام محمد مرحوم سندِہ منظوٗرِ تہٕ کنی سپُد یہ دستاویز بہم۔ یوٚت مسلہٕ گواَ کنی پٲدہٕ زِ تمن دوہن خانقاہ معلا اندر مُیتھہ دستاویز نمبر کڈُن تہٕ کالنہ پَرُن اوس نہ سہل معاملہ[۱۴]۔ پَتہٕ روٗز نہٕ تیٚژ سختی۔

مرزا عارفن تہٕ میٚے اوس تِمنے دوہن گلریز (نومبر ۱۹۵۲) کڈُن

---

[۱۳] ڈاکٹر مرغوبن تہِ چھہ ۷۹۶ھ پیٹھہ ۸۰۸ھ تام کہِ بہنے ؤری مونمُت (سون ادب ۱۹۸۱ء)

[۱۴] مرزا عارف صابن چھہ یم حضرات بلکل مُشراوِتھ لیٚوکھمُت "ییُس میٚے خوش قسمتی کِنی ۲ دُ منز خانقاہ معلی چہ لائبریری منز حاصل کرٕ تھ رسالہ گلریز کس دسمبر پرچس اندر چھپاولو ومُت چھُ (لُوز آگر، مرزا ادبی سنگم شوپیان ص ۸۳)

ہیوٗ ہمُت۔ یہ اوسُس ترتیب کارنہٕ عارف صاب اوس بأنی۔ چونکہ خطارشاد اوس عربی پأٹھی اَدَکنۍ آو یہ اُردو ترجمہ بابتھ پروفیسر حاجنی صأبس دِنہٕ۔ چنانچہ آیہ اصل عبارت تہندِ اُردو ترجمہ سان گلریزُکس دومبس شمارس (دسمبر ۱۹۵۲) اندر صفحہ ۱۳ پیٹھ ۱۶ تام شایہ کرنہٕ۔ پروفیسر حاجنی صأب چھ علمدار رسالس اندر باسِ دِوان زِ تِمو یہ دستاویز ہمی حاصل کوٗر نہٕ سُے اوس گلریزُ نہِ کڈان:

"حضرت میر محمد ہمدانی نے جناب شیخ کو خط ارشاد عطا کیا۔ یہ خانقاہ مُعلیٰ میں آج بھی صحیح حالت میں موجود ہے۔ اس کا متن میں نے اُردو ترجمہ کے ساتھ دسمبر ۱۹۵۲ء میں رسالہ گلریز میں شایع کر دیا ہے۔" (علمدار ص ۸)

بہرحال امہٕ خط ارشادکِہن اہم حصَن ہُند ترجمہ چھُ پیش —

"زانُن گژھہِ زِ بیعت چھِ بے شک انبیا، علیہ السلام تہٕ خُلفاءِ راشدینن ہنز سنت۔ یہ سنت روزِ قیامژ تام گژھہِ تہٕ ادلا بدلی ورأے جأری۔ اَوکنۍ چھُنہٕ کأنسہ تہٕ اولیاہس یا عالمس جأیز زِ سُہ کرِ پننہِ اختیارٕ خلافتُک دعوا، یوٗت تام نہٕ تِتھس پیرِ کأمل سُند اجازت آسِس، یمی یا نہٕ کأنسہ تِتھس مرشدس نِشہِ اِذن آسہِ حاصل کوٗرمُت۔ یمی سُند سلسلہ نبیؐ اکرمن تام ستی اژھینی پأٹھی رلان آسہِ...."

"خدایس کُن گژھَن واجنہٕ وَتہٕ چھِ بے شمار .... تِمو منز چھُ

ہمدانی کبروی سلسلہ سبڑاہ تھَد پایہ، شرلفیانہ تہٕ حُسینی[۱۵]
مذہبی طرلقہٕ - ارِچ رہبری کرٕ میٚنے پننی بابہ صٲب علی الہمدانی
قدس اللہ سرالسبحانن ..."

"میانی بآئے نورالدین کشمیری یَن، یُس نیکوکار، عارف،
صاحب کشف وکرامات چھُ، یُس عابد تہٕ چھُ تہٕ زاہد تہٕ، کرٕحال
ہاوتھ تہٕ زیلہٕ باوتھ از حد تہٕ بے نہایت عاجزی زٕ تم سپدِن
تھَدِن عاشقن ہندس یتھ سلسس منز داخل.... میٚنے دیُت
تس اجازتھ زِ سُہ کرناوِ ژٕھِ والین توبہ، تمن ہیٚیہ بیعت
تہٕ ہدایت چھِ وَتہٕ پکن والین کنہِ تربیت.... تمن آو چلہ
کشی ہنٛد تہٕ ہمیشہ خلوکھ روزنُک تہٕ اجازتھ دِنہٕ، یہٕ زَن
ساداتن ہندس یتھ طرلقس منز پسند چھُ لوان کرنہٕ...."

یوٚہے چھُ سُہ خطِ ارشاد یمہ مطابق ننده ریوٚش آو میر محمد ہمدانی سُند
مُرید گنزراونہٕ. یہ اوس گوڈ تہٕ سُہ اوس ژاٹھ. مگر ہپآری چھِ ساری تذکرہ
تہٕ تاریخ وتان زٕ نُندہ ریوٚش اوس "اُوَیسی". اُویسی گو سُہ شخص یُس محض

---

۱۵ نجم الدین کبرٰی سندس سلسس گیہ زٕ شاخ. اکھ گو نوربخشی سلسلہ یمیُک بانی امیر کبیرؒ سند بنتھر تہٕ خلیفہ سید محمّد نوربخش اوس. یہ چھِ ژٕھ شیعہ مسلک (گلگت اور شنا زبان از ڈاکٹر محمد شجاع ناموس اُردو اکیڈمی بہاولپور پاکستان) دوٚیم گو امیر کبیرنؒ "حسینی مذہبہ" یہ اوس ہتالچکدار تہٕ سنی لوکن منز وُیہِ وُن.

پتہٕ تہٕ ذاتی تجربہ تہٕ دباہٕ ضرت ستی گانسہ نہٕ پیرس مرشدس روس عرفان حق پراوہ۔ اَتھ طریقس اندر چھہٕ سیدہٕ سیوٗد نبی اکرم صلعمن تہٕ باطنی فاٗص یوان تلنہٕ۔ عبدالوہاب شایق چھہٕ "ریاض الاسلام" (۱۷۵۶ء) تاریخس اندر لیکھان:

ذہے نوٗردین قدوۂ ریشیان | بہ محشر علم داد کشمیریاں
زلس پیروی در شریعت نمود | بدوران خود قطب الاقطاب بود
قدم با قدم داشتہ با رسولؐ | ز اتباع سنت شدہ با قبول
اویسی است آں نورالدین ولی | ضمیرش ز نور نبیؐ منجلی

[ یعنی نوٗردین آسہٕ قیامتس دوہہ کاشرین ہند علمدار۔ تمی کر پیٛروی نبیؐ کرمین ہنز پاٛر وی۔ سُہ اوس اویسی تہٕ نورِ نبیؐ ستی اوس باطن روشن سپدمت ]

حضرتِ بابا داوٗد خاکی چھہٕ "قصیدہ لامیہ" ہس (۱۵۸۰ء) اندر لیکھان

ریشیان این دیار اکثر اویسی بودہ اند | چشم عبرت بین ایشان بودہ از غیب اکتحال
شیخ نورالدین ریشی پیر جمع ریشیان | زاہدی خوش بود با حق داشت بسیار اشتغال
صاحب کشف و کرامت بود نطقی خوب داشت | ہم اویسی بود گفت این راوی صدق مقال

[ یعنی یمہٕ ملککی ریشی آس اکثر اویسی۔ شیخ نوردین اوس تمام ریشین ہند سردار کشفہٕ کراماژ وول، شاعر تہٕ اویسی ]

مفتی جلال الدین مرحوم چھہٕ لیکھان زِ شیخ العالم —— "سید میر محمد ہمدانی قدس اللہ سرہٗ کی تشریف آوری سے پہلے ہی اُس مقام تک پہنچ چکے تھے کہ خود حضرت موصوف کو بیعت کرا سکتے تھے اور اُن کو اپنے حلقۂ ارادت میں

شامِل و داخِل کرٕ سکتے تھے ؂۱۶

سوال چھُ وۄنھان زِ بلِہ اکہ طرفہ ننِدہ ریۆش اویسی اوس، بیہ طرفہ اوس خطِ ارشاد چہ عبارژ مطابِق قدیم اعلا رۄحانی مقام پرٛوُمت، تیلہ کمہِ خاطرٕ ژاو سُہ کبروی سلسلس اندر تہٕ کرٕن میر محمد ہمدانی سنز بیعت ؂۱۷ ۔؟ مفتی جلال الدین چھِ اَتھ یہ جواب دِوان زِ یہ بیعت آس محض نٲو باد ـــــ "حضرت شیخ العالم جو بیعت ہوئے ہیں وہ ایک رسمی بیعت تھی۔ یا یوں کہیئے کہ ایک تبرکی بیعت تھی..... ورنہ ناقابل ابطال امر واقع یہی ہے کہ اس بیعت سے پہلے ہی حضرت شیخ باطنی تربیت کی بدولت طائر اعلیٰ پر جاگزیں ہو چکے تھے"۔ یہ جواب چھُ اہم سُہ تہِ مُفتی شہرتہٕ عربی فارسی زبانٕن ہندِس عالمہٕ سندِ قلمہٕ۔

دپان میر محمد ہمدانی گیہ نندرِ شیس سمکھنہٕ خاطرٕ شہر پیٹھ گام۔ نندٕ ریۆش تہٕ دراکھ احترامن بُتھِ۔ دۄشوے کرٕ پانہٕ وآنی کتھ باتھ۔ آخرس

---

؂۱۶ ریشیات (کلچرل اکیڈمی) "اویسیت اور ریشیت" ص ۲۲ (۱۹۷۸)

؂۱۷ بہاؤ الدین منو چھِ خمسہٕ بہائیہ (۱۸۱۷ء) اندر ونان زہ میر محمدس آس حضرت امیرنٕ بشارت دِژمٕژ ـــ این زماں قطب اویس آنِ او/ کہ مسمی بہ نور دین است او/ بیش او دمگذ ریضہٕ آد/ کُن زِ فیض منش صحبتہ باب/ فیض او از رسول حق دارد/ ویسی است وازو سبق دارد/ از محبت دلش فرو گیرد/ کہ مجازش بہ کبروی گردان ــــ یعنی نور دینٕ قطب اول چھُ نس نشہ ادب ریچھنک تہٕ نس نشہ خاص تلقین چھُ آمُت کرنہ۔ اویسی ونتھ رسول برحق نشہٕ نُند براہ راست فیضان حاصل کرُن، مانتہٕ چھُ آمُت بُتھہ کمہِ موکھہ اوس تس کبروی سلسلس منز اژُن؟

دۆلس میر محمّد ہمدانی صاٲبن بابنٲ ولوم پنُن مُرید، نتہٕ ہُنٛد میانٛی مرید (یا بیعت دِہی یا بگیری)۔ اَتہٕ اورکیا سپُد، تمہٕ متعلق چھُ اصل ریشی نامہ باباخلیل سٕندِ ژٕنتہ ژھوپہٕ ورناوان۔ ”بعدازاں در انکشاف رموزات استفادہ کردند“ ـــ یعنی اَمہٕ پتہٕ گیہ اکھ اکِس ندی خیالاتھ لوٗ ژتھ مُستفید۔ کاتھہ کاٲنسہٕ ہُند مرید بنیووا، تہٕ چھُ وُنہٕ آمُت۔ باس چھُ لگان، نہٕ چھُ بیعت آمژ دِنہٕ، نہٕ چھُ آمژ ہینہٕ۔ البتہ روحانی تہٕ تبلیغی مامَلن پیٹھ چھَ پانہٕ وٲنی کتھ باتھ سپزمژ۔ اَتھ سلسلس منز چھ ژوٗر کتھہ بوزنہٕ شوژمنگان:

گوڈنچ کتھ | خطِ ارشادچھُ تُہندِ ریشِس چِلّہ کشی تہٕ خلوتہ نشینی ہُند اجازتھ دوان۔ مگر تُنٛدہ ریشی اوس گوڈہ بلکُ بہ مرحلہ کرتام تر وومُت۔ سُہ اوس دوہٕنی گامہ گوم پھیرتھ اکھ تبلیغی، تمدّنی تہٕ روحانی زول کران۔ یہ چھ نوٚن تضاد۔

دوٚیم کتھ | خطِ ارشادٕ مطابق ہیتکہٕ سُے شخص بیعت ہیتھ یمہٕ سُند سلسلہ نبی اکرمن صلعم سٕتی رلان آسہٕ۔ یلہِ سُہ گژھہ سیّد آسن۔ ہرگاہ سیادت مرشد آسنُک معیار چھُ تیلہ کتھہ پاٹھی سپزا یہ میر محمّد ہمدانی تُنٛدہ ریشی سُند مرید بننہٕ خاطرٕ تیار؟ بلکہ بقول مفتی جلال الدین بحوالہ ”فتحات کبرویہ“ ـــ ”میر محمد ہمدانی شیخ العالمؒ سے بیعت ہونے کی استدعا تکرار واصرار کے ساتھ کرتے رہے“ (ص ۲۳)۔ آخر تُنٛدہ ریوٚش اوٚس نہ کانہہ سیّد؟ خطِ ارشادچہِ اَتھ کتھہِ اندر تہِ چھُ تضاد۔

ترٛیم کتھ | خطِ ارشادچھُ ونان زِ میر محمد ہمدانی صاٲبس آس بننی بابہ صاٲب

حضرت امیر کبیرنؒ کبروِی سلسلس اندر رہبری کرمژ[18] ۔ مگر تواریخ چھِ مختلف کتھ وَنان۔ سیّد علی چھُ پننہٕ لس تواریخس اندر اکھ واقہ لیکھان زِ سلطان سکندرسندس دربارس منز ووٚتھ اکہ لٹہٕ اکھ علمی بحث۔ اُتھ منز آیہٕ میر محمد ہمدانی صأبس علمی خأمی بُتھہِ۔ تمن آیہ خالس منز پنٕنی بابہ صأب نہٕ دوٚ ننکھ:

"اے گوٚبرہ۔ وصیّت آسمٕے کرٕمژ، گوڈٕ پَرِی زِ علم، پَتہٕ کرِی زِ سیاحت، چونکہ علم پوٚرتھ نہٕ، لہٰذا اِینٕے یِژِھے صوٗرتہٕ ہمیشہٕ بُتھِ" [19]

چنانچہ میر محمد ہمدانی چھِ حضرتِ سیّد محمدؒ حصاریؒ صابس نشہٕ کشیرہ منزے علم تہٕ حاصِل کران تہٕ رُوحانی تربیت تہٕ لبان۔ تمے چھکھ خطِ ارشاد تہٕ پیٚنٕ خلیفہ بناوان۔ اُتھ چھُ حسن کھویہامی تہٕ تذکرہ اولیاے کشیرس اندر تصدیق کران۔

"کنیژِ کاٚلی کرٕ حضرت محمدؒ حصاری صأبن ہین مجازی علمی کہو حقیقی تربیت ۔ تہٕ پٔننہِ خلافتک خطِ ارشاد کوٚرنک عطا" [20]

یہ کتھ تہٕ چھَ خطِ ارشادچہ عبارژ بلکل برعکس۔

---

[18] حضرت امیر کبیرؒ سندہ واصل بحق گژھنہ دزہ (۷۸۴ھ) چھ یم آٹھ وہری آسان۔

[19] "اے پسر من ترا وصیّت کردہ بودم اوّل علم خواہی خواند، بعد از آں سیاحت کُن، چون نخواندی، ہمیں قسم صورت ہا پیش می آید" (تواریخ کشمیر سیّد علی)

[20] بہ حِیہ غلام محمدؐ نور محمد کتاب فروشن چھاپمژ۔

بیا کھ اکھ سبٹھے اہم کتھا چھ برونہہ کن یوان۔ خوارق السالکین (۱۶۹۷) یتھ تاریخ ہادی تہ چھ ونان چھُ لیکھان

"بابہ صاحب سندِ وفات پتہ کو رکھ تہندی فرمان[۲۱] مطابق
بہ مُلکک براده یتہ کین بڈین لوکن خاص کرتھ مفتخر ارباب
یقین حضرت شیخ نورالدین قدس اللہ سرہٗ سُند کو رکھ
ارشاد تہ اجازتھ حاصل" [۲۲]

یہ چھنہ لوٚڑ کتھ۔ اَمیُک معنہ گو یمہ وِز میر محمد ہمدانی صاحب کشیرِ یوان چھ، تُنہ رِیوش اوس تتھ درجس ووتمُت زِ کاٗشرِ تہ صوفی بُزرگس اوس کشیرِ ینہ وِزِ تہُند ارشاد تہ اجازت حاصل کرُن ضروری بُنیومُت۔

حضرت میر محمد ہمدانی چھِ پانے ننددیشس سمکھنہ گژھان۔ بقول بابا خلیل تمنا چھ کراں "دست بیعت از تو آرزو دارم ..... یا بیعت دہی یا بگیری" "بقول فتحات کبروی" بار بار چھس اصرار کران "بہ کرِ تہنز بیعت، شیخن مولس نہ۔ نند ریشہِ تہ کو رس اِستدعا بے بتہ تہند مرید۔ یی رؤد اوِ یو محض نیتر می موکھ چلان[۲۳]۔ مگر خط ارشاد چھُ اتھ برعکس ونان زہ شیخ العالمن کرُ "از حد

---

[۲۱] فرمان یعنی وصیت [۲۲] بعد از وفات پدر بزرگوار باوجود عازم ایں دیار بواسطہ اجازت وارشاد اہل دِداد خصوصاً مفتخر ارباب یقین حضرت شیخ نورالدین قدس اللہ سرہٗ گردانید۔

[۲۳] "جناب سید فرمود من بیعت شما می کنم۔ شیخ قبول نکرد۔ شیخ نیز ازیں طرف ہمیں استدعا نمود۔ سوال وجواب ہردو مشہوراست۔

تہٕ بےنہایت عاجزی" کبروی سِلسلس منزا اثہٕ خاطرٕ۔ یہ چھُ اکھ بوڈ تضاد۔

**ژورِم کتھ**

خط ارشادے چھُ ونان زِ شیخ العالم اَسی کشف و کرامتن ہندِس اکس تھدس مقامس پیٹھ وٲتی متی۔ یُتھ بجہِ ہستی، یوسہٕ ساری سے کشیرٕ وِہاتہٕ کرٕتھ آس، سمکھنہٕ خاطرٕ گونا جناب میر محمد ہمدانی صٲبس ارداہن ورین اندر (۷۹۶ پیٹھ ۸۱۴ تام، نی مانِتھ) اکھ لٹہٕ تہٕ سمکھنُک شوق پٲدہ؟ پیٹھ یلہ تہندی اجازت پور تشریف تہٕ اوسکھ اوٚمُت (بقول تاریخ ہادی) تہٕ بابہٕ صٲبن اَمِس قطب آولیس سمکھنُک باندیاندا اوسکھ کوٚرمُت (بقول خمسہ بہا آیہٕ)

**ترٛیٚیِم پرٛکھ**

تیمورن کرٕی روٗسکی جنوبی علاقہ ۱۳۹۲ء (۷۹۵ھ) اندر فتح۔ لازمن ذرا یہ میر محمد ہمدانی تمہِ علاقہٕ اندرٕ کشیرٕ کُن، محفوظ جاے آسنہٕ کنی۔ یتہٕ بہٕ[12] وری روٗزتھ ۸۰۸ھ (۱۴۰۶ء) اندر واپس گژھن چھُ اوٚموکھ صحی تکیازہ امیر تیمور لیُٛ خاص طور علوی سادات سخ خلاف[24] اوس تہٕ یہٕ کنی ین کشیر کُن روٗخ ہیو کُرن، گذریو ۶ شعبان ۸۰۷ھ اندر[25]۔ لازمن موہ کلے سادات گرٕن گرٕ ہنچہٕ وَتہٕ۔ کینٛہہ گے کینٛہہ روٗدی[26]۔ حضرتِ میر محمد ہمدانی تہٕ گیہ تیمورنہٕ

---

[24] تیمور اوس ہمدان کین علوی سیدن سخ خلاف تہٕ ماران، تکیازہ یم آسی بڈی بڈی جاگیردار تہٕ سیاسی اقتدار کی مالک۔ یمن سٕتی اوس بنر داری بیٹھی سیدن تہٕ خلاف۔

(کشمیر انڈر سلطانز)

[25] ۷ فروری ۱۴۰۵ء

[26] ڈاکٹر مرغوب تہٕ چھہ "تاریخن کُھرکاستھ" ۸۰۸ھ بہٕنز واپسی مانان۔ (سون ادب) ۱۹۸۱ء

مرتہ پتہٕ ژوٗرہ ریٖنچ ۸۰۸ھ اندرے واپس شاہی خان (بڈشاہ) یُس

ستن ورین تیموٗرَن ملازمت کہ بہانہٕ بند یکھ اوس تھوومُت تہٕ آو

۸۰۸ھ اندرے تیموٗرٕ مرتھ سمرقند پیٹھٕ کشیرِ واپس[26]۔ سارِنٕے کھلے وَتہٕ ین

ظاہری نواریخی واقاتن ستی چھُنہٕ خط ارشادک ۸۱۴ھ رلان۔

ژوٗرِم پرکھ

عبدالوہاب نوٗری سُند "فتحات کبروی" چھُ کُنے تذکرہ یتھ اندر خطِ

ارشاد نقل چھُ آمُت کرنہٕ۔ مگر نوٗری صابن چھُ اَتھ تاریخ تحریر "فی لیلۃ

الجمعۃ خامسُ وَعشرین" ہووُمت یعنی برسوار ۲۵، رجب۔

حسن کھوٗیہامی چھُ اتھی پاروی کرمژ۔ اما نوٗز مسکینن چھُ جمعہ ۵، رجب تاریخ

ہووُمت۔

نوٗری صابن چھُ خانقاہ معلّاہس اندر تھپتھ سامتھ موٗلہ دستاویزٕ وُچھمُت،

نتہٕ کتہٕ اُتھے امیک نقل۔ الہام نتہٕ مادٕ نفس۔ مگر اُمی چھُ اتھ دوٗن جاین اَتھ

ژونمُت۔ اصل دستاویزس چھُ تاریخ دِتھ "فی لیلۃِ الجمعۃ خامس عشر"

یعنی برسوار ۱۵، اُمی چھُ عشر لفظس ۲۵ بناونہٕ خاطرٕ "عشرین" لیوکھمت[27]۔ خبر کیازِ؟

---

[26] بعد انتقال صاحبقراں شاہی خان در ۸۰۸ھ از سمرقند مراجعت کردہ بقدمبوسی

پدر بزرگوار فائز گشت" (تاریخ حسن)

[27] خدا بہتر زانان زٕ اَمی کِیہ خیالہٕ چھُ اصلی تاریخ بدلاونچ ضرورتھ محسوس کرمژ تہٕ پندراہ

بجایہ پنژہ تاریخ دِتمت تہٕ عشر (دہن) لفظس عشرین (وُہ) بنوومت۔

آخر یہ ہیر پھیر چھُ کُنہٕ مقصد خاطرے کرنہٕ آمُت۔ ینٛہہٕ کینہ چھُن بہُن تذکرہ پرن واجِنۍ اصل حقیقژ لشہٕ دوٗرٕ تھاونچ کوشش کرمژ۔

دٔویم دسد رازی چھُن امیر کبیرن سندِس سلسلس سۭتۍ کرمژ۔ اصل خط ارشاد چھُ اتھ "اَلحُسَینیۃِ لِلذّھبیۃِ" دنان۔ اَمۍ چھ یم دوٛنوے لفظ کھۄمتۍ[۲۸]

دوٛیمۍ چھُ اصل دستاویزس اَتھن منز۔ حسن تہٕ مسکین تہِ پتہٕ پتھر تہٕ لوٗدی صاحب تہِ۔ اتھ دستاویزس چھُ تاریخ ۱۵ رجب ۸۱۴ھ دِتھ ـــــ مگر ۱۵ رجب ۸۱۴ھ چھِنہٕ برٛسوار (لیلۃ الجمعۃ) آسان بلکہ ژٔندروار (یومُ الاثنین) کیا یہ تحریر لیکھنہٕ وزہٕ آس ناتھن خبرزہٕ اَز چھا برٛسوار کِنہٕ ژٔندوار؟ کم از کم شبِ جمعہ چھُ پرٛتھ مُسلمانس نظرِ تل آسان[۲۹]

کشمیر یونیورسٹی ہندس شیخ العالم سیمنارس اندر (۱۹۹۱ء) یلہ مینٛے گوڈنچہ لٹہٕ یہ کتھ وُنۍ میٲنۍ دوس پروفیسر رشید نازکی صاحب گیہ جذباتی ہوی تہٕ دوپکھ۔ "تمہِ دوہہ اوس شبِ جمعے"۔ حالانکہ یتے چھُ اکس جایہ لیکھان۔

"حضرت شیخ العالم سندس کلامس تہٕ تہندہِ زندگی متلق یم مختلف فی مسایل چھِ، تہندہ خاطرہ چھُ اکھ جانداد تحقیقاتک ضرورت۔ لیکن اگر اَسۍ تحقیقاتک دروازہ عقیدت مندی ہنزہ تالکہِ سۭتۍ بند کرَو، بر وتھہ یکہ نہٕ تمام وَنہٕ کرٛھن بند"[۳۰]

بسوخت عقل زحیرت کہ ایں چہ "بوالعجبی" است

---

[۲۸] شاید یمہ خدشہ زہٕ شاہ ہمدان چھا امہ سۭتۍ شیعہ بنان۔

[۲۹] ہیٚنے بر وتھہ کنہٕ چھ یم زہٕ جدول۔ (۱) مفتاح التقویم از حبیب الرحمان خان صابری۔ ترقی اردو بورڈ نئی دہلی ۱۹۹۷ء (۲) نئی تقویم تاریخی مرتبہ عبدالقدوس ہاشمی ۱۹۸۷ء ادارہ تحقیقات اسلامی اسلام آباد پاکستان

[۳۰] شیخ العالم ژشش صدسالہ تقریبات کیمٹی ہگوڈ کتھ ص ۶

## ( پوٚت عرض )

شیخ العالمؒ تہٕ میر محمد ہمدانیؒ چھِ دو لوٗنے اولیاء اللہ۔ کمۍ سُند درجہ کیا چھُہ، تمیک علم چھُ خدا تعالاہس۔ اَسہِ چھُنہٕ بہزہ روحانی درجہ بندی بیٹھ کانہہ بحث۔ اَسی چھِن چھرا اکھ دستاویزٕ سۭتہٕ کھرہ کران علمی رنگہٕ۔

علمی بحث چھُ اسلامَس جائز ــــ "سلفِ صالح اور ائمہ سے جو آثار نقل کئے جاتے ہیں اُن کی تحقیق ضروری ہے.... اسی طرح اذواق ومواجید ومکاشفات میں بھی تحقیق وتدقیق ضروری ہے کیونکہ ان میں حق بھی ہوتا ہے اور باطل بھی ــــ"
(السماع والرقص ص۵۹۔ امام ابنِ تیمیہؒ)

تاشقندس اندر چھُ قرآن شریفک اکھ سۭتھاہ پرٚون قلمی نُسخہ[۱] بیہ متلق پتہٕ وٕتھ سندات تہٕ چھِ، عام عقیدہ تہٕ، زہ یہ چھُ مصحف عثمان۔ مگر اکی عالم علامہ شہاب الدین مرجانی دِیُت مختلف دلیلو ہٕنٛدِ وَتھہ زہ یہ چھُنہٕ مصحف عثمانی۔ عقیدن لجٕ سنٛخ گرائے، سندات بنے مُشتبہ، مگر دلیل چھَ دلیلٕ۔ یہ چھُ قرآنی قاعدہ کُلیہ: ھاتوا برھانکم اِن کنتم صادقین۔



---

[۱] "قرآن کریم سوویٹ ولیس ہنٛز" اصل طہ دلی منزٕ جم فضل رب اصلاحی، علی گڈھ مسلم یونیورسٹی میگزین۔ دراساتِ دینیہ۔ فیکلٹی آف تھیالوجی۔ ۱۹۸۱/۲۸۲

## ** ذاتِ حق تہٕ راوُن تیوٗل

کشمیر یونیورسٹی اندر سپُد ۲۲ دسمبر ۱۹۸۵ء لوٗکہٕ ادبس پیٹھ اکھ سیمنار، یتھ منز میٖنے تہٕ شرکت کٔر۔ اَمہٕ پتہٕ پانژہٕ رٔتی ڈراو واد مئی ۱۹۸۶ء ہس اندر اَتھ متلق شہادتہٕ راجو روی سند اکھ مراسلہ:-

"کامل صابن کوٚر رندہٕ ایلان زہ تمن چھنہٕ خدایس پیٹھ
پٔژھ نہٕ چھ مانیتے۔ یتہٕ چھُ انِل حقے۔ دفتی کیا اوس
لوٚہ پتہٕ یہ لغرہ یونزناوُن"۔

کرمیانے کوٚڈُم تکیاز اتھ سیمنارس اند دُتھ خدایس متلق کانہہ کتھا زِ یہ پیوٚسس نکارس۔ اما پوٚز انِل حقس پیٹھ پیوم پتُن یہ شارٕ زہ ہتس:

متصوٗرسہ بیچارہ لوٚ دُکھ زندہ فناہُس
کاملَ ؟ سہ کوٚر دُکھ کتہٕ کنے، ساتہٕ کنے آکھ

سہ ٹھاڑتھ دِتھ باسیوم زہ بخش دوران ووٚن میٖنے اکس مسلس مُتلق زِ یہ چھُس کاشرِ تہٕ تمہِ سارِکے وارِث تہٕ تتھ پیٹھ چھُم ناز، یُس بتھ کالہِ پیٹھ اَز کالہِ تام یتہٕ زاو، پوٚت ووت، تہٕ پتہٕ پرٕتھبو و۔ خاہ سُہ پساڑ باناگہٕ کلچر اوس، ہندی یا بُدھ سیتا اوس، یا اسلام تہٕ تمیک نمدن۔ بامے سہ مہایان اوس یا ترکہ یا صوفی مت۔ یہ چھ

بۆن کتھ زہ مێنے کتھ ستی کوتاہ سمہٕ ژاد چھ تہٕ کوتاہ چھنہٕ۔ خبر
اَتھی کلاس پیٹھ ماچھم بے دین تہٕ خدا منکر ناو پیومُت ؎

سب ترے سوا کافر، آخر اسکا مطلب کیا
سر پھرا دے انساں کا، ایسا خبط مذہب کیا (یگانہ)

## اصلی دین

حٲرانی چھَ یہ زہ شہباز صاحب چھ مێنے اکس مذہب چہ گنجہ تہٕ گنڈان
تہٕ خدا منکر آسنک شفہ تہٕ کھاران۔ شہباز صاحب آسن زانان زہ تمام
دینَن چھَ ترے[۳] کتھہ سرفہ زٕ، اگرچہ تہنز وَن وَکھنے چھکہ پنہ تہٕ
پنہ زٕ آبہ کرہٕ ژر ـــــــ اکھ وجود حق[۱]، دوّیم وجود روح[۲] تہٕ

---

[۱] خدایہ سندس آسنس نہٕ چھ عٲمتی نظریہ۔ محیطِ کُل (IMMANENCE) ہستیٔ
مُطلق (TRANSCENT) ہمہ اوس (PANTHEISM) دیوواد (DEISM) خدا
پرستی (THEISM)

[۲] [بہ چھس مانان] روح چھ خدایہ سنز پٲدایش (تخلیق)، یہ نہٕ چھ تسند ظہور، نہ چھ ورگہ
سے پاہہٕ۔ پٲدایش آسہٕ کنی چھ اَتھ اکھ ابتدا۔ یہ ابتدا آسنہ کنی ہیکون تہٕ یہ کُنہٕ پٲٹھی
لاابتداہس ستی ہشر آوتھ، کُنی رٲوتھ یا شَنس ستی شُنی مِلناوتھ۔ یُد دے اتھ ابتداء چھ، مگر اکابل
آسنہ کنی چھس نہٕ اند یعنی فٲنی چھنہٕ۔ اکابل آسنہ کنی نہ چھ ڈب لگنہٕ وِزہ جسمس اندر کینہہ
اژان تہٕ نہ چھ مرنہٕ وِزہ کینہہ نیران۔ یہ چھ ینتھہٕ کنہ اَژنہٕ تہٕ نیرنہٕ لسنہ بالاتر۔ یہ چھ مکانی
حدبندی نیبر روزنہٕ مادی جسمس کُنہٕ تھاوان تہٕ کڑہ رٹان۔

ژٕھُن زندگی[3] بعد موت۔ مذہب چھ داریاہ، حاشیہ آرٲیی چھکھ وکھرٕہ وکھرٕہ مگر متن یا موٗلہ اُصول چھکھ کُنی۔ تکیازِ سارٕی چھِ اکی آگرٕہ منزٕ دٔرِتھ دٔرِتھ دٔرامتی۔ موٗلہ اُصولن ہنز پٲرٕی زان تہٕ شرٛیٚتھ چھ دیٖن دٲری تہٕ خدا پرستی۔ مولانا رومؒ چھ شاید اَتھی گوٗج تہٕ وَس (مغز) وَنان سہٕ من زِ قرآں مغز را بر داشتم، تہٕ حاشیہ آرٲیی کینژھ تہٕ اڈِجہٕ (استخوان) نادٕ دِوان۔ اَسی چھِ اَتھی حاشیہ آرٲیی پیٹھ اکھ اکس رَتھ والان تہٕ کلہٕ ٹھاسان تکیازِ دیٖنی حقیقژ تام چھِنہٕ پیٚن —

— چوں ندید ند حقیقت رہِ افسانہ زدند۔

یہ چھُس نہٕ بہٕ تصوّف بلکہ عاٖم دیٖن وَنان۔ تکیازِ پھانچہٕ زہدہ گری تہٕ بِرسٲے نٔوحا نیژ ہُند چھُس نہٕ بہٕ پان مٲری دِلوانہ۔ بہٕ دوہ لوٗنے رِچھ مذہبی قدرٕ[4] بندی ہندی سوٗتھی ژٕٹان۔ بیٚلہ مذہبُک سداہار رُح اَتھ اندر راوان چھُ، انسان چھُ لارٕ من سیکہٕ صحراوَن اندر اتھچھِ

---

۳ہ [ بہٕ چھُس مانان ] یہ کاے تراوِتھ چھُ انسان پنُن رُح تہٕ باطن ہیتھ (دیٖن کہِ گاشہٕ پٔژ زلِتھ)، رُوحانی بیدارٕی تہٕ باش کس تتھ درجس اندر اژان یُس تمی دُنیاوی زندگی اندر پرٛووُمت چھُ آسان۔ اَمی درجہ پیٹھٕ چھُ یہ بروٚنٹھ کُن کمال بنِنُک سفر شروع کران۔ انسٲنی کمالات چھِ اَنتھ رٔوسی مگر پنٕنے انسٲنی وانگس (دآیرس) اندر۔ انسان ہیکہِ نہٕ پنٕنہِ اَمہِ وانگہٕ نِبر سیٖمیرٕن ہندِس وانگس اندر قدم تراوِتھ جہِ جاییکہِ خدایہ سندِس وانگس اندر تراوِتھ کھٕژِتھ تَس سٕتی گٕنڑِتھ لیٚن۔ رُح چھُ ترقی کُن لمان، اَتھ چھُنہٕ تنزُل۔

۴ہ قدرہ بندی ( VALUES ) گو نہٕ مذہبی شٹھنیاد بلکہ موٗلہ انہارن ہنز یاسدآری

سۄ تان۔ پانہٕ تہٕ چھِبہٕ گژھان تہٕ بنٕ تہٕ چھِبہٕ ژھتان سۄ یہٕ سالک
مقامات میں کھوگیا۔ عجم کے خیالات میں کھو گیا۔ تصوّف چھُ (ذاتی ذِکرِ
فکرٕ پیٹھ) شخصی نجاتُک ذٔرِیس دِوان تہٕ مذہب چھُ (وحی چہ
بُنیاد پیٹھ) سماجس کُلہم پأٹھی ترقی ہنزٕ وَتہٕ لاگان۔ مگر امہٕ تلہ گژھہ
نہٕ یہٕ ژانُن زِ مذہب چھِہ روحانیژِ وٕس خالص اکھ سماجی تنظیم۔ بلکہ
مذہبُک مول کردار چھُ شوٚن زِ روحانیت۔ یہ چھُ چھٕنِس تصوّفس
مقابلہٕ اکھ دُوَر قوّت۔

صوٗفین ہُند یہ خیال زِ محض جذبہ تہٕ وَجدٕ کِنہٕ، ترک دُنیا،
ذِکر تہٕ فکرٕ کِنہٕ، ہیٚکہِ خدأیی عرفان ممکن سپد تھ، چھُ چھوٚن بٔرم۔
وَجدٕ پنج سۄ حالتھ یتھ اندر عناصرن ہندٕ مدٕد وَراۓ رُح تجربہ
پٔراوٕ، چھُ بلکُل بے بروٚسہ۔ یمن تجربن ثقہ بنیاد عطا کرن وول
چھُ فقط دین تہٕ تمیُک وَتہٕ گاش۔

بُدٕ وَے کینژن ہُند وَنُن چھُ زِ تصوّف چھُ چھرا فلسفہ، یہ چھُنہٕ
کُنہِ رنگہ مذہب، مگر اکس صوٗفس ہرگاہ [illegible] تہٕ مذہبی ژھاے گراے
آسہِ تہٕ، سُہ ہیکہ نہٕ صوٗفی آسِتھ۔ اَوے کِنہٕ چھُ نہٕ ژھہ کألی، کانٛہہ
صوٗفی تِتھ ووٚنمُت، یمس نہٕ پتہٕ وَراثی مذہبچ کانٛہہ لاگ چھٕ
آسمٕژ۔ ووٚنی گو مذہبچ یہ لاگ چھٕ چھرا لاگہِ تامِے محدوٗد روزان
دینٛدارٕی چھنہٕ ہیکان بٔنتھ۔ تکیازِ دینٛدارٕی مَنٛز چھِ دینی عبادژ
تہٕ اخلاقی طریقہ ییوان پالنہٕ یمہِ خاطرٕ نہٕ صوفی تیار چھِ آسان۔

## میٚنٛزِ مٔری

مٔنٛزی چھُم عرض زِ تہٕ کیازِ، چھوَن لوٗپے ذٔر تہٕ کجٕ وِچھن پِرھان بانٛمن گرٛھن نہٕ کاُنسہِ ہنٛزٕ (مثلن دٔہری سٕنٛزٕ) دلیلہ کنَن گرٛھنہٕ؟ تہٕ ہی یوت چھا ایمان دوٚر تہٕ تمن چھُ کوٚچ؟ کیا تِم گرٛھنا یوٗنی ورسٹیوَ اندر نیرتھ تہٕ ذہنی تہٕ علمی لحاظہ تٔتیٕ نے آہسنی یتہِ نسَ کانٛہہ اپوٚر تہٕ بے باش آسہِ؟ حضرت! لوٗپے چھَ کرٕتام ڈٕجمرٕ۔ وجہ؟ سائنسی نظریات۔ خاص کر یہ کیتھ زِ زندگی تہٕ کائنات بوٗد گرٛھنَس چھُنہٕ درپردہ کانٛہہ تہٕ معنہِ مقصد۔ یہ کیتھ چھَ مذہبس بالکل موٗل گالان ۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔

اَمہِ پتہٕ ہندیُس اکھا یتھ گرس منٛزاو تہٕ پرٛھبوو، تمہِ کےٚ دین توٚرس وَراثتس اندر تہٕ؟ نبنی کانٛہہ زھوٚنڈ ژھآر، کانٛہہ تِچھ تہٕ بوتشوٗرٕ کوٚرُن نہٕ۔ کینژھا ہیوٚس نہٕ ضروٗرت تہٕ کینژھا دِژہس نہٕ اور کُن وَتہٕ۔ یہٕ روٗد چھرا "بابہٕ دین" نالہِ مَنہِ رٔٹھتھ۵۔ امس بچارس چھ لالؔ شالن کھیٚمٕ

لالہِ ژوٚلےٚ شال ہیتھ، نیال تہٕ روٗدیے نہٕ ہیتھ
دٔھتہٕ قدم وٕنٹِن، لہو تہٕ زھرِن محملن

---

۵ اُتھی چھِ وَنان "اَنٛدِ ساَر" (تقلید) مولانا روم چھ وَنان زِ یوٚت تام تہٕ "بابہٕ دینس" پٕرکھئے کرکھ، توٚت تام چھوَن دینداراٰسُن چھُ مشتبہ

تا تو از تقلید آبا نگذری     کافرم من گر تو از دیں بوٗبری

تکیازِ مقلد گاہ نہٕ دلیلہ دِتھ نمہ چھُ سرا سرِ بے زو آسان،

کاں مقلد صد دلیل و صد بیاں     برزبان آرد ندارد ہیچ جاں

یہ نوٚ پُے چھِ چھرا میٚنٛژرہ مٔرِ ۔ یِمَن میٚنٛژرَن مُربٕن کُس بٔرِ خدٲیی رُح؟

دِہَن تہٕ دھرمن ہندی وِتہٕ ہاوٕکی تہٕ لکھٲری یہ کینٛژھا وٗنان لیکھان

چھِ، سُہ چھُ علمی تہٕ ذٲتی ہندِ اعتبارٕ۔ تیٚوٕت ژھوٗنٛژ تہٕ ییٚتھ کھہ دِ تہٕ

علمی لحاظہٕ ڈیکچل اَتھ لوٚر پٮ۪ہ چھُنہٕ سُہ چکارِس تہٕ کھسان۔ یِمن لیٚس علم

زندگی تہٕ کاینا تس متلق چھُ، تمیک خاب تہٕ اوس تہٕ ییٚتھ کالہٕ کٲلسہ وچھُن

مگر تہٕ آستھ تہٕ چھِ یِم اُندری سوہ سرے ہیتی۔ قصور کہند چھُ؟ دوہ نی چلہٕ نہٕ

مذہبی اجارہ دارن ہنز یہ کتھ زِ سوٗنچُن تہٕ ژھٕنڈُن چھُ تہنز کام تہٕ

مانُن تہٕ زانُن چھُ عوامُک فرض۔ اَزٕچ پُے چھِ دِبان، یہ کوٚہ سوٗنچہ

ییٚنہ" دماغ، وُچھ ییٚنو اَچھو، لِو تہٕ ییٚنو کنو تہٕ ژٕہٕ ییٚنو فکرو۔

بیاکھ کیازہ ٹٕلہ میانہٕ یاییٚتھ یہ تکلیف؟ یہ اپُر رٔچھُس نہٕ نہ کانٛہہ اجد

خان دِیِم دٲے۔

## وجوٗدِ حق

اَمہٕ ضمنی کتھِ ییٚتہٕ چھیرِو یہ خدایس کُن واپس ـــــ اکھ گو وجوٗدِ حق، بیاکھ

گو ذاتِ حق۔ یمَن دوٚن منز چھُ فرق اگرچہ عام پاٹھی چھِ کُنی مانہٕ وَرتاوَنہٕ

یِوان۔ وجود گو "آسُن" (EXISTENCE) تہٕ ذات گو "سار" یعنی

(ESSENCE)۔ خدایہ سندہ آسنُک ہیکہ پاس سپدِتھ، اما یوٚنہ یہ آسہ

ژھوٗر پاسے یوت۔ یہ پاس تھُرہٕ ییٚنہٕ تُلا خاطرہ ورگہٕ دلیلہٕ نہٕ دوٚنی

بیچ خدا مون، تس ہیکن خدا زکٲرس مقابلہ الناس، اوٚنٛدیکس

نہٕ خوہٕ خدایس متلق ہنٛد سوال گرمال کرِتھ۔ کیٚنہہ ییٚو دِ تہٕ کیٚنہہ کھٔری دار۔

بشرطیکہ ذہن آسہِس کھن ٹارِی - نتے بقولِ اقبال "مُشدِ موٚنڈ (ابلۂ مسجد) اوس نیلہ بتے تہٕ بی بوزن، تتےٚ تہٕ تی چھُس ٹاوِیرٕ ہ۔ سوال ووتھنی گوشتحر چھُ اڑ دوٚر۔ سُہ کھوتہٕ تہٕ سوالن، بلکہ روزہٕ (زندگی کرنس تتی ستی) جواین ہنر کل بہ دتہٕ کران دینگہ کاشہٕ تہٕ پنتہٕ گاٹہٕ۔ دینکہِ لوٚرہٕ ستی چھُنہ عقل دٔتِہٕ داوٕل بنان ؎

پس نکوگفت آں رسول خوش جواز

ذرۂ عقلت بہ از صوم و نماز

ذآتی طور چھُس بہٕ وجودِ حقُک قآیِل، کینژھا ہتِن باس پانس سُتی دآوتھ (علم چھُ اتھ ٹھوٚرِ بنان مگر بصیرت چھُس نہٕ کانہہ تھوہس انان) تہٕ کینژھا عالم امرچ (پیغمبرن ہنز) باوٕتھ مَنہٕ شرٕ پرٕ آوتھ۔ بہٕ چھُ الگ کتھ زِ یمی پیغمبرن یمہِ زمانہٕ ہیتھہ پآٹھی خدابیش کوٚر، تمہِ زمانہٕ تتھہٕ پآٹھی مون سُہ تسند بوٚ پآر وکار و۔ تکیازِ پیغمبر چھُ انسٔانی فِکرِ تہٕ عملہِ پرٕ ہتھہ زمانہٕ لوٚ وسانچہٕ بخشان۔ بہٕ سانچہٕ چھُ خدایس پیٹھ ایمانچ پرکھآے بنان۔ کُس ووتھ اتھ سانچس اندر تہٕ کُس ژوٚل۔ یُس ووتھ تہٕ لوٚک برونہہ یُس ژوٚل تہٕ گو پتھ۔

دین چھُ روحٔانی تہٕ سمآجی نظامچ بُنیاد اُتھی موٚلہ اتہارس۔ یعنی وجودِ حقس (زندٕ ذاتِ حقس) پیٹھ ترٚاوان۔ دوٚیمِن لفظن منٛز ہیتھ تصورس پیٹھ زِ اَسہِ بالا نر چھُ اکھ ہستی یُس سٔہ کآینانچ دوہ پرٕ اوَن ہارٕ چھُ۔ یُس سُہ اَسہِ وِزِ ہ رہبری کران چھُ تہٕ یُس سٔہ مرٕ نہٕ پتہٕ اَسہِ وٕتہٕ کآشراوان

چھَ۔ اُتھی وجودِ حق چہ بنیاد پیٹھ چھہٕ سماجس اندر، وقتہٕ مطابق، بندگی
ہندی طرز، اخلاقی قدرہ، لسنکی تہٕ بسنکی ضابطہ مقرر سپدان۔
ہُمنا پنڈی تِل ہاوتھ کرہ بہٕ ییتھ کنی عرض زہ اکھ گو عالمِ حق، یعنی اکہ شخصی
خدایس یُس ہمہ کاینات دوہ پراون ہاوچھ تہٕ کاینات دوہ پرآوتھ
چھُ ییتہٕ آمہ دوہ پتہ (پادشاہ) نشہ ہیوٗن تہٕ بدون لامکانس اندر گیتھ[٦]۔
اوت ہیکہ نہٕ کانہہ ذکر تہٕ فکر واتتھ[٧]۔ دوٚیم گو عالمِ خلق یعنی تہٕ
سوٗرے کینہہ یہ عالمِ حقن پادہ کوٚر، اَتھ منز چھِ اَسی اِنسان تہٕ شامل۔ ترییُم
گو عالمِ امر یعنی ہُمن دوٚن عالمن درمیان اکھ پلوٚ، اکہ واسطہ
پیغمبر[٨]۔ امی عالمِ امرکہ ذریعہ چھِ عالمِ حقکی گوٚن تہٕ نیشہ ظاہر سپدان
ییتھ پاٹھی کانہہ شخص کوناہ تہٕ جاکھی تن خدایس ستہ ذاتُک عرفان
ہیکہٕ نہٕ پراوتھ، تِتھے پاٹھی ہیکہ نہٕ کانہہ ناہ تہٕ بیان ماری کرتن عالمِ امرس
(پیغمبرس ندس) کنُہس واتتھ۔ یہ چھُنہٕ عالمِ حق (خدایس) مگر تمہ نشہ الگ نہٕ

---

٦ خدایس نش دوہ پزن ماری چھ اکھ اتھ ہیتی عمل۔ تمس ستی پکہ ڈتی۔ یہ نہ چھ نہ کانہہ گامر تہ گژھ

٧ ہمہ اوس (وحدت الوجودی) صوفی چھ اَتھ برعکس وَنان زِ تمام پادلیش چھ خدایس ستہ ظہور
گُلکی بزن، تمیک عرفان تہٕ تتھ ستی واصل سپدن چھُ عاین ممکن۔

٨ تصوف چھُ چھرا عالمِ حق تہٕ عالمِ خلق مانان۔ عالمِ امرس تہٕ چھُ عالمِ خلقس اندرے مُجر الوان۔
یِہ چھُنہٕ مذہبی تصور۔ تم چھِ عالمِ امرس محض اکھ سرمشق زانان۔ توٚے چھنہٕ تمہ کین ضابطن
سماجی قدرن تہٕ بندگی ہندین طور طریقن ہنز پادوی مرزوی سمجھان۔ بطورِ اعلا سرمشق
چھس گوٚن گیوان، مگر بطورِ عالمِ خلق چھس پانہٕ سے ہیو زانان۔

نہ ہیکون نہٕ کڈِتھ۔ ہرگاہ کڈون یہ موٚژہ عالم خلق (محض بشر) تہٕ اہنز پاروی چھِنہٕ ضروری بنان۔ قرآن چھُ اَتھ خیالس کفرٕ وَنان۔ فرماوان چھُ زٕ یِم لُکھ خدالس تہٕ تسندین پیغمبرن لکارس چھ پیوان، تمس تہٕ رسولن اندر بین چھ وَنناوان، تِمے گیہ کافر ۹ ۔مولانا رومؒ چھُ یہے کتھ یتھہٕ کنی وَنان ؎

چوں خدا اندر نیاید در عیاں نائبِ حق، اند ایں پیغمبراں
نے غلط گفتم کہ نائب یا منوب گر دو پنداری قبیح آید نہ خوب
نے دو باشد تا توئی صورت پرست پیش او یک گشت کز صورت پرست
چوں بصورت بنگری چشمت دواست تو بہ نورش در نگر کاں یک تواست

یعنی خُدا تہٕ پیغمبر زٕ گنزرنی، چھُ غلطی تہٕ کُفر۔

## ذاتِ حق

ہمہٕ خدا پرستی ہُند یہ قایل چھُس تہٕ کو رمیٚنے ژھوٚنڈِ پاٹھی بیان۔ امہٕ پتہٕ تہٕ ہرگاہ خدا مُنکرے روٗدُس تہٕ تالہٕ پیٚٹھ ــــ یتھہٕ مضموٗنس ہیکہٕ ما یہ یتی نے اَلبدٔ کرِتھ، مگر ذاتِ حق (THE DIVINE ESSENCE) یِچ کتھ میٚنے وجوٗد حِس ستی رَچھ ، روٗز پرٕہ تہٕ تشنہٕ۔

میٚنے کو دعرض زٕ عالم حقِ (خدائے) چھُ پنہٕنس لامکانس اندر گیتھ ؎

دُ پیتھہ الست ہیوتُن مائے پہٕنزٕن پیوٚ واسہٕ قالُوا بلیٰ
یا مزٕ رودگیتھ، اَسی لاگنِ بلائے (شاہ غفور)

---

۹؎ ان الذین یکفرون باللہ و رسولہ و یریدون ان یفرقوا بین اللہ و رسولہ ....
(النساء ۱۵۰)

سۄ چھُ سانہِ گیانہ، دۭیانہٕ، ژ ہنھ ژ ہترہ، ظوٗنہٕ اُلکلہِ نشہ بالا ترٕ سہ

عقل تہٕ فکر تور کوٚت سوزکھ کمی مالہِ چینتھ ہیوٚک سۄ درِ یاوٕ

تس ہیکہِ نہٕ سانہِ کُنہِ علمچ کمند ۜ[١٠]ۜ ۜ[١٠] تِیل اَنتھ۔ یہ علمس اندر ییہ، سۄ بنیو معلوم تہٕ معلوٗم روٗد نہٕ خداے، تکیازِ تمیکُ روٗد کانہٕ شکل صوٗرتھ، انگ رنگ، پۆتھ چیز ییہِ وُلس ژل تارنے سابستی تہٕ معروضی پٕکھاے ہکیس سِینہ۔ وۄنی ییلہ ذات معلوم کہٕ وانگہٕ (دآیرٕہ) نیبر چھَ، تیلہ کمی زَن وُچھ تہٕ کیا زَن وُچھ؟

نہ چھُ کنہِ گردس نہ چھُ کنہِ لوٚن وَنہٕ کیا تور چھُنہٕ واتان ظوٗن

عرفانِ ذات نہٕ سپُد ممکن، نہٕ ہیکہِ ممکن سپد تھ۔ یہ امکانس اندر ییہٕ تہِ چھُنہٕ خداے۔ لوٗزِچہِ وَنہٕ چھَ بند نہٕ ژھوٚنڈ ژھآر چھَ چھُنی تہٕ چھَرٕہ والپس پھیران۔ اَلسبیل مسدُود والطلب مَردُود [١١] البتہ اکھ عالم امر (پیغمبر) چھُ یُس امیکُ کُنُ خلیفہ نہ نآیب، کُنُ نمایندہ تہٕ نمونہٕ تہٕ کُنُ ظہور تہٕ جلوہ چھُ۔ سون سوٗرے گیان دۭیان تہٕ مان سَمان چھُ تسی تام واتان تہٕ سُے ژھان نہٕ۔ یہ کینژھا ذاتہٕ کس اَتھ عرفانس مُتلق باونہٕ چھُ آمُت سُہ سوٗرُے چھُ انسآنی ذہن چہ حدبندی اندرٕ ے وَننہٕ آمُت۔ کوتاہ تہٕ ژھوٚد کاتھہ وُبھوار کری تن، گآتہن نہٕ سرن اَتھ ترآوی

---

[١٠] علمس چھِ کُژ قسم تجرباتی، وجدانی، تجزیاتی، استنباطی، الہامی بیترٕ۔

[١١] صوفی چھِ ونان زِ عرفانِ ذات ہیکہ" باطنی حواسو" کنی ممکن سپدتھ۔ مگر باطنی خواس تہٕ چھِ جسمانی عملہ تہٕ حواسن ہندی نتیجہ تہٕ حدبندی ہندی شکار۔

تن، نہٕ چھُنہٕ اصل بلکہ تسندین پنٕنین خیالَن، قیاسَن تہٕ بیدارگامنین جسمانی قوتن ہندی عکس، آباس تہٕ وِہ۔

اتھ ذاتس سٟتی ہیکوک نہٕ اسی تم جذبہٕ احساس تہٕ گوٗن وابستہ کرٕتھ، یِم اَسہِ منوشن ہندی خاصہ چھِ۔ اتھ ذاتس چھُہ نہٕ کانٛہہ ناو تہٕ۔ تاو چھِ آسان موصوٗفس تہٕ موصوٗم گوٚیُس کُنہٕ نہٕ طرلقہٕ بدِہ ہیکہ سپدِتھ۔ بم ناوا اَتھ نھا وِنہٕ چھِ آہتی، اللہ، یہواہ، پرماتما، خُدا، یزٕدان، دٔے بیترٕ۔ سٲری چھِ سانہ پچھانہ باپتھ ؎

خداچھُہ اکوے ناوچھُس لچھا    اَنوٕآیس تہٕ ناوے کیا

اللہ آو دِپنٕس یا رحمٰن، کُنہٕ تہٕ ناوِہ دِپِوٕس آو تمی سندی

سٲری ناو چھِ پرٕتی تہٕ ذبرٕ"    (بنی اسرائیل۔ ۱۱)

اَسی چھِ پانہٕ وٲنی ناوَن ہیٚتھ ژُوان تجادِلُو ننی فی اسماء (اعراف) نہٕ ذاتِ حق ہیٚتھ، یوسہٕ کُنی چھَہ، بے ناو چھَہ۔ اَسہِ چھُہ محض پنٕنین وہمن تہٕ گمانن ہُندٕ راوَن تیوٚل۔

## اَند

تُہی ماٗڈِبہ گو ذاتِ حقک حدٕہ روٗس اکاے تصوٗر۔ بہ چھُس بی مانان نہٕ میأنی کِنی چھُہ پرٕ بتھ دپن یی وٕنان۔ ذات ہیکی نہٕ کُنہٕ ظاہری یا باطنی طرلقہٕ انسانی کوٕمہِ اند رٕبتھ۔ یلہِ نہٕ ذات کا پہٕ آیہ، تمکی صفات کُنہٕ ین۔ محض ذات کوٕمہِ تہٕ کا پہٕ! نہٕ خاطرٕ مادوٗ نکھ بقول اقبالؒ "بیکرِ محسوس" بنٲوِتھ تنھٕ ذہنی پوٗزا کرٕنی ؎

ہرچہ اندیشی پذیرای فنا است

اُنچہ در اندیشہ ناید، آں خداست (اقبال)

پوٗز چُھ یہ زِ کتھ کرٕنۍ ہُند آسان - دربٕٹھہ چھُ یہ کنبُر ھا، مگر خیال تہٕ تصوّر چھُنہٕ ہنہٕ - سُہ چھُ چھراگمانُے گماہ - فاعتبروا یا اولی الابصار ؎

ذاتِ عیب منیع لا یُدرک — چوں مقدس بود زعیب و شہود

عارف ذاتِ حق کسی نشود — کہ رہ معرفت بوُد مسدُود

اسہِ پتہٕ دین تہٕ دینک رُوح پیٚٹھ زناوُن تہٕ پانناوُن. کُنڈ ترآونہٕ گوژ رٕنز تیلی ہیکو أسی وۄتل بجُونشہ پان موکلاونہٕ - سون تصوّرِ حق سَپدِ دُرُس خداپرستی ہُند باس گژھہٕ تہٕ دَرِہ - اندرِیُم رنج تہٕ شنٹھبار پھُٹہٕ - ساٚنی نظر لَبِہ سوٚدرہ سبزرتہٕ سون پھوٚر سَپدہ کُشادہ ____ مگر دینٕ تہٕ تمیُک رُح کیاگو؟ اِمچ اکھ نٕتی چھُ اقبال سُندی یم شار

دیں سراپا سوختن اندر طلب — انتہالیش عشق، آغازش ادب

حرفِ بد را برلب آوردن خطاست — کافر و مومن ہمہ خلق خداست

بندۂ عشق از خدا گیرد طریق — می شود بر کافر و مومن شفیق

آدمیّت احترام آدمی — باخبر شو از مقامِ آدمی

مگر یتھٕ ے آز چھِنہٕ کَنھ !!



# ** نیب [ شجرٔ ]

## * نیب [رِسالہٕ تہٕ کِتابہٕ]

انہار کشمیری ڈپارٹمینٹ کشمیر یونیورسٹی

آجکل (اُردو) محکمہ انفارمیشن حکومت ہند

دراساتِ دینیہ شعبۂ دینیات مُسلم یونیورسٹی علی گڈھ

شیرازہ کلچرل اکیڈیمی

علمدار کشمیر کلچرل آرگنائزیشن

کاشُر ادب چنکرال محلہ سری نگر

کشمیر ٹایمز (انگریزی اخبار) جموں

کوہ نگ پوش آل سٹیٹ کلچرل کانفرنس

گاش (اخبار) ابن مہجور

گلُریز کشمیر بزم ادب سری نگر

معارف (اُردو) اعظم گڈھ۔ یوپی

نورِ آگرُ مراز ادبی سنگم۔ اننت ناگ

واد گوجوارہ۔ سری نگر

یغما فارسی رسالہ

ادبی اصطلاح غلام نبی فراق

اصلی موسیقی حافظ احمداللہ

ایران صدیوں کے آئینے میں امرت لال عشرت

باغِ عروض خضر مغربی

بحر الفصاحت محمد نجم الغنی

بہارِ گلشن کشمیر سیف الدّین

تاریخ کشمیر سیّد علی

تاریخ کشمیر غلام حسن کھویہامی

تاریخ کبیر محی الدین مسکین

تذکرہ اولیائے کشمیر حسن کھویہامی

تقویم تاریخی    عبدالقدوس ہاشمی
خوارق السالکین    مُلّا احمد ہادی
دٔرِ صدر (قسط اوّل)    غلام نبی نورانی
رسل میر (کتابچہ)    امین کامل
ریاض الاسلام    عبدالوہاب شایق
ریشی نامہ    بابا خلیل
سٹڈیز ان کشمیری    جیالال کول
سون ادب    کلچرل اکادمی
شمس العارفین
شیخ العالم    شش صدسالہ جشن کمیٹی
صوفی شاعر    امین کامل
فتحاتِ کبروی    عبدالوہاب نوری
فرہنگ آصفیہ    حیدرآباد
قصیدہ لامیہ    بابا داؤد خاکی
کأشر ادبُک تواریخ    ناجی منوّر، شفیع شوق
کأشر ڈِکشنری    کلچرل اکادمی
کأشر شاعری    محی الدّین حاجنی
کأشر صوفی شاعری    موتی لال ساقی
کشمیر اَنڈر دی سلطانز    محبُ الحسن
کشمیر زبان اور شاعری    عبدالاحد آزاد
کُلیّات شیخ العالمؒ    موتی لال ساقی
کہوٹ    رحمان راہی
گلگت اور شنا زبان    محمد شجاع ڈاکٹر
گوہرِ عالم    محمد اسلم منعمی
للہ واکیانی    جارج گریرسن
لوٚہ تہٕ پرٔو    امین کامل
مُسلِم رول اِن کشمیر    آر۔ کے پارمو
مَس تَلر    امین کامل
مفتاحُ التقویم    حبیب الرحمان خان
مقالات    محی الدّین حاجنی
نوُر نامہ    امین کامل
نوروزِ صبا    رحمان راہی
واقعاتِ کشمیر    محمد اعظم دیدمری
ورڈ آف للّا    رچارڈ ٹمپل
یاون ہیج    کامل وہارون



# جوابَن چھُ غرض

حِصہٕ دوم

کینژن مَضمونَن ہٕندی عنوان :

بخنتہٕ بُڈ سَڑک تہٕ وَتہٕ کون
قبرِ موسیٰ تہٕ کرالہٕ موشجہٕ
کُلیاتِ رسل میرتہٕ ڈلی سأر

نأدِمن مُلاقات تہٕ سُرٕ پاس
کأشرِ شاعری ہٕندی مَسلہٕ تہٕ ٹلی بیگ
نُسخہٕ فتحٕ اللہ تہٕ ٹھَباہٕ ٹھَس
کأشرِ ڈکشنری تہٕ ژرٕ ژدہ سُر

جوابن چھُ عرض — حصہ اوّل — امین کامل

Amin Kamil

# Jawaban Chhu Arez

## Part-I

(Replies: Literary Articles in Kashmiri)

**سوال جواب**

یہ کتاب پٔرتھ یِم تہٕ سوال !
اِشکال کیٛا نتہٕ دِکتَس کُنہٕ تہٕ
مضمونَس مُتعلق ووٚدہٕ بٔن ہرگاہ
تِم چھے تام واتان ؤنیٚ برٕنٛہ.
جواب چھیہ کُنہٕ تہٕ ہیٚتھ دِمیس
جیمَس اندرٕ 'سوال جواب' ناوٕ
تِمَس دِوستہٕ نِشہٕ ناد دِتھ ہا !
یتھ کُنہ شۆیہ عدمٕ دِنچ کوشش کرنہٕ.

Printed at J.K. Offset Printer, 315, Matia Mahal, Jama Masjid, Delhi-110006